# پرزنتھ



*Courtesy Brigadier Ratan Kaul*
*C/o' koshur Samachar ' Lajpat Nagar (New Delhi)*

ہِندی زبانہِ منز چھاپ تہٕ ترٛے کأشر زبانہِ منز ییٚن منز اَرزہ تہٕ وہرِش قأبلِ ذِکر چھِ ۔ ڈاکٹر صأب رُود کشمیر یونیورسٹی منز ڈین آف سٹوڈنٹس ویلفیر ۱۹۸۰ پیٹھٕ ۱۹۸۴ عیسوی تام تہٕ این ایس ایس کارڈِنیٹر رُودی مُسلسل ژوٚن وریہِ ۔

۲۰۰۱ عیسوی منز میج ڈاکٹر صأبس کشمیر یونیورسٹی پیٹھٕ ڈی لٹ ڈِگری یمیٚلہِ تِمو پیٚترِنس تحقیقی مقالہٕ "کأشر شأیری ہِندین خاص رُجحاناتن ہُند تنقیدی مُطالعہٕ" ۱۸۵۰ عیسوی پیٹھٕ ۱۹۷۰ عیسوی تام عنوانہٕ پیٹھ کوٚر ۔ یِم چھِ گوڈنِکۍ کأشرۍ یِمن کشمیر یونیورسٹی پیٹھٕ یہِ اہم ڈِگری عطا آیہِ کرنہٕ ۔

ڈاکٹر صأب سپُد ۲۰۰۱ عیسوی منز ریٹایر تہٕ تمہِ پتہٕ چھِ تحقیقی اَدبس دِل وجانہٕ خدمتھ گران دِنہٕ تہٕ چھِ اتھ سٟتۍ وابستہ ۔ ازکل چھِ یِم جِنیہِ روزان تہٕ وارِیاہن سماجی ۔ ادبی تہٕ ثقافتی اَنجمنن سٟتۍ چھِ وابستہ ۔ یتھ ژھوٚٹِس مُدتس دوران آیہِ یِم ادبی خدماتن عوض مختلف ایوارڈو سٟتۍ نوازنہٕ پیٚٹھ نادِتھ یأتھی چھِ ۔ ۲۰۰۳ عیسوی منز جموں پیسنورما طرفہٕ "پنڈت پریم ناتھ بٹ ایوارڈ" دِنہٕ ۔ ۲۰۰۴ عیسوی منز ناگراد اَدبی سنگم طرفہٕ "وِتستا ایوارڈ" ۔ پیرپنجال دستی ۔ آی ۔ ایس ۔ پی ۔ ایس) طرفہٕ اچھوگیٹ ایوارڈ ۔ ۲۰۰۵ عیسوی منز جموں کشمیر صادق میموریل کمیٹی ڈسی "مرحوم جی ۔ ایم ۔ صادق" ایوارڈ عطا کرنہٕ ۔

# پژنتھ


بھوشن لال کول

ایم ۔ اے ۔ پی ایچ ڈی ۔ ڈی لِٹ



شوبھا پرکاشن ۔ ۷/۷ نانک نگر جموں

9419104787, 0191-2438676

# ترتیب

| | |
|---|---|
| کِتابِہ ہُنٛد ناو | پٔنٛژ نٔنٛھ |
| لیکھن وول | بھوشن لال کول |
| پبلِشر | شوبھا پرکاشن |
| | نانک نگر جموں -0191-2438676 |
| تیداد | پانٛژھ ہتھ [۵۰۰] |
| موٗل | ۲۵۰ روپیہ |
| | ژٕے ہتھ تہٕ پنٛژاہ روپیہ |
| کِتابت | پی - این - ابھلاش |
| چھاپ خانہ | جے - کے - آفسیٹ پرنٹرس - دِلی |
| چھپن وٕری | ۲۰۰۷ عیسوی |
| کِتاب میلنُک پتاہ ۔ | پرن کُٹیر ، برنائی درمال |
| | پوسٹ آفس مُٹھی - جموں ۔ |
| | پِن - ۱۸۱۲۰۵ |

سَرورُق - شاردا تحصیلہ اٹھ مُقام ضلع مُظفر آباد س منٛز
ماجہِ ہُنٛد پرٛونُش دُوار ۔

# گوڈ کتھ

ارزیتھ (۲۰۰۳ عیسوی) تہٕ دسمبرس (۲۰۰۵ عیسوی) پرٛن والین تام واتہٕ
ناوینہٕ پیتہٕ چھُس بہٕ ازٕ پرٛزنتھ ہیتھ سیٹھاہ اِنکساری سان دوہہ ذرہ سی بازرس
منٛز کھوٗژی کھوٗژی لِبہٕ لِبہٕ پکان تہٕ کٲشرِ زبٲنۍ ہندین عاشقن مٲلِ پھِروان۔
میٲنۍ کینٛہ چھُ اَدب اکھ مُتبرک عبادت اکھ تپسیا تہٕ آرادھنا تہٕ یم اَکھ بینہٕ خوٚنہِ
جگرٕ سیتۍ مُتواتر سگوان روزان تِمے چھِ دوہہ اَکِہ آنندٕ شٲدرس منٛز گوتہٕ دِتھ برٛدِ
تہٕ پینٛن مُشرِتھ حقیقتس سیتۍ آشناپدان۔ یہ چھُ اَندری اَندری سوٗدرٕ منٛدان تہٕ کوٚہِ
مَنی دکوستب جواہر) بدِ کڈان۔

اَتہِ نہٕ چھِے تکمن گرۍ بکاریوان تہٕ نہٕ نقلی طِلہٕ چھاوے۔ اَدیب چھُ
پینٛن ذہن وُزنٲوِتھ تہٕ اِنسٲنۍ فطرتُکۍ نانارنگ بدِ لُڈِتھ تہٕ تجربٲتۍ دورِ منٛز
بروٚنہہ نیرِتھ وِگنہٕ وَن وَنچہ پوٚت گرزِ سیتۍ دولنس یوان تہٕ لوٚہتی اَمارن حیاتی
ہُشُد جام چاوِ ناوان۔ سہ چھُ کُنہ خوٗبصورت انداز منٛز نوٗرِ زِژن شبدٕ
پٲراو کران تہٕ کُنہ سنہٕ وِنس خیالس یا وِژارس تخیُل کِہ گہنہٕ گرزٕ

سپدِ گاہ ژھٹہٕ ناوان ۔ یِمہٕ با مقصد شبدٕس ہُنٛد چھُ تِہندی پرٛان زَن تہٕ زوُچ
پربَرتھ دِوان ۔ بدلٕ وٕلِنس وقتس منٛز چھُ اَدب لُوآرِ سَتی شہادت دِنہٕ
اِنسان شکلہِ ہٕنٛز حیوانٕنی یڑکرژ ہِنٛدی نانا رنٛگ ذِرہٕ ہَن کُس سُکرینس پیٹھ
اکہِ ملٹیکی پاَٹھی نَنی کڈان تہٕ اُچھن برونٛہہ کُن انان ۔

یُسہِ چھُ ممکن تہٕ یہِ تہٕ ہیٚکہ سپدِتھ زِ یہِ احساس چھُ یژھ وائس
ٹیکنلجی ہتراژ پیٹھ کھٔرِ ٹھیکرِتھ ہوش منٛدی سان برونٛہہ کمال زِرھرچ زینہ
وَن دِوان ۔

Identification پژرنتھ گُیہ پہچان ۔ کُل ہم پہچان ییتھ اُسِہ
ونان چھِ ۔ یُنہِ وجوٗدٕچ ۔ وٕلشنہ اَسِہ ۔ کلچرل ورثچ تہٕ سماجی زندگی ہِنٛدِ مانے
مطلبہٕ جِرِس منٛدزان گُیہ پژرنتھ ۔ آسن تہٕ بٲشِن [ پرکاش تہٕ وہمرش ]
اُسِہ کُل ہُم پہچان تہٕ گُیہ پژرنتھ ۔

روہٕ پہ بھوآنی چھِ سانہِ مفتنک اَنہٕ پوٚٹ ۔ لل دیدِ پتہٕ واکھ ونان ۔ حقیقت
ویژھنان تہٕ روحانیتُک چمن سگہِ وان ۔

بھاگوت چھُ کرشن بھکتی ہُنٛد اکھ عظیم شاہکار یُس باعنوان صاحبن کاشرِس
منٛز پیش ۔

مہابھارت چھُ بدی پیٹھ نیکی تام، اپزِ پیٹھ پزرس تام تہٕ اِنسان دشمنی
پیٹھ اِنسان دوستی ہُنٛدِس منٛزلس تام واتنُک طویل سفر ۔ تِتھوے

چھِ سانہِ بیمہتھ کاڈیچ پرزنہتھ ۔ یِہا بھارت کأشرِ نظمہِ منٛز ترجمہ کرِتھ کأم تہِ
دانہِ نأو با عنوان مأبن اَنٛد ۔

سرِیہہ تہٕ ویٚہہ ، چھِ سانہِ سوچہٕ زِکرِچ ترجمأنی کران ۔

گرداب ، چھِ سأئنس از کالس زہو دِوان ۔

پوٚت زوٗنہِ ڈٕتھِتھ ۔ شأرہٕ سوٚمبرن چھِ جدید کأشرِ نزلہٕ ہُنٛد نانا رنگ
ہرٕ دیکیس اُنہٕ خالس منٛز وۄتلاوان ۔

سوزِ جِگر میٚون چھِ شمش فقیر ، احدزرگرتہٕ حمد میرنی یاد تازٕ کران ۔

---

شُہلِ نار چھِ اَکِس ہچکی کِو یتری ہٕنٛز ووِنہٕ باوتھ تہٕ کھٔنما پوش
بیلا شأیری ہُنٛد اکھ بہترین نموٗنہٕ ۔

یِتھ یأٹھی چھِ یتھ کِتابہ منٛز نو مضموٗن ۔ میٚون مُدعا چھُ خالِص کشیرِ
ہُنٛد بحر بدِ کُڈُن تہٕ کأشرِیت سگہٕ ولٕن ۔ کأشرِیت چھِ مِیانہٕ چھوکہٕ لدٕ رٕ دیگ
ڈوٗدلیس ازتہٕ میٚون یِتھ کال اُچھن دِرنیٛتھ مان اَنہتھ میٚے پننٕ وجوٗد
رٕ ژھرِیچ کل گٔنز راوان چھُ ۔ کأشرِیت چھِ مِیأنی پرزنہتھ ، مِیأنی پہچان ،
مِیأنی Identity ۔ یہ کیاہ اوٚسُس ۔ از کیاہ چھُس تہٕ پگاہ کیا آسہٕ ۔ اَمہِ
کُنۍ شدید احساس چھُ کأشرِ ہیتس پوچھٕ دِوان ۔ میٚے کٔر جناب مکھن
لال کنول صأبس گزارِش کِتابہِ ہٕنٛد سرنامہ لیکھنہٕ خأطرٕ ۔ تِمو روٗ چھِ میٚون

دِل تہٕ کمأری گرانداز س منز رنگہ رنگ بن کھأرِتھ وونکھ یمہٕ کِتابہٕ ہُند دِوُنہٕ موٗل یُس رٔتھینک- تہٕ بَک- بجرُک تہٕ پوٗختہٕ کار ہُنٛدِ موٗختہٕ ہارُک گاہ ژھٹہٕ دُن ٹشو آکار چھُ۔ تمہٕ پوٗرِ یمہٕ کِتابہٕ ہُنٛد مُسوٗدٕ دِیانہٕ سان تہٕ پروٗف چھ دُرستی تہٕ کٔرِتھ بہٕ چھُس تِہُنٛد سیٹھاہ شُکرِ گُذار- الیشر بھاوی نکھ وارٕ وُنہِ۔

شری بدری ناتھ ابھلاش مأبن کٔرِتھ کِتابہِ کِتابت سیٹھاہ ژُکہ سان۔ تمہٕ ورتو لول تہٕ دَدٕ واد رُوٗدی اَتھ کامہِ سیتی آوُر- یم چھ کشمکشہٕ زِندگی زوان۔ الیشر دِیِ نکھ ہِمتھ- بہٕ چھُسکھ رُت کانچھان۔

یہ کِتاب چھاپ کرنس منز چھُ شو بھا پرکاشنُک دٔیت تہِ سیٹھاہ اہم یہ چھِ میأنی دوٚیِم کِتاب یوٚسہ یِہنٛدِ دٔسی چھاپ چھ سپدان۔ اَمہٕ سنستھایہِ ہُنٛدی زِنٛدہٕ شری راجیشور ریٚنہٕ (دِکمباسی) چھ میانہِ مُبارک بادُکی مُستحق۔

یہ چھ میأنی ترٛیِم کِتاب کٲشُر زبأنی منز۔ سادھنایہِ ہُنٛد خٲلِص ترٛیِم پٔڑاو- مے کیاہ چھُ رُوٗدمُت تہٕ کیاہ چھُم پرُوٗدمُت- اَدب شناس عالم تہٕ دانشور ہیکن کہہ دٔیتہٕ کھأرِتھ بیوٗن کھوٗٹ روٗ چھ پرکھاوِتھ- مُحقق چھِ موٗللی راے دِتھ کُنہِ وِتھ گاشہِ راوان کُنہٕ مینٛشہِ مانجہ کرِتھ ناپہٕ ناوان۔ تہٕ کُنہِ مٔچی پسِ منظرس منز کتھن وکھنے کرِتھ دِل چھولہٕ راوان۔

ڈلوٕ اُسی روزو رٔتے کانچھان۔

بھوشن لال کول

برنأئی درمال جموٗں

١٥ فروری ٢٠٠٧ - [ہیرٛ پتھ]

## سَرنامہ

## پیرزٕنٛھ - اکھ بیش بہا دستاویز

ڈاکٹر بھوشن لال کول ڈی لِٹ چھُہ کاشُر اَدیُب لیکھاری بلکہ چھُ اکھ سو شخصِیت یُس پننہِ ہنو وصفو کِنۍ نہ صِرف اَدبی حلقن منٛزٕ یوت ناودار چھُ بلکہِ عام لُکٕن ہنٛزن نظرن منٛز تہِ قابِل قدر تہٕ پُر وقار چھُ۔ یہِ میقناطیسی شخصِیت چھےٚ پننہِ ورتاوٕ۔ مارٕ مُندٕ سو بھاوٕ تہٕ کیتھ یاتھ ہنٛدِ تلہٕ تراوِ سہتھ یہنٛدِس سمپرکس منٛز یِنہٕ والین پیٹھ تہِ نہ مشہٕ وُن اثر تراوان۔

یوٚہے ڈاکٹر کول چھُ ہتوٚ خالِے کینٛشرو شخصو منٛزٕ اکھ یٔمِس منٛز تحریر تہٕ تقریر یانے لیکھنُک شوٚنٛڈ تہٕ بولنُک ڈھیر دوٚنوے بدرجہ اُتم موجود چھِ۔ یِمہٕ پننہِ لیکھن اَسلوٗبہٕ کِنۍ اُمی لیکھارِن ہنٛزن صفن منٛز پننہِ خاطرٕ اکھ اہم جاے مُشخص کرناو تہٕ تیتی کُرِن عام اِنسانن ہنٛدِن دِلن منٛز تہِ جاے پننہ ہنو مولہٕ لیوٗ تقریرو تہٕ وِیاکھیانو سیتۍ۔ تِکیازِ یہِ چھُ علم وادبُک تہٕ زانی ہنٛد اکھ بیش بہا گنجینہ۔ یہِ چھُ پننہِ لِس اَتھ خزانس یوت تُہ تیوت خرچاوِس کنۍ لوگمُت توے چھِ اُمی

ہِنزن محفلن منز دانشور، ادیب تہٕ عام لُکھ شوقہ سان شمولیت کران ۔
ڈاکٹر کول سُند وَنُن چھُ زِ ۔۔ "یِتھ فلسفہ مطابق چھُ گاشدار سُند یہ دھرم کہ پننہٕ زان تھَوِنہٕ سُہ پانہٕ سیٖتی تام محدوٗد بلکہ زانٛکی ہُند آبِ حیات چاوِ لُوکن تہٕ گاشہ راوٕ بِکھ وَتھ"۔ لہٰذا چھُ ڈاکٹر کول لُوکن ہِنزِ وَنہٕ گاشراوچ کوشش دِلہ و جانہٕ کرِتھ پننہٕ نِشکام کرم کران تہٕ دوٗیمین تہٕ پریرِت کران ۔

ڈاکٹر کول سٕنزِ یتھ کتابہِ چھُ ناو "پرزنتھ" یُس زَن اَمی سٕندِ سوچہ فکرہ مطابق صحیح تہٕ چھُ تہٕ مناسب تہٕ ۔ دراصل چھُ لل دیدِ ہِندِ یِمہٕ اَسہِ پننہِ پرزنتھ رِژھراوچ وِتھ رٕوزٕ منز ۔ یِہ چھا وقتہٕ وقتہٕ حُکمرانن ہِندِ زور زبردستی تہٕ اِستبدادُک نتیجہ کِنہ سانہِ قومی لےٚ حِسی ہُنٛد وکانہٕ، چھُ سونچنس لایکھ ۔ یِہ چھُنا تلخ حقیقت زِ لل دیدِ اَس ہمہ ہمس ہتی لس منز یِلہِ زَن تمی شاد دیت "واکھ" آو، ۷ اہیمس ہتی لِس منز لُکن پرزھ پرزھی قلمبند کرنہٕ یتھ وارہ کینژھہ رَل گو ۔ ژوداہمہِ ہتی لہِ بیہتھ سداہمہِ صدی تام چھُ لوٗنہِ یاٗمی ژھین ٹلہِ اکھ بوٚڑ بار خلا ۔ سوال چھُ پادٕ گژھان زِ کیا اکھ دورس منز اوسا اَمہِ رنگہ کہٕی کاس ۔ یہ کیازِ نہٕ تِمنےٚ دوہن یا تمہِ پتے یہن اَمت قلمبند کرنہٕ ۔ یہ کتھ چھےٚ توجہ طلب اَسِتھ تہٕ تحقیق طلب ۔ بہر حال یِتھی ہِوی نمایہ نظرِ تل تھوٚوِتھ چھُ باسان زِ کول ماٰین چھُ بیٚنہ یِتھ کال ہینہٕ از کال قلمبند کرنُک قدم تلمُت تاکہ یتھ شاپہ لد وقتس منز گژھِہ نہٕ کانہہ تہٕ معتبر ادیب یا شاعر وتیٚچھ شوٚرِ لد گردٕ تل غاب تہٕ نہٕ

ہیٚکِس کاشہ ژوٚیل تہٕ جاگیٖر سماج سازِشن ہنٛد شِکار گٔژھتھ ادبی توازنہٕ منٛز رآوِس تل گٔژھتھ۔ یہِہاے کتھ مدِ نظر تھاوِتھ چھُ "وِمرش" کِتابہِ "پینٛسپی کتھ" عنوانس تحت پینٛژ وٕنٛد باوتھ کران اَتھی خیالس یِتھ پأٹھی وضاحت کران:۔

"میوٚن مُدعا چھُ صِرف کٔشیرِ ہنٛد بجر بدٕ کڈُن تہٕ کأشرِ ثبت سگہٕ وُن۔ کأشرِ ثیت چھِنہٕ میانہِ خاطرِ کاشہ سیاسی نعرہٕ بلکہِ دُہِہ وٕلی ہردیٚچ سوٚدگ یوسہٕ ازتہٕ میوٚن خوٚنہٕ جگر پھیرِ پھیرِ چینتھ زوان چھُ"

میانین نظرن منٛز چھُ ڈاکٹر کول وأحِد سُہ لِکھارِ یُس پرٛانین سیتیٚ نوٚین یا ازکل کین لِکھارین، ادیبن تہٕ شاعرن ہٕنٛدِس دِلَس سام ہیتھ پننین خیالن ہُنٛد بے پھِرک اِظہار کران چھُ۔ نتہٕ چھُ ییتھ کالہ پیٹھہٕ ناقدو صِرف گٔنٛزرن تام زِ چھ پٔیہ ہنٛدین کینٛژن مخصوٗص ناوَن تامے پننٛ ذہن تہٕ قلم محدوٗد تھوٚومُت۔ تنقید نِگارن ہُنٛد یہِ روٚیہ چھُ نہ صِرف ادبہٕ بابت نُقصان دیہہ بلکہِ صحت مند ادب تخلیق کرن والین سیتیٚ صحت مند تنقیدی رُجحانہٕ بابت تہٕ تہٕ بذاتِ خود تنقید نِگارن ہنٛدِ خاطرِ تہٕ۔ امہِ لِحاظٕ چھُ کول صأب رلوایتھ شِکن۔ یُس ازکل کین ادیبن تہٕ شاعرن ہٕنٛدِس سرمایس آنکون تہٕ چھُ کران تہٕ سیتی تِمن ہٕنٛز کُل ہُم زان تہٕ حالاتِ زِندگی تہٕ قلمبند کران چھُ تاکہِ پگاہ کرن نہٕ کأنٛسہِ تہٕ اَرنہِ مالہ ہٕنٛز ہِش وٕنِن گٔژھتھ شک وشُبہہ پأدٕ کرنٕچ کوٗشِش۔

یِتھ کِتابہِ منٛز چھُ کُل بِلِ نوٚ مقالہٕ کیٚہو تبصرٕ مگر اکھ کتھ چھےٚ ظاہر کِہ اکِہ

نثری مضموٗنہٕ بنأوِتھ چھ تمام مضموٗن شاعری سیتۍ واٹھ تھوان ۔ تفصیل کنہِ ییٚکو یِہنٛز باگہٕ یِتھہٕ پأٹھۍ کرِتھ :-

۱۔ کٔشیرِ ہِنٛز عظیم یوٗگِنۍ — روٗپہ بھوٲنی — تحقیقی مقالہ

۲۔ کاشُر بھاگوت — منظوٗم ترجمہ — شری کاشی ناتھ باغوان

کاشُر مہابھارت — منظوٗم ترجمہ — شری کاشی ناتھ باغوان

۳
وِژرار — شاعری — سُنیتا ریٖنہ پنڈت
شٕریہہ تہٕ ویہہ — شاعری — بال کرشن سنیاسی
سوزِ جگر میثون — شاعری — برجہٕ ناگی

۴
شُہُل نار — لیلایہ سوٗمبرن — موہنی کول
کھٕتما پوش — لیلایہ سوٗمبرن — بدری ناتھ اَبھلاش

گوڈنیُک مقالہ چھُ ڈاکٹر کول صأبن "کٔشیرِ ہِنٛز عظیم یوٗگِنۍ" عنوانس تحت روٗپہ بھوانہِ مُتعلق لیوکھمُت ۔ اَتھ منٛز چھِ تِم تمام حالات کول صأبن لیکھمٕتۍ یِم روٗپہ بھوانہِ سیتۍ تعلق تھاوان چھِ ۔ اَتھ مضموٗنس منٛز چھُ لوکٕٹ بٔڈ عمر رسیدٕ لوکن ہنٛدِ زٕبٲنی یاب سپدنہٕ باپت سورُے مواد سیٹھاہ جانٛبدستی سان پیش کرنہٕ آمُت ۔ واکھن منٛز چھے اکھ خاص ٹٕرمنالوجی

ورتاوِنہٕ آمِژ آسان یِمن زانِنہٕ ورأے کاہنہ تہٕ ہیٚکہِ نہٕ رۄپہ ہیٚنٛدِ پٲٹھۍ سمجاتھ۔ کوٗل صابن چھےٚ یِمن جان پٲٹھۍ وضاحت کٔرمٕژ تہٕ خاص کٔرِتھ یِمن اِستعمال کرِتھ یِمن لفظن تہٕ گیٖنٛتۍ کُڈمٕژ یم لیکھنہٕ ورأے کاہشہ چارٕ چھُنہٕ مٲلُن :-

پیٚژتہٕ بِگیا درشن :- پتھ پھیرتھ دُبارٕ ژِھینُن۔ زرژن تہٕ وَنہٕ کڈُن۔

اَلکھیہٕ :- اَلکھیہٕ گوٚیُس سہٕ ہاہ اَدٕیُل تہٕ زاٲدٕیُل آسِہ۔ اَگوچر آسِہ۔ اُچھن درِشٹمان آسِہ نہٕ۔

یان یِرٕ ناوِچہِ عملہِ سیٚتۍ تعلق تھاوَن والین یِمن ییٚچھ حقیقتَن سیٚتۍ موکلہِ مدأے اَکِس سادھکس کرِتھ ییوان چھےٚ تِمن چھُ ڈاکٹر کوٗل صاب خوبصورت پیرالبس منٛز ییٚتھ پٲٹھۍ وضاحت کران :-

"کام چھُ نِوان بُدھی ژھٕھ، لوٗب چھُ تلان گٹہٕ زِوٗل، کرۄدھ چھُ بو دھِ کھاران دارِس تہٕ اہنکار چھُ شوٗعورِس دِوان ہٹۍ گرٕنڈم، مَد چھُس حارٕ ژٕھ ناوان تہٕ موہ چھُس باکہِ وۄ ناوان"

ڈاکٹر کوٗل ییٚبلہِ کُنہ تہٕ فِکر انگیز صداقت وِتھرتھ ناوِنہٕ باپت لفظن ہُنٛد ورتاو چھُ لاگان تہٕ مَسلس چھےٚ پانے پھُٹ نیران تہٕ اصلیت چھےٚ آشکار سپدان۔ یانے ڈاکٹر کوٗل صابنین نثرپارن منٛز چھُنہٕ ہرگِز تہٕ کانٛہہ وانتا وِہرک وَل وُچھِتھ یِہ مِثال :-

"مادی زِندگی ہِنٛز سوٗہری ہاگنٛکلہِ یَس ناوٕ گۄیہ تس چھُ ذیہنک سۄکوٗن نہٕ دِلک قرار زن تہٕ کُس تام جہادیو لِشتہٕ ہِنٛدِ تِھیل گاٹہٕ جاہ سیاہ ژوٗرِ نوان"۔
بہر حال اَتھ مضموٗنس منٛز چھُ ڈاکٹر کوٗل صاٰبن رۄپہ ہِنٛدین سادھنایہ ہِنٛدین مُقامن تہٕ سِرن وٲکھن ہِنٛدِس پسِ منظرس منٛز ٹھانہٕ تُلِتھ واریاہ حدس تام پیٚزر اَسیہ تام واتناونچ کامیاب کوشش کٔرمٕژ ۔

دۄیم مضموٗن چھُ "کٲشُر بھاگوت" ناوس تحت کوٗل صاٰبن لیوکھمُت یُس پنڈت کٲشی ناتھ باغوان صاٰبن کٲشرِس منٛز نظموومُت چھُ ۔ یہ چھُ اَکھ اہم مضموٗن۔ یُس کوٗل صاٰبن چھُ "پُران" لفظس تشریح بابو یاکھیا کران شُروٗع کوٗرمُت تہٕ کُلُ پُرانن ہِنٛز تیداد ارداہ وٕنِتھ یہِنٛدی ناو تہٕ لیکھی مٕتی ۔ لیکن پُرانس مُتعلق کتھ کران چھُ ڈاکٹر کوٗل وَنان زِ پرتھ پُرانس منٛز گژھن پانٛژھ اہم کتھ آسنہٕ تہٕ یمن چھکھ وضاحت تہٕ کٔرمٕژ ۔ یانی :۔

۱۔ سرشٹی ۲۔ دُبارٕ سرشٹی یا پنٛناہ سرشٹی ۔

۳۔ وَنشاولی ۔ ۴۔ منٛ وَنترانہٕ ۔ ۵۔ ونشا اَنو چَرِت ۔

اَتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ یمن یِتھ کال زانٛنہٕ خاطرٕ چھُ پورانک گرٛنتھن ہِنٛد مُطالعہ کرُن سیٹھاہ ضروری ۔ بقولِ ڈاکٹر کوٗل "ایشور ۔ زیو تہٕ زگت ۔ برہم سرشٹی تہٕ مایا ۔ سۄرگ تہٕ نرگ ۔ یم آوٕلی تہٕ زادِلی نوقطہٕ چھِ پُرانن منٛز وِترٛتھ ناوٕنہٕ آمتۍ ۔ اَمہِ علاوٕ یتھ کالس یٚیٚتھ برونٛہہ یکہٕ وُن سۄن گٔہن وِتہار

ترک ، درشن ، وِشواس ، رٕہتی رلہواج ، آژار دہ ہژار ، سماجی معاشرٕ تہٕ ہیتہٕ
شاسترٕ تہٕ چھُ پُرانن منز زیرِ بحث آمُت ۔ یِہندے پانٹھی چھُ یہ اہم مقالہٕ بتدریج
پُرانن متعلق زانکاری یاب کران تہٕ چھیکرس چھُ اَتھ منز ڈاکٹر کول ۔ بانوان مائبنہٕ
منظوم کاشر بھاگوتک بھرپور تذکرہ کران یُس بانوان مائبن وری یہ وادن
محنت کرِتھ کاشرِس منز نظموومُت چھُ ۔
ونان چھُ :- یہ چھُ تہنٛز وری یہ وادن ہنٛز ارزٕ ۔ طبس پیٹھ شاعرانہٕ باوتھ ۔
موضوع اعتبارٕ سیٹھاہ اہم تہٕ فنی اعتبارٕ ہتھدِ پاتٛج تخلیق ۔ بھاگوت چھُ ہندو
کلچرک تہٕ پتھ کالہٕ کہ سوچِ فکرُک پزلوٗنٛ کاشہِ منار“

اَتھ مقالس منز چھُ کول مائبن ۔ بانوان مائبنس بھاگوت کاشرِس
منز نظماوِتھ کاشرِ زبأنی ہنٛدِس ادبی سرمایس منز بُرزٕر کرنس پیٹھ مٹہ مٹہ دِتھ
تھی شندِ یہ کارنامہ اَکھ ہولل دِیت تسلیم کورمُت ۔ یہ چھُ اکھ ٹاکار تہٕ کرٕ پیٹھ
حقیقت زِ ترجماوُنک فن چھُ خوٗ نہٕ جگرِ منگان یُوتے یوت نہٕ ترجمہ کارس
گژھِ پنٕزِ پانٹھی وار یاہن زبأنن پیٹھ عبور آسُن تہٕ سیتی گژھِ ہس گرٕ ژرٕ روس
لفظٕ راش تہٕ آسنی ادٕ ہیکہ پتھ ہیوو کتھا کاوِ یہ کُنِہ زبأنی منز ترجماوِنہٕ پتھ
تہٕ اَمہٕ کِنی چھُ پنزی یہ فخریج کتھ تہٕ تہٕ جُرات مندانہٕ قدم تہٕ ۔ پنٕنِس مضموٗنس
منز چھُ بھاگوت کِس مواد س متعلق ڈاکٹر کول مائبن ولیشارٕ سان کتھ کران
ونٕنہ نوومُت زِ "بھاگوت چھُ دراَصل اکھ نیتی پرکھ کتھا کاوِ یہ ۔ ییتھ منز

بے شمار دلیلہٕ، واقعات، فلسفہٕ، خیالات، وِشواس، کراماتہٕ تہٕ لیلایہِ چھےٚ وٕلیتاہٕ سان وٕڈرِتھ نادِنہٕ آمٕژ۔" یتھی چھُکھ اَمہِ کینہٕ تمام سکندھن ہنٛزٕ ذِکر کٔرِتھ یہِ مقالہٕ اِنتہائی اَہم تہٕ مولُل بنووُمت۔ یُس پرنہٕ پتہٕ تمام بھاگوت سمجھ یِنہٕ وِبداتھس منٛز چھےٚ یوان تہٕ باغوان ماہبنہٕ عرق ریزی کُن تہٕ چھُ دھیان پھرونہٕ یوان۔

بٔنیکِس اَکِس الگ مقالس منٛز چھُ کول مائبن تمہِ مہابھارچ تہٕ کتھ کرمٕژ یُس پنڈت کاشی ناتھ باغوان مائبن کاشرس منٛز ترجمہٕ اوٚتھ نظموٕرمت چھُ۔ یہِ چھُ کاشرس اَدبی خزانس اَبرٕزر کرِتھ باغوان مائبن بناکھ بھٔکٕن لایکھ کارنامہٕ۔ مگر اَتھ کتھ چھےٚ اِنتہائی اَہم وَنہنہٕ لایکھ زِ مقالک بوٚڈ بارہٕ حِصہٕ چھُ کول مائبُن مہابھارت تواریخی پسِ منظرس منٛز وٕڈرِتھ ناوِتھ عام قاری یس بابت زانکاری ہنٛدہٕ ژھٹہٕ مارُن سٕدرٕ نظرن بڑوہنہٕ اَوُنمت۔ یہِ مقالہٕ پٔرِتھ چھُ پرن والِس ذہنچہ داریہٕ گژھان تہٕ پنُن سوٚرے پتھ کال چھُس زن تہٕ اَچھن درینٛٹھان وُذہ ملہٕ کران اَتھ پسِ منظرس منٛز اگر باغوان مائبُن مہابھارت پروٚ تیتلہِ ہیکو اَتھ یتھ گیتاجی ہنٛد سوٚن تہٕ گڈٕ زِندگی گُذارنُک فلسفہٕ تہٕ واریاہ حدس تام زانٕنٛتھ تہٕ سمجھاتھ تہٕ۔

"سرِیہہ تہٕ وِیہہ" شعری مجموعس تنقیدی سام ہیوان چھُ کول مائبن، بال کرشن سنیاسی ہنٛدِ زِندگی ہنٛدِ زیٚر بیٚمھ اَزتام کین حالاتن تہٕ سام ہیٚنٛزمژ۔ یم زانہٕ یتھ سنیاسی شعر شاعری سمجھنس منٛز واریاہ مدد ہیکہِ میلتھ۔ کول مائبن چھُ سنیاسی ہنٛز کُل ہم شاعری سام ہیتھ پانہٕ تہٕ زن نثری شاعری گرمژ۔ سنیاسی ہنٛزن نظمن تہٕ غزلن چھےٚ کول مائبن بٔڈ عرق ریزی سان مناسب وضاحت گرمژ تہٕ یتھ اَکِس جملس منٛز پنن بوٚڈ بارہٕ فاصلہٕ دِنیمت۔

"گوٗ انسانٕس زٕیتہٕ [Mind] منٛز چھےٚ قوٗژ ـــ شوٗعور ـــ تل شوٗعور تہٕ لاشوٗعور بہ یک وقت موجوٗد روزان ۔ یوٗدوے یمن ترٛیٚن قوٗژن منٛز یکت روزُن یا مقصد بنہٕ ترٛیشوٕلۍ ہنٛد کنہِ تہٕ ہتہٕ چھُ پراوان آنند ۔ اَکہِ سیٚے مَنس منٛز ترٛیٚن ہنٛد آواس گوٚ Trinity ہنٛد تصوٗر ۔ یوٗہے ترٛیٚنٛی ہنٛد تصوٗر چھُ بال کرشنٕنہ وترٛاڈک یا فلاسفی ہنٛد مرکزی نوٗقطہٕ"

"گرداب" چھےٚ مکھن لال پنڈتا سٕنٛز افسانہٕ سوٗمبرن ۔ اَتھ تنقیدی سام ہیوان چھُ کول مائِن لیوٗکھمت زِ اَتھ سوٗمبرنس منٛز سارۍ اَفسانہٕ چھِ آنچلک افسانہٕ یِمن اَکِس خاص ماحولس سیتۍ وابستگی چھےٚ ییٚمیہ پنڈتا مائِس زبر زان چھےٚ ۔ اَمہِ موکھہٕ چھِ تمام اَفسانہٕ معیاری تکنیکہٕ زِ اَمہِ سٕندۍ افسانہٕ چھِ حقیقتس پیٹھ مبنی ۔ یِمن منٛز زِندگی سیتۍ وابستہ تمام سُہنی تہٕ ودکنۍ ٹاکارہٕ پاٹھۍ لفظن ہنٛدٕ زوٗ زبہ پیرٛادِتھ پرن والیس دِلہٕ ڈبراے ہرٛاوان چھِ ۔ چونکہِ اَفسانہٕ نِگار چھُ وِسعا پیٚنہِ دگ پانہٕ للہٕ ہاوان تُوکِنۍ چھِ اَفسانن منٛز تہٕ اَمہِ دگہٕ ہنٛد اظہارہٕ بُرُ ایمانداری سان کرنہٕ آمُت ۔ کول مائِن چھُ توے ہیٚنِس مقالس منٛز لیوٗکھمت : ـ "آخرس پیٹھ وولُس بہ یتھ نتیجس پیٹھ کہ گرداب افسانہٕ سوٗمبرن چھےٚ کاشُر اَفسانہٕ کِس توارٛیخس منٛز اَکھ موٗلل ہربر ۔ لِکھارۍ چھُ حقیقت پسندس چھپنہ اَدرش خاطرٕ کاہنہ موٗکُس چھپنہ اَزی کِین پُزپارِن پیٹھ تہٕ پٕژھ ۔ سہ چھُ زِندگی پانہٕ ہاوان، شیران تہٕ پارِان ۔ کنہِ شاٹھن تنہٕ وارۍ

تران تہٕ فرقہٕ ہنٛز زٕمہٕ بوزنہٕ واوس نہٕ ۔ بلکہٕ نار چھکہٕ ولس پنٕنس تل شہلاوان یمن افسانن منز چھ از کلچہٕ زٕندگی ہنٛد کاہنہ تہٕ کاہنہ میٚوٹھ مودُر پزر "وِسرار" ناوس تحت چھ مقالہٕ سنتاریہٕ پنڈت تہٕ غزلہٕ سومبرنہٕ یتھ "لوتہٕ زذرنہٕ ڈیٖتھ" ناو چھ لیکھنہٕ آمت ۔ اتھ مقالس منز چھ ڈاکٹر کول صابن سنتاجی ہِن غزلن منز تہٕ سوزرے کھِنہ بدٕ کڈنچ کوشش کرمژ یتھ پیٹھ غزلہٕ ہنٛد تاج محل ڈیٚوتھ چھ ۔ اتھ مقالس منز چھ کول صابن وسعتاپنہٕ پیٹھ یورٕکن تہٕ پانزالہٕ پیارٕ غزلہٕ ہنٛدس پرھنس تہٕ پھیبہ لس کن تہٕ اشارٕ کورمت سنتاجی تہٕ ازدواجی زندگی پیٹھ کوتری بنٛنس تام تہٕ زہنہ پیٹھ صاحب آباد، شالہ مار گارڈن یوٚلی واتنس تام سایہٕ زان کاری وِژھنٛز ۔ مےٚ چھے یتھ اُرنہٕ مال یاد پیوان یمہٕ ہنٛدس آسنس متعلق وار یاہ فضول شک وشبہات پاد چھ آمتی کرنہٕ ۔ کاش اُرنہٕ ہنٛدٕ وقتہٕ تہٕ آسہٕ ہا کاہنہ بھوشن لال کول صابس ہیو کانژہ یمہٕ اتھے پاٹھی آسہے متی ستنہٕ زان کاری تہٕ مکمل شارٕ سرمایہٕ قلمبند کورمت ـــــ مگر کاش! ـــ یہ چھ ساینہٕ باپت تہٕ تہٕ کاشر ادبہٕ باپت تہٕ مبارک قدم یلس ڈاکٹر کول صابن امہٕ قسمکی تحقیقی تہٕ مولو ماتی مقالہٕ لیکھنک تلمت چھ۔

یتھ پاٹھی بیچن ادیب تہٕ تہٕ تنہنٛد ادبی سرمایہ تہٕ راونہٕ لشہ ۔ سنتاجی متعلق چھ ڈاکٹر صاب وناں زِ اُزی چہ کاشرٕ غزلہٕ شاعری منز چھ اُمس اکھ خاص مقام حاصل تکیازِ شاعری چھے سنتایہٕ ہنٛد خاطرٕ عبادت ۔ سو چھے گرنہست تہٕ پالان تہٕ

شار تہٕ وَنان ۔ اُمی شعر شٲیری منز چھےٚ وِسعتھ پیٚنچ دگ تہٕ تہٕ زوٗد پیٚچ اَتھ تہٕ ۔ لسنک اوِر زوے تہٕ تہٕ جدوجہدک جہار تہٕ بزرچ ہوٚہراے تہٕ نہٕ لوٚپچ منہٕ کامن تہٕ ۔ کول صاٗبن چھُ پننہِ لِس مقالس منز سنیتابہٕ ہشعر شٲیری ہندی ساری گوشہٕ نِنی رٲوِتھ اُمی شٲلہٕ دیت کٲشر ادبہٕ بابت باگہِ بوٗرت ہونمت ۔

سُیتم مقالہٕ چھُ برجہٕ باگرنہِ صوفی شارہ سومبرنہٕ یانے "سوزِ جگر میوٗن" کتابہِ متعلق لیکھنہٕ آمُت ۔ اَتھ مقالس منز چھُ برجہٕ باگلی ہندک حالاتِ زندگی تہٕ تہٕ اُمی سندس ادبی سفرس پیٹھ تہٕ ناقدانہ نظر ترٲوِتھ کول صاٗبن پرن والین تام صوفی ازم تہٕ تتھ سیتۍ وابستہٕ رموٗزن ہنز نِشاندِہی کرمٕژ ۔ اَو موکھ چھُ یہٕ مقالہٕ بڈٕ اہم ۔ دراصل چھِ از کلکی صوفی شٲیر اَتھ سیتۍ بِکھتی شٲیری رَلاوِتھ پننہٕ وونہٕ باوتھ کران ۔ یوٚتے یوت نہٕ بلکہِ دیدانتک گمانٕہ جار تہٕ چھُ اتھ رَل کرنہٕ یوان تکیا زِ لِس سادھکس یا سالکس پانژن ساسن وُری بن ہنٛد پتھ کال دنار شوٚعوریے طوٚرے سہی) دُکھس آسہٕ نہٕ سیتی آسس پننہِ میتر منز خوشبوے تہٕ ووٚ جوٚدس اَدرن کرِتھ شہ کتہٕ ہیکہ اَثر لِشہٕ مچھ روزِتھ ۔ یتھ پاٹھی چھُ برجہٕ باگر نہٕ شٲیری پیٹھ کول صاٗبن مقالہٕ سیٹھاہ جاندار تہٕ اُمی شعر ساری سے شٲیری پیٹھ وِحاطہٕ کران ۔ اَتھ مقالس یوسہٕ تمہید لیکھنہٕ آمژ چھےٚ اگر سو سنجیدگی سان اکھ پَرن وول سمجھہٕ نہٕ شہ ہیکہِ تیٚلہِ کُل ہم صوفی شٲیری تہٕ تمکی رموٗز زانِتھ تہٕ وُزنن ہیندین تہہ درتہہ مانہٕ ین تام واتِتھ ۔ ولیے چھِ از کلکی صوفی شٲیر ژاپی میتے

زٕن پہٕ بیٚیہِ ژاپن ژاپن دِوان ۔

"شُہُل نار" ناوس تحت چھُ اٮ۪ٹھم مقالہ موہنی کول جی ینہٕ بکھتی شاعری پیٹھ کول مائن لیوکھمُت ۔ یہ چھُ موہنی جی ینہٕ لیلا سومبرنہٕ ہُند ناو ۔ اتھ سومبرنس منز چھِ بکھتی ہِندۍ گیت تہٕ تہٕ صوفیانہٕ رنگ ہیتھ لولہ بأتھ تہٕ شکھتی پوزایہِ ہنز شاعری تہٕ تہٕ دِستھا بیچہ دگہِ ہنٛز بھرپور ژیٚنہٕ وَنٕ تہٕ ۔ کول مائن چھُ پننس مقالس منز اکِس جایہ لیوکھمُت ۔

"موہنی جی ہِندِ بکھتی کاوِیچ اکھ خصوصیت چھےٚ یہِ کہِ یہ چھےٚ ایشرس سومنہٕ شرَن پیٚدِتھ آنندٕ صدرس نکھہ واتنچ کوشش کران ۔ سو چھےٚ ایشورس تہٕ پوزان تہٕ راجہ رٔنیٚہ تہٕ پادہ چھلان، ژھالہ مارہ وِنس بالہ کرشنس موہنہٕ میٹھۍ کران تہٕ عشقہ نارہ دُزِتھ لولہ ہٕتۍ آلو تہٕ دِوان"

یتھ کنۍ چھِ موہنی جی ہنٛز سومبرنہٕ وۄنٕ دِتھ اُتھۍ نتیجس پیٹھ واتان زِ "شُہُل نار" چھےٚ سمنوے وادی بکھتی شاعری ہنٛز اکھ شوٗبہٕ دار سومبرن ۔ تویے چھِ موہنی جی ہُنٛد دِیت ڈاکٹر کول مائن لفظن تہٕ جملن ہُند جود وُزناوِتھ بد کوٗرمُت ۔

یٔمہِ کتابہِ ہُند آخری مقالہ چھُ "کھمّا پوش" لیلایہ سومبرنہٕ پیٹھ لوٚسہ بدری ناتھ ابھلاش مائنہِ وۄننہٕ نیرِتھ تہٕ زٕلو پراوِتھ اَسہِ تام واتٕ ۔ ابھلاش مائب چھُ اکھ بکھتو تہٕ اُمی چھےٚ اَمے آیہ لیلایہ تہٕ وَنہٕ منٛز تہٕ وۄزنٕ تہٕ ۔ یہِ ہیکون تہٕ اَسی کُنہِ خاص سپرداس سیتۍ وابستہ کٔرِتھ ٹکیاز یہ چھُ کُنہِ سوگن

بکھتی لولہٕ للہٕ وِتھ شری رامس تہٕ شری کرشنس وَنِتھ وآلنِہ لولہٕ آلو دِوان تہٕ کُنہ نِرگُن تہٕ نِراکار پرم برہم زانُنہٕ موکھ گیانہٕ بلہٕ کِہ بابہ بلہٕ گورٕ تہٕ دِوان۔ بہرحال اَتھ مقالس منٛز چھُ کول صأبن سوٗرےپسِ منظر وَنِتھ ناوِنہٕ یتہٕ ابھِلاش صأبنِہ زِندگی ہِنٛدی حالات تلمبند کٔرِتھ لیلاین تہٕ وژنن سام ہیتھ اُمی سٕنٛد ذٔہنیت وَنِتھ نۆو مَت تہٕ چھیکرس چھِ اَتھی مقالس منٛز لیکھان:۔

یِتھ پاٹھۍ وولُس یتھ نتیجس پیٹھ کِہ جلدیہ کأشرِ بکھتی شأیری منٛز چھِ "کھما پوش" لیلاسومبرنہٕ ہیٛنٛن اکھ خاص مقام حأصِل۔ یِمہٕ لیلایہٕ چھِے کُنہ سوچ فکرکہ اعتبارٕ گہٕن تہٕ گھمبیر باوتھ کران تہٕ کُنہ اِنسأنی ذیہنکی دارِ ہیٹن ہٕنٛزِ زنگ آلوٗدِ چھٹکنہٕ کھولان۔ کوٗشِش چھِ زبر۔"

"پِرزنتھ "ک مُسوٗدِ پران یِران وولُس بہٕ اَتھ نتیجس پیٹھ زِ ڈاکٹر کول صأبس چھُ زبأنی پیٹھ زبردس عبوٗر تہٕ پننہٕ ہِنٛن خیالن تہٕ سوچ فکرس زِلو دِنہٕ وقتہٕ چھِ تلمہٕ کُس پٔنِتس پیٹھ وأتِتھ جُملہٕ تِتھے پأٹھۍ گرنہٕ تہٕ جرنہٕ یِوان یِتھ پأٹھۍ اکھ لال تراشن وول لالس ہِننہٕ آیہٕ تراشان چھُ یتھ ڈلیشتھ لالہٕ چھُ ہیے دِیُنگہٕ گژھان

دراصل چھُس بہٕ یہ پرٛہان وَنُن کِہ ڈاکٹر کول چھُ نہ صِرف ہہلہٕ پایک لِکھأری بٔلکِہ چھُ معتبر تنقید نِگار تہٕ۔ اُمی سٕنٛدِس لیکھن وطیرس یا اُسلوٗبس ییٛتیاہ تأریف کرو تیٛتیاہ چھِ کم۔ یِہُنٛد نثر چھُ روٗمانٔک زنگ ہیتھ اُمی سنارِن لیکھن سوٗنزلہٕ ہُنٛد آکار بخشان ییٛش سنجیدہٕ پرن وألِس تیم زنگ ڈلیشہٕ ناوان چھِ یِم

نہٕ ژھتھ زانہٕ تہٕ وُچھتھ آسن ۔ چھیکرس پیہہٕ وَنُن بہٕ ییلہِ کہٕ ڈاکٹر بھوشن لال کول ڈی لٹ چھُ پزِ پاٹھی اکھ بے لوٗث تہٕ پُر خلوص اِنسان، سنجیدہ نہٕ پُرگو لِکھاری، معتبر تنقید نِگار، کأشُر تیک پاسدار تہٕ کأشِرِ زبأنۍ تہٕ ادبُک اکھ ہمیشُن لایق ژُکہ دار تہٕ قلمکار ۔

مکھن لال کنول

پُرکھو کیمپ ۔ جموٚں
۱۵ فروری ۲۰۰۶ء

# کشیرِ ہنٛز عظیم یوٗگنی
# روپہٕ بھوانی

(۱۶۲۱ - ۱۷۲۱ عیسوی)

سداہمہِ[۱۷] صدی عیسوی منٛز ییٚلہِ کشیر مغل بادشاہن ہنٛدِ عاشق عشرتچ ساز گاہ آسی بنے مٕنٛز تہٕ شوٗمت اوس دَم پھُٹی گژھِتھ شروٗ کان آمت آیہِ زمنس روپہٕ بھوانی ییٚمہِ ادھیاتمہٕ کہِ اَمریتھ وُزنہِ سیٖتۍ شارکا پیٖٹھکُک دوٗدمت چمن ہنہِ ہنہِ سگوٚو تہٕ اِنسانی وجوٗد کوٚرُن گیانہٕ زِژو سیٖتۍ دُبارٕ مُنوٚر۔ لَلہِ ہنٛدِس دوٚپس زَن تہٕ لوٗگ دُبارٕ پھیُر تہٕ سہز اشندنہِ سادھنایہِ ہُریوٚو مرتبہٕ۔

پنڈت مادھو جوٗ دھر آسی اکھ سیٹھاہ نیک سیرت، کرٛیاوان گرہستی سنت صفاگُدس نکھہ ڈیدہٕ مٔرِ روزان۔ ییٚہندِ بزٕ باتن بٔرِیت زٔکری سٔتو رو آسِتھ شارکایہِ

پۆزان تہٕ باوٕ کوسم اَرپن کران۔ سادھنا گٔیس سیٚدھ، یالِکایہ ہٕشدِس پٔلیس مٔنز سپدٕس ڈیوی ہُنٛد درشُن وردھان مۄنگنس مُتہٕ کوٗرس آنکار تہٕ سنہٕ ۱۶۲۱ عیسوی زیٹھہٕ پیٛتیم دوہ ڈیٖیت پہنٛز گرواجنہِ اکِس تیٚتز وان کوٗرِ زٔتم۔ ماگٕ بھووٕس ناو رۄپہ، کھوتہٕ کھووچیر رٔوس رۄپھ۔ نیٚہ نپہ کران تہٕ تابان۔ مولہ رٔوس مولٕی رۄپھ۔ کوٗرِ ہیوت زٔنم۔ مادھو دھرنس گرس اَیہ شوٗب۔ نوٗرٕ زٔژو زھوٹ گاہ زن تہٕ شُنٛدٕ گورٕ نٕہ گرِ اوس وِگنہِ وتہٕ وٗن ہکس تام جسمہ اَیہ مُژراوان۔ مَتہِ وقتہٕ گیٚنت یار (حبہ کدل) روزن واگٕ پھان شنت یٚدھ بھوتہٕ [سِدھ وبوتی] آبروٗس کھرتہٕ گُرلَس اَنہٕ براتش۔

رۄپہ لوٗب لوکچار تہٕ ماگٕ ہیوٗلَس کٔنہ کرن آتار۔ وٕنرار تہٕ ولوتار۔ رۄپہ زوٗن تہٕ موٗن پیٚٹھنے بب راج گود۔ کل ہیٚترٕنس گنیٚمی، الشرما سے ہنہہ۔ کنن گٔیس گنگہ راے۔ سو روز پۆلَس پیٚھ یٕنہ لس کرپاوان گورس یانے مادھو جُوس پِرٕژھان، زٕران تہٕ لوکچہ واگنہ ہیوتن گیانہ سُدرس نکھہ پیٚھ تھوو میوو چیٚنیچ کوشش کرنہٕ۔ ممکن چھُ یہ آسہٕ ہے شُرِ خیالا۔ مگر یٕنہ والہ سمجیچ آس اکھ زبردست تریٚنہ وٗن تہٕ مادھو جُو اوس بھوانہِ سَشرن سپدیٖتھ تہٕ زھوپہ ہٕندِ جامہ وٕلتھ رۄپہ ہُنٛد لوکچار پوشہ پھٕتہِ ہٕنٛز ٹوٗرِ چھلیہ ہٕندِ یاٹھو اُھو وُچھان۔ یہندٕ گرِ آسی بے شمار سنت۔ پنڈت سادھک تہٕ دیہ مکھتو وانان یہنٛزِ کتھ بوزِ بوزِ ہیٚترٕن رۄپہ ہنٛز پرکرت نابوٗنہ ییٚنہ۔ سو آسہٕ دوہے لالہ مابس بٕرونہہ کنہ بیٚہتھ تہٕ لس گوڈ زانتھ بٕرژھان سوال۔ اکِس پتہٕ اکھ تہٕ مادھو جُو اوس زادی جار اوک طرف ترآوِتھ رۄپہ ہُنٛد دھیٚہن گیانہٕ ژرٕ و سہاتھ زوتہٕ ناوان۔

روپہ ہُنٛد کھانٛدر سُپد سپھاہ چکہ چاوٕ سان جبہ گُدلہٕ کِس سپری پرِ وارس منٛز پٔنٛدِت ہیرانٛد سپرس سپٲتی نٕمہِ وقتہٕ تہٕ آو ٲگنس یپھ سیندھ بوٚتی۔ اَتھٕ واس ادس چلان۔ نیترو وُچھن دٕرشہِ تہٕ ہرشس سپد۔ پنٛچھتوی ہنٛدِ اکہِ شلوٚکُک یہ ہنٛد پوٚرٕن ہُکہٕ۔ پوشہِ بوٚ کا چھو کُنٕ ماہیٚشنٕزِ تہٕ مہارازس تہٕ دٕراو

सुता दक्षस्यादौ किल सकलमाता त्वमुदभूः
सदोषं तं हित्वा तदनु गिरिराजस्य तनया।
अनाद्यन्ता शम्भोरपृथगपि शक्तिर्भगवती
विवाहाज्जायासीत्यहह चरितं वेत्ति तव कः॥
'पंचस्तवी' (पाँचवाँ स्तव) कश्मीरी रूपान्तरकार - प्रो० ओमकारनाथ ज़ुत्शी - जनवरी 2000ई० पृ० - 14

کھانٛدر گُرِتھ یِہ للہ۔ اُرنہٕ تہٕ زٕوُنہٕ سپٲتی سپدٕتی آو روپہ برونٛٹھہٕ۔ تواریخ چھہ شہادت کہ لوٚنشہ چھُ اوٚش تہٕ بتہٕ کُنٕ سپدان ہروِزِ ہشہ دٕسی۔ زنانہٕ ہنٛد استعمال چھُ ہروِزِ زنانو دٕسی شوٚرو سپدان۔ روپہ ہنٛزِ ہشہ سائٕشہ کُنجہٕ ہنٛزِ مُرکھہ بوٚز ہیوٚک نہٕ لوٚنشہِ ہُنٛد تیٚنٛز وٕیترِتھ۔ سو آس وٕرٲل۔ نہٕ اوسس کینٛہہ ژھٕکہِ ثرٲن تہٕ نہٕ ژھکہِ کھسان۔ روپ کرِہے سوٗرُے برداشت لیکن برتھاٹُنٛدی ہُتھی پھرِ دلو بارن گرسو سپھاہ موٗلٕیس۔ مٲج آس نیچوِس کُنٕ بران۔ روپ آس دوہے اردھ پرباتن پربت واتان تہٕ ژٕکھری شوٚلہٕ بروہہ کنہٕ بگُنہِتھ دوشہٕ بادھ کران۔

ریوان یانہٕ تہٕ نزلوان یانہٕ

رِوان یانہٕ تہٕ لوان ٹکھ

نانا پڑکار گِشدان یانہٕ

رِندان یانہٕ تہٕ ہیوان ییھ

لوکچار یانٔے آس روپھ یوگ سادھان تس اوس وشواس کہِ

یُسۍ گاران سہ سپدِ پھ

ہڑوتہ ہڑوتہ ٹیکیھ دِ ے نالوسی

سہٕٹاہ کٔریون برداشت لیکن ییلہِ پوش پٔرکرِ تہٕ ہندی ہیرا شدن تھنز ذاتہ پیٹھ شک ہیوت کرُن تہٕ نان کھاٲلس ۔ روپہ بییہ وآرِ و ثراوُن ۔ مگر مالِین گیہ نہٕ کینہہ تتہِ نابہ آسی دارِ کنہِ ذرامتر ۔

سہ واٹز [illegible] یانے چشمہِ ماہجی لیُس سرینگرِ چشمہ شاہی نکھ چھُ تہٕ کتُھیا بنادِتھ ہیوتُن مستقل طور اَتی روزُن ۔ سادھنایہِ منز سپنز محو تہٕ ہتہٕ ہتہٕ گیس منہٕ کامن سپدھ تہٕ بالہِ کھونہٕ منز ژھِین لالہ پھول ژھالہ ماران ۔

ینیتھ چھے ترین لفظن وکھنے کرنٕی ضوروری ۔ اکھ گو ۔ اَلکھ یانٔے لیُس بوزنہٕ ییتہٕ پہ لیُس مادی سپھ نبر آسہِ یانٔے دِ ے وی شکھتی ۔

بیاکھ لفظ چھُ الکھیہ گو لیُس سہٕٹاہ اَدیل تہٕ زاویل آسہِ ۔ اَگوچر آسہِ اُپھن درشٹھ مان آسہِ نہٕ یو ہے گو انگریز زبانٕی منز Imperceptible یا

Invisible یُس اِنسانٕی چھُو نہٕ بَر آسِہ ۔
ترمیم لفظ چھُ <u>الیشوری</u> ۔ الیشور گوٚ دے تہٕ الیشوری گیہ شکھتی ۔ دُرگا۔ لکھشمی ۔

رَلاؤ کرِتھ الکھ + الیشوری ۔ گوٚ الکھے شوری

یا ۔ الکھیہ + الیشوری ۔ گوٚ الکھیے شوری

ٹیاکی کِنہ چھُ یہ ژٕہ ناوٕ یُس روپہ بھوانی الکھیشوری روپہ بوٚشلہ بجر دُچھاتھ تہٕ تہنٛز کرامأژ ڈلینٛتھ تس دِیتمٕت چھُ ۔ اَتھ ناوس چھُنہٕ <u>اَلک</u> یا نمس شبدس سیتی کانٛہہ تہٕ واٹھ ۔ زیپیٹھ یار ٹراؤتھ واتہ روپھ تحصیل گاندربل کشمیر کِس منہٕ گام گامس نکھہ <u>ووتشن</u>.

<u>ووتشن</u> چھُ منہٕ گامہٕ پیٹھ تقریباً ۲ کلومیٹر دور بالہٕ دامنس منٛز واقع اَکھ گام یُستہٕ وَنِہ مُطابِق ہر مکٹ گنگایہ ہنٛز امرہتھ وُزلِہ کوہ دامنہٕ بالہٕ وچھ منٛز مُسلسل چھ پرکٹان <u>ووتشن</u> بوٚنہٕ کنِہ چھ گوساٗنی بوٚنہٕ ۔ یِم چھ ۲ بوٚنہٕ ۔ یمنے بوٚنن ژھایہ ہیوٗل کوٚر روپہ قرار ۔ سوٗ چھِہ خاص ووتشن روز منٛز کینٛہہ بلکہ وریہ واد روز گوساٗنی بوٚنن تل سادھنا مگن ۔ گوٗری ہنٛزِ کامہٕ دپتہ ہنٛزِ کتھہِ سیتی گوٚ سوروی گام آش زرس بانس ووتھ مطابہٕ ۔ منہٕ گامکِس بنٛبردارس لالہٕ ژندرس واژ شیچھ ژٕہ گوٚ بھوانہٕ شرن تہٕ بھوانی واجینٛ منہٕ گام ۔ لار کولہِ بُٹھِس پیٹھ بناوِتھ کُٹیا تہٕ روپہ کوٚر قرار ییتی ۔ منہٕ گامس سیتی وابستہ دوٚن کتھن ہنٛز وضاحت کرٕنۍ چھے ضروری ۔

اَکھ دوہہ وُچھ روپہ لار کولہِ منٛز اَڈِ ڈز بوٚنہٕ ٹنڈ پیپر وسان ۔ روپہ کھاریہ ٹنڈ تہٕ مُردن کُٹیایہِ نکھہ ۔ اَز چھ یہے قادر بوٚنۍ منہٕ گامچ عظمت تہٕ پہچان ۔ منہٕ گامچہ اَکِہ کورِ [شریمتی کشنی بخشی] اَنہٕ ناوٕ آمی بوٚنہٕ ہنٛز اَکھ مولہٕ دار ماو منہٕ گامہ پیٹھ

۸ فروری ۱۹۹۸ عیسوی دۄہہ یتہٕ ژُوِن جیٚنمہ راج پورہ یینہٕ لِس آنگنس منٛز

۱۲ فروری ۱۹۹۸ عیسوی دۄہہ - دۄہے آسہٕ دۄدِ سیٚاتی سگہٕ دان یتہٕ رۄپہٕ ہُنڈ داکھ بوٚزِ ناوان - ماذِ رُٹی موٚل یتہٕ اَز چھ اَمہِ بریہِ وُن رِیپ دھأرِتھ جہار کوٚرمُت - لوٗکھ چھِ اَکھ لاوِ بوٚنہِ رۄپہِ ہُنڈ بُرکرٛنہٕ ریلس منٛز درشُن مأنِتھ شرٛدھا یہِ ہُنڈ پوٚش ارپن کران -

اَکہِ دۄہہ آس رۄپھ مینہٕ گامہ پیٚھٹھ لاڈوسان - وتہِ سمکھیوس شاہ قلنٛدر ناوُک اَکھ سنت وتہٕ لار نِکھ - دیاں اُمس آس سیٚدھی پراپت یتہٕ رۄپہٕ پرٛژھُن ہتے ناو کیاہ چھُے - بھوانہِ ووٚنُس رۄپھ - شاہ قلنٛدرن ووٚنُس ہتے - پور ترکھ یہٕ سوٚن سپدکھ - بھوانہِ دِتُس لوٗزِتھ جواب - تلسأ ژے تَر - پور موٗخیہٕ سپدکھ -

اَکہِ دۄہہ آسی بھوانہِ بینہِ وتہِ لار نِکھ کولہِ ہُٹی پکان - گیٚری وتہٕ اُمس نأل - شاہ قلنٛدرن پرٛژھُس ہتے رۄپھ یہ کیٚاہ رنگ بھوانہِ دِتُس اَکھ پیٚھٹی جواب -

زاگ - سہٕ رٹھ یتہٕ مہ زیٚنھ

تلبا گرژھ بیدار - رٹُن دے یتہٕ کیہتہ ژھوٗٹراو - مہ زیٚنھ - دیاں اَمہِ پتہٕ چھُنہٕ زانہہ یتہٕ شاہ قلنٛدرن رۄپہِ مذاق کرنٕچ کوشش کُرمنٛز - سورخ (شوق وزل) یتہٕ مَن جِنٛٹھا [मजीठ के रंग का] پیٚیلہِ رلاوِ گیرو گेरुआ رنگ چھُ گرژھان تیار - گیروا چھُ سبھٕاہ شُست وزل لیُس نہٕ لالِ چھُ یتہٕ نہٕ مَنجِنٛٹھا دراصل چھُ گیرو رنگ کھانوٗ (Mines) منٛز اَکھ میٹر نیران یوسہٕ رنگایہِ ہنٛز کام چھُ دِوان -

کیشرِ عالمو چھُ تتھ کولِہ شاہ کول وۄنمُت یوسہ منہٕ گامہٕ کِنۍ وسان چھِ۔ اَتھ کولِہ چھِ دراصل لارکول ونان یتھ کنٛہ کاک اوس نیٛٹو دوہ دارِن کران۔

منہٕ گامہٕ واریاہس کالس رُوزِتھ واتہٕ رودٕ پھ واسکُر یوسہ واسکِہ ناگہٕ راجنۍ سادھا بوٗمی چھِ روزمُت۔ بھوانی رُوز دُریہِ واد واسکرِ تہٕ مُلک خاندان کِس گُنِس اَولادس اوٚنُن اَنِن اُچھن گاش۔ اَتھو کھنہٕ نوٚوُن بوٗم تہٕ امرہٕ تہٕ چھلہٕ تووُن نیٛتھر۔ سنتس رِتش نہ چھُ کانٛہہ ہیوٚند تہٕ نہ کانٛہہ مُسلمان خالِص پَرم برہم شنٛز لیلایہِ ہنٛد شرکت پیٛپ سیٛود لوٚد اِنسان۔ رودٕ پھ آس اَتی لۄگ سادھان۔ مادھو جُو دھرنہٕ سوٗرگ واس سیدنہٕ بتہٕ آو تہنٛد فرزنٛد یاتے رودٕ پہِ ہُنٛد زہتہٕ بوٚے لالہ جو دھر بھوانہٕ شرن تہٕ گو معرُوف گوٗرٕ سیوایہِ منٛز۔ یتہٕ تھووُن بینٛن زِیٛٹھ نیچوٗ بال جی دھر بھوانہٕ رِتش واس کرِ۔ زِندگی ہنٛدین اَخری اَیامن واتہٕ رودٕ پھ دہلہٕ موٚر والیس۔ مالنہٕ رُوزنہٕ کینٛہہ بلکہ نکھے روز دستایہِ بُتھس بیٛہہِ اکِس کُٹیایہِ منٛز سادھا لین تہٕ اُتی کوٚر تمہِ بینٛن جہا پریان ۱۷۲۱ عیسوی منٛز۔ یہ اوس ماگہٕ گٔژھ ستم ہنٛد متبرک دوہ۔

پرہیتھ جنٛس اَنشا تھووُن
اَتھِ کانٛشہِ نہٕ زیٛو بس تھووُن
کتہِ زَن اوٚنُن؟ پرزٕ ہِش پھیرِتھ
بیٛون بیٛون مِلوون تُو تس ساتی

اَمی کِنۍ چھُ رِوپہِ وٚنٛمُت ۔

یہِ میٚنہٕ ترٛوٗوُم یتہِ اوٚنمُ یانے

بہٕ چھُس سوٗے کیٚنٛہہ روٗوُم تے

رِوپہِ ہِنٛزٕ اَرِھی اَسی تھمنان بَل نِوان اوٚرٕ اوس پکان واسکرِ یکُ بنٛر دار مُتھی پیٚلہِ لوٗز شہ گوٚ ہاٚرِتس یتہٕ وِوہٕ یتہٕ نکھ ۔ ہے بہٕ چھُس واسکرِ پیٚھٹھ پیدل پکان اَمُت ۔ وِتہٕ سمکھیے یَم رِوپہِ واسکرُ وِساٹ ۔ میٚنے پرزھُن نعاٚرِ پاٹھٕ یتہٕ ڈرایہِ برونٛہہ ۔

ڈرالیس یتہٕ نیرُن آہم زنگے

زیٛہہ نہٕ یتہٕ کارون! امنگے کس

رنگارنگی گُل پھولِ انگے

میٚنہٕ نہٕ یتہٕ بییِہ زیٛہتہٕ زینگے کس

رِوپہٕ بھوانہٕ چھِ بنہٕ نِین رُوٗحانی تجربُن واکھو ڈِسی باوتھ کرٛہنٛز ۔ للِہ ہِنٛزٕ پرٛمپرا چھِن برونٛہہ پکناوِنٛز ۔ واکھ لفظُک موٗل چھُ دراصل سنسکرت زبانۍ ہِنٛدِس واکس (वाक) شبدس منٛز یمیُک مانے چھُ وانۍ ۔ آواز ۔ دیٛوی ۔ (اَنٛدرِمِ شیٚنٛچھ) بولنُچ دیٚندرے یا سرسوتی ۔ واکھ گو زلو ڈرامِتر کتھ یانے وانۍ ۔ شمار صنفہِ ہِنٛدِس رٕلِس منٛز چھُ واکھ عام طور اکھ زُپد ۔ یتھ منٛز اکھ سادھنارت تُکھتی پیٛمیر ہِنٛز پیٛمیر کتھِ اِشارو ڈِسی باوتھ چھُ کران ۔ یتیلہِ اکھ باپیر سادھک بنُن وونِہ وُشینرِ نہبر زُھٹِہ واکھ چھُ بیوان کھٚنہٕ ۔ سادھک چھُ ہتہِ ہتہِ محرم راز سپدتھ اَنٛدرِس حُبابس [ دِلُک جوش ۔ اَرمان ۔ مینہِ کامَن

اَمار - لول] ہٕنبر ترٛھٹ دِوان ۔ گماشہٕ زٕزٕنؠ اَنٛدر وییپرِتھ چھُ سادھک گماہ بیگاہ دٕیو ہیمک (اَنٛدرِ شیٹھ) رِتسہٕ زٕول ہاوان تہٕ کیٛھ وٕنِتھ وتھ گماشہٕ راوان ۔ رو پیہِ وٕنؠ واکھ یمن ییٚتر باگے ۔ تٕرون کھنٛڈن بانے ھِس منٛز چھ ۱۴۶ واکھ ییتھ پاٹھی ۔

۱ - نِروان دَشکی ۔ نِروان گو موکھ یا موکھی ۔ مُکتی ۔ نجات ۔ پرم گتھ پراوٕنؠ ۔ اَتھ منٛز چھ دہ واکھ اَمی ھِس ناو نروان دَشکی ۔ روپ آس یوگنی ۔ یوگ سادھان تہٕ سادھنا ہٕنٛدس شیے مس پٕراوس ییہِٹھ یانے ترکوٹی منٛز دیان مرکوز کٔرِتھ سہرار ٹٕکرس منٛز اَتریچ سکھر کران تاکہِ شیٚنہٕ یا کیلاسس منٛزلے ییدتھ ییکہِ یتھ ہٕنٛد انتاہ کٔرِن روٕلی ہٕنس مان سٔرس منٛز واس کٔرِتھ تہٕ موٚختہٕ مُکِتھ ۔

یُس مُکھتی شودِ منہٕ کُنٛڈلینی شکھتی وُزِنأوِتھ زٕکھر زٕکھر پیوٚر کھأرِتھ تہٕ ییو نِش بروہنہٕ نیرِتھ ترِبأتیت اوسھأیہ ییاٹھ واتہ شیے چھُ دیہٕ منٛز پرمانند اوسھا پراوان سُے چھُ ییہٕ گرٛھٕنہٕ نِش موکھی پراوان تہٕ پرم گتھ پانس منٛز وییپراوان ۔ روپیہِ چھِ ییتھ واکھس منٛز یوگ سادھنایہٕ ہٕنٛز اَکھی دُشوار کٔرِیایہِ بادیتھ کٔرمٕژ ۔

شُدھ یوکت مولا دأرِ کُنٛڈلی منأڑلی گوری
سیٚدھ ارتھ سوکھتم سُشپتی زٕکرِ درِکھت شانتا دأرِی
الپشوری تریأتیت پرمانندی شیتہٕ ست سٕتھی
انتر موکھی درشٹی نِروان زٕہیہِ شتی پرم گتی
کُنٛڈِلینی شکھتی چھ گور ورِیچ گوییتھ ییاٹھ کُنہٕ تہٕ سنسأری مایایہ ہٕنٛد

کاہنہ تہٕ ژنگ دریتھ پھٔنہ ہیکان سُہ چھُ ہنس رٕیکی پاٹھی یکدم سفید Spotless White) تہٕ زُتہٕ توٗلی ـ گور یاتے سفید تہٕ سر یچھ آر کونڈٕکی پاٹھی منڈٕلی رٕیس منز ـ امی چھس وناں مولادھاری یاتے مولادھارس منز واس کرن واجنی گور وریچ منڈل آکار شکتی ییٚمس اکھ سادھنا یہ ہنز وتہٕ بیاکھ أندرون زوتہٕ لتسی چھ موکھ میلان یاتے مُکتی تہٕ سے چھُ یان پھیرکی پاٹھی اٹنہ روٗس شلارس منز لے سیدان ـ

یچھس عارفہ ہنز اوستھا چھ روپہ ہندِ وننہ مُطابق

نہ جایا نہ جنمی دگد کرم کانڈی

نہ چھُس گژھن تہٕ نہ چھُس زنمس ینُ نہ چھُس کاہنہ ستریک حیات کرم کانڈکیو علاوہ نمبر ذرامت ـ یم بندھن چھس دزِتھ سوٗری گٔمتی ـ

اکھ اوستھا یہ بیاکھ واتِتھ نہ چھُ لتس کُنہ کولس سیتی واٹھ روزان تہٕ نہ کُنہ کریایہ سیتی تہٕ کیازِ سُہ چھُ اگیا ژرک مُستقل واسی بنان تہٕ تسند وجود چھُ ذرس ذرس منز جلوگر سپدان ـ روپہ چھ وناں ـ

نہ کلیُ نہ کرنیم مہانند روپیم

شنیم بھان واسی ادسر ومدھیم ـ

وونی گو گیانہ کھنڈ ـ یتھ أندر روپہ ہندی کلس بیاکھ ۱۱ واکھ چھ سوٗبرتھ ـ

گیان گو آتم ساکھشات کار یانے بینُ پان برزُ ناوُن تہٕ أندرِ أندری زتنہ زوٗل درنہٹھ ین ـ گیان گو شاستر وکھن تہٕ برم تتو برزناوُن ـ گیان گو بوٗدھ

یانٕے زانٕن کٲری سپدٕ گیان چھُ مُسلسل سادھنایہِ ہیتھ منحصر یانٕے گیان پراونہٕ خاطرٕ چھُ کُنہِ شُشترفہِ کرٕ تہٕ پرواں ترایٕن۔ گیان چھُ اُندرِم نوٗر لُس نیبھرٕ پرکاش چھُ دِوان۔ قلمس گژھہ تہٕ زیوِ واگیشوری [سرسوتی۔ واک دیوی] ہُنٛد وردھان۔ رُوپہ چھُ گیان ہتہٕ ہتہٕ دیتھ حفُوُت۔ وناں چھ

توٗشُم تہٕ کاسُم ہترن گٹہٕ
زن ژالٕس گوٗرن وٚکھنُم گیان

کینہہ واکھ چھ شہ پدی تہٕ کینہہ ژٕ پدی۔

پرتبِگیا درشن Philosbhy of Recognition or Identification

چھُ کشیرِ ہنٛدِ شیو شاسترُک سارِے زِگہِ اکھ موٗل دِیت۔ یتھ پھیرِتھ دُبارٕ زیننُن زرزُن تہٕ ونہِ کڈُن گو پرتیہ بِگیا۔ رو پچھ چھِ وناں دُبارٕ دِتی مس وُلی تہٕ پلے کوڈمس میثر تہٕ کُنہِ منثر زن تہٕ کھوٗنُن اُندری اُندری سنہِ کھوتہٕ سوٗن چاہ۔ میثرِ تہٕ کنہِ پرائٹِنس تہٕ لۄگ امرہیتھ وُزنِی۔ ست پرزنیوٚو بھولُنہِ پربھاتکی یا اُٹھی تہٕ بتہٕ کیا رُود باقے وُنُن یا وُچھن لائق گیا پچنہ ندِ [نادی] لۄگ وُزنِ تہٕ سنسارٕ مایا زال گو لرٕتھ بزی۔ امی سنسارٕ مایا زالکی ملن اوس اکھتی سٕنٛدمن لیتھمِہ بزی کوٚرمُت۔ حارٕ سنگولن آہس کاٚر وُٹھمٕر تہٕ وسہٕ وُن بہاد اوسُس رٕژومُت۔ یُس پوٚتی روٹہٕ سپدِتھ وار یاہس کاسِ ٹھہرِتھ روزِ تسھتھ چھ بوے پیوان۔ پرتبِگیا درشن چھُ ٹھہرِتھ روٹہٕ پاٹنس بروٚنٛہہ نیرِتھ دِشا دِوان۔ ژلہٕ وُلی پال جوٗے ہنٛز ناد گنٛگرائے چھ دراصل پرٛکرتٕ

ہُند سمواد لیُس اِنسانٕز ذہنس بیدار کرِتھ محرم راز سِپدِتھ کُل گٔنہ ران پٔتھ۔ رۄپہٕ چھ ونان۔

پاتال ژھال پھیرِتھ تہٕ کھورِم
میترِ تہٕ کینہ منتر اوٚنم پے
اَدہٕ نَد وُزِم تہٕ گل ملہٕ پیوم
پربھات سنات سَت پرزنل تہٕ ناکینہہ

رۄپہٕ چھ عارِفس سٕہٕز کیتھ باوان یہٕ صلاح دِوان کہ یوٚت تام نہٕ کینہہ اَکھ یپی تونٹ تام گژھ مُسلسل یوگ سادھان تہٕ کریا کران۔ یٚیلہِ تہٕ وادہٕ پوٚر کرِتھ تیٚلہِ سپدی سرتلہٕ سوٚن تہٕ نوٗر زژوییی ہلم بٔرِتھ۔

یدوی بِنا ماترا ویاد
وادا پوٗرک اَدِ چھے واسا

رۄپہٕ چھ اکِس واکھس منتر پالس رٔویا وۄنمُت (۱۵) دراصل یٚیلہِ یہِ پایہِ منہٕ کھوچر گلان چھُ سوہ چھ رۄپہ سپدان۔ یوگ سادھنایہٕ منتر چھُ تِتہٕ آتم گیانس سہٕٹھاہ اہمیتھ دِرتر۔ پرتبہٕ گیان درشنس منترتہٕ چھُ گیان موٗلادھار۔ گیان یانے پہچان چھ کل گٔنہِ ران تہٕ عارِف چھُ کیتھ ہیوان سُنُن۔ یوٚتاہ سُہ سنان گژھِ تیوٚتاہ چھُ تس نِنان۔

رۄپہٕ چھُ شُنیہ شبدکُ واریاہ لٹہٕ واکھن منتر پر یوگ کورمُت۔ شُنیہ گوٚم کینہہ نہٕ اَسنک ایحساس۔ شُنیہ گوٚ شُنی یا شُنیا یانے نِراکارس مادی بُندشہٕ نبر چھُ۔

شُنیہ گوَ خاَلی یا نامکمل آہنگ ایحساس تہٕ شُنیہ گوَ شہِ یاہ ۔ روٗ پہِ چھُ شہِ نامکمل آہنگ ایحساسٕچ خاطرٕ تہٕ کوٚرمت (٦) تہٕ نِراکار پرم برٚہم شُندِ خاطرٕ تہٕ کوٚرمت لیُس ماَدی زِندگی ہنٛدیٚن پانژن توٚتن [ بھوُمی ۔ زل ۔ تیز ۔ واد ۔ آکاش ] تہٕ پانژو حِسو [ آواز ۔ شکل ۔ مُشک ۔ چھِہہ ۔ مزہ ] نبر چھُ لیُس زِگتُک آدھار چھُ تہٕ لیَس مَنز لین سپدنہٕ خاطرٕ زلوٗ چھُ سادھنایہ ہنٛز وتھ رٹان ۔ یوٚت تام نہٕ برٚہم گیاٛن حاصِل سپدِ لیس توٚت تام چھُ اَوہِنٛس مَنز ہینہٕ یِتھ ترِ تاوِ بیہِتھ گرُنہٕ ہنٛدی پاٹھی زھرٕ ٹھ زھرٕ ٹھ کران ۔ گیان چھُ شہ دیپ یُس تِشنٛزِ وتھ گاشہٕ راوان چھُ تہٕ تس آتم ساکھشات کار یانے پانٕے پانچ پہچان کرناوان چھُ ۔ شُنیہ چھُ رلان مہا شُنیس سیٖتی یانے آتما چھُ پرم آتما ہٕس سیٖتی رٕلِتھ چِہے تنیہ سرُوٗپ चैतन्य स्वरूप بنان یانے قطرٕ چھُ اَنتہٕ روٚس سُدرس سیٖتی رٕلِتھ تہٕ اکھ قطرٕ آسنکہ وجوُدٕ لِش موٚکھی پراوِتھ سُدرکہ بحرُک اَژھیوٚن انگ بنان ۔ اَمی چھِ روٗپہِ ونان ۔

دِتھِر گیاٛن تہٕ پان ووٚدارے
شُنیس شُنیاہ سیٖتی مِلاوے
یِہے گیِیہ آنٛند او سھتا یِتھ مَنز :—
شیرے گنگ تہٕ ہیتھے ناوے

مُبرٚہم

دُدہہ پاتھِ [ بمنُن ۔ پیٹُن ۔ لبنُ ] تہٕ اَرزُن [ براوُن ۔ لبنُ ] روٗ پہِ چھِ گوٚرس شیٖرِ پوٚش لاَگمتی تس چھُ سیکہ وِشواس کہ گوٚدٕ کرِ پایہٕ ورآے ہینکہٕ نہٕ کاہنہٕ لِبشر یوٗگ

ساُدھت تہٕ سٕہر ساریانے گگن منڈلچ لیلا ؤچھھ ۔

گورٕ موکھ ڈیانا دارے

چرنا ہردیہ کمل

روپہ ہنٛدی واکھ پٔرِتھ پٕدٕ مےٚ ییٛمہِ کتھِ ہنٛد یقین کہ پنڈت مادھو جُو دھر چھُ تمہِ وقتکی بہلہِ پایکی عالم آسی ہتی ۔ شو فلسفہٕ شھڈ درشن تہٕ ویدن ہیٛتھ چھُ تس ساٹھاہ سٕہی نظر آس ہتر ۔ تمو چھُ گیانہٕ زِ تنتو سیتی روپہِ ہنٛد ووٚنٛدٕ کاشرٕ روومُت ۔ شو فلسفہٕ مُطابق سہج اوستھایہِ ہنٛد احساس ۔ شٛندرے نگرہ ۔ سانکھیہ ۔ نیاے ۔ وٕے شسے شکھ ۔ یوٗگ ۔ پوروٕ میمانسا ۔ اُتر میمانسا [ویدانت] یانے شتوٗ وادن ہنٛز زان ۔ یوٗگ سادھنا یا یوٗگ کریا وناں چھُ بتہٕ اہم پہلو ییمن ہنٛز زان دتھ ماٹٕ رپایہِ روپہِ ہنٛد بخش ۔ تمہِ سوٚد یانے تہٕ پرا پُتر دِژن یمتھ زلو

ساُدِتھ گٕتہٕ تراٗوِتھ گاشس ژالیس

ماٗرِتھ سارِ یمہِ پاٗنٛتر شٛندرے

توے ہٕہر کلہِ سیتی یوٗگ ساُدِتھ

سرو وادِ زونم گیان پانس ہیوٗہ

اما کھنٛز گٕتہٕ کوٗھرِ منٛز چھُ گیان دیپ دزان تہٕ احساسِ حقُ باس پیدان ۔ روپہِ چھُ وٗنمت ۔

یُس ویٛنہٕ گاٹے تہٕ نیوارے = شسے شریرٕ تھاوے پانس بروٗنہہ

ویہہ گیہ سنٛ ذگ ورگہ پاٹھی گو ازروٗن نا خوش ییٚن۔ ویہہ گو زہرتہ۔ تیہہ گو تیزی۔ ژھوکھ۔ ہیٹھ۔ کیہہ تہ شہر پالس بٕرونٛہہ بھاونک۔ مطلب گو کمایایہ ہٕشدی مدمست ریکہ تہ کانٛہہ لگاو آسن۔ یہ چھنہ روزان یہ چھ زن واہراتہ روٗد۔ اتی چھ تہ اتی نہ کینہہ۔ یمیس یہ ایحساس آسہ تسی چھ کھلہ ہٕشد بول بوش یا کتیجہ ہٕشد وینہ وٚت کفن گرژھان۔ باقہ بلی بھیکان ہے منے تہ وچھ نواب؛

روپہ چھ ییمہ کیتھ ہٕشد ایحساس کہ "یسہ گاران سہ ساری چھ" یا نے پرتھ زلوس منٛز چھ تسنٛد واس۔ اماتیٚلہ کیاز دیت یا نے دوئی۔ دوٚن ہٕشد ایحساس۔ ژٕ تہ بہ۔ ہٕتہ یہ۔ سہ تہ ژٕ۔ بہ تہ سہ۔ آسن کیا گوژھ غالیس سہ تہ سہے۔ روپہ چھ کریایہ ہٕنٛزٕ وتہ بروہہ پکنچ کل گنہ راوان تہ کیاز تس چھ سیکہ ولشواس کہ۔ بٕرونٛہہ بٕرونٛہہ ییکھ دوے ہا لوسی

نہتھ پوشہ تہ سے پچھے ساتھ

لیکن شرط چھس ییتے کہ ڈیان دھارنہ وزہ چھس گوڈ بینہ یان کہوچہ کھارن۔ بینہ آسنک ایحساس ہمراون۔ پیاری پیاری، ژو پاری نشروٗن من کاژہ اٹن۔ رٹن مو چھ منٛز تہ اندری اندری شو وزناوٚن گو دراصل ڈیان دھارن۔

لُس منہ ہیبیے ڈیان تہ پانس تولے

کُنہ نہ گیپلہ تہ کانٛشہ نہ گیلے

روپ چھ ٹکھتس ییمہ سنسار کنہ مایا زالہ منٛز نسبر نسبر تھ ییمہ تہ گژھنہ تس موکھ

ژراوَنہٕ خاطرٕ یوٚگ سادناوان ۔ تَس چھُ وِشواس کہ یوٚد کرِٛا مُسلسل ییٚیہِ کرنہٕ زِ یوٚ ژراوِہ نرمل گَژھَہ تہٕ اَنٛدرٕ ژکیس امرِہ تھ وُزلِہ ۔ یمہ آزس تہٕ ہیٚکیہِ دٕپیٚز زھانٛٹھ گژھِ ہیٚکہس ژھنہٕ نامُمکن یوٚد وے ترٔی اوسھتایہِ ہیٚشدِ آنٛندک آبھاس سیدٔی ۔ اِسلئے تکھتِس چھُ اَنٛدرِمِس دُد وٕنَس شُندن وَن بناونُک سنکلپ گرِتھ تہٕ لوٚبنہٕ ہیٚھٕ ہیوٚر کھُساتھ یانے مولا دھارٕ ہیٚٹھٕ سہسرارس تام واتِتھ اَبدی سکوٗن براوُن تہٕ ژراونہٕ خاطرٕ چھُ سوٗرے کیٚنٛہہ یانے ییٚمہِ سنسارُک رُیشِل تہٕ میٚوٹھ آسُن تہٕ لُسُن مُشراوُن ۔ ییٚمی ترٛوو نِمی یرٛوو ییٚمی نہٕ ترٛوو سُہ ہیٚوٚک نہٕ اَکھ پوٚو تہٕ ہیوٚر کھُساتھ ۔ روٗپ چھُ ونان ۔

یوٚ ہتہ ژٕلہِ ہی ژِمے وَل امبر
یوٚ بوٚ چھُ ژٕلہِ ہی آسکھ ترٛیتھ
ژِمے آثار بو کھتہ یوٚ کھت یوٚگ کر
رٕدٕگ گلہٕ نے آسکھ موکھت

ییٚلہِ یہِ اوسھتا پراپت سیدٔی تکنفی چھُ یوان حیسہٕ ۔ تَس چھُ ییٚہہ لوکھ مشان تہٕ دِیوٚ لوک اَچھن برونٛہہ کینہٕ راس مگن درشٹھ یوان ۔ ییٚہے گیہِ نظر کھُلنی یا نظر موکلنی ۔ پرمار پھُچھہ وتہٕ ہیٚھٕ کتہِ درِیہٕہہ لوکُک سوٚارتھ ۔ سُہ چھُ پوٗشہِ موٚت بنِتھ بَس پوٗشہِ پھُلئے وُچھان ۔ بقولِ روٗپ

ہوش میلہِ تے پوش پھولائی

روپہٕ چھُ وِشواس کرِیُس سادھک سومَنہٕ یہِ وَتھ رٹِھ تس چھُ پرم برٛہم تہٕ لوٗتھان

تہٕ یس دے لوٗتھ تس چھُ نارس گلزار سپدان

توٗشُم تہٕ کاسُم نیشرن گژھِ

زن ژالِتھ گورن وو کھُتمَ گیان

پانٛژھ گیانہٕ ئینٛدرے + پانٛژھ کرمہٕ ئینٛدرے + مَن گیہٕ کاہ

اُچھ، کن، نس، زلو، ژم   اَتھ۔ کھور، واکھ۔ گدا۔ اُپست

گُنڈِتھ لوک اُکسے گیبجہٕ تہٕ رُٹٕ لوک کاژِتل۔ شریمد بھگوت گیتاہِ منٛز چھُ شری کرشن

ارزنس ونان۔

तानि सर्वाणि संयम्य युक्त आसीत मत्पर:।
वशे हि यस्येन्द्रियाणि तस्य प्रज्ञा प्रतिष्ठिता॥
(2/61)

तस्माद्यस्य महाबाहो निगृहीतानि सर्वश:।
इन्द्रियाणीन्द्रियार्थेभ्य: तस्य प्रज्ञा प्रतिष्ठिता॥
(2/68)

روپ چھِ ونان

گوڈٕ گرٛم کاہن اُرِٹھ۔

تہٕ پتہٕ۔   کاہ ییلہِ دَزن سہ ییٚیہ وارے

بۓ ییٚلہِ گلے اَژِس گرٛکھ۔

الیشر سُند ظھور چھُ ذرس ذرس منٛز جلوٕ گر مگر زلو پنٛز موٗرکھ بوٗز کیاہ کرو سہ

چھُ پنُن مَن منڈرٕ مُشرِتھ ہُیآرٕ ییآرٕ ژٕ یآرٕ لٔس گاران تہٕ آخرس لوٗسِتھ
پوٚت پھیران ۔ روٗپ چھِ دراصل نِبر پہنٛ اُنڈر اَژنچ کٔل کڈان ۔ لوٗگ سادھنایہٕ
مَنٛز تہِ چھِ نٕلِو اُنڈرِ اُنڈرِ کوہ تہٕ بال ژٕھنڈِتھ کیلاس واتان تَمی تہٕ چھِ
سوٚلیہ ہوشس باہوش سیدٕنچ ژینہٕ وَن دِوان ۔

شہ تا اُنڈرٕ نِبر یِرٕتھ دیشن
کوٗ وے دیشن گاران لوٗسُے دوہ

دراصل چھُ بھوانہِ پہنٛ شیو درشنُک سِنہِ سوٚن اَژبیوٗمُت وُچھتو شِوسوٗترس
مَنٛز: शारीरं हवि (شِوسوٗترٕ ۲۸) یوٗسہ کتھ وَنہٕ چھِ آمٕژ سوٗ چھِ روٗپ دیدِ
تہِ پننِہ لِس اَکِس واکھس مَنٛز ویژھنآوِمٕژ (۵۹) شیو درشنُک اَدوٚیت وآدی تصوُر
چھُ روٗپہِ ہنٛدین واکھن ہُنٛد لُبہِ لُباب ۔ سُہ چھُ ژٕ تہٕ سُہ چھُس بہٕ ییلہِ رلہِ ژٕ
تہٕ بہٕ تیلہِ باسہِ سُہ ۔ روٗپ چھِ ونان ۔

بانہٕ پھُٹرِ تہٕ بانہٕ کھُرے
کُس مرِ تہٕ کَس لگہِ دوکھ
بانہٕ نہاوِ تہٕ بانہٕ ہلوٗرے
کُس سورِ تہٕ کَس پیِیہِ تھَک

شِو چھُ لیلامَن ۔ کائناتُک گران رنٛگہٕ رنٛگہٕ تہٕ اَنگہٕ اَنگہٕ یہِ سورُے کِسب چھُس پانَس
اَتھِ ۔ لیلامَن رُوزِتھ بانہٕ لۓ پیدِتھ چھُ کائناتُک ہُنٛد یرِتھ ذرٕ ذرٕ مَنٛز پوان تہٕ

مُختلِف رٔنگ تہٕ روٗپ پراوان ۔ یاسان چھُ برکرت چھ اکھ کنواس ییتھ پیٹھ شو
چیتر کار بٔڑی یا ہٹی پننہِ فنُک کمال چھُ ہاوان ۔ وُچھوے تہٕ سُہ چھُ مدارٕ ۔
بازی گر تماشہِ سیٚتۍ اَسہٕ ژھیت لِوان تہٕ ہتہٕ ہتہٕ تماشہِ ختم کٔرِتھ بیٚنٛ سوگھاٹ وٹان
تہٕ کیلاسچ وتھ رٹان ۔ اکہِ پیٹھ اَنیک تہٕ اَنیکہِ پیٹھ اکھ ۔ یہے تہٕ چھ لیلا ۔ یُس
تۄگ بوزُن تمی ژور ماتے تہٕ رازٕ ہنٛس بٔنہِتھ ترکُن موغتہٕ مان سر بٔہِتھو بٔہِتھو ۔ یُس
گیہِ غفلتھ سہ گو دٔلِسی ۔ روٗپ چھ ونان ۔

پرٕتھ جِنس اَنِتھ تھوٗوُن
اَکھِ کانٛسہِ نہٕ زلوس تھوٗوُن
کتہِ زَن اوٚنُن ؟ پرزٕھس پھیرِتھ
بیوٗن بیٚنیہِ ملوٗن توٗتس سیٚتۍ

شوٗے چھُ پرٕمکھ کرتا ۔ زلوس چھُ ٹلی اَہم امہِ کتھِ ہُنٛد کہٕ یہٕ چھُس کُس تام ۔
سُے چھُ یوان تہٕ سُے چھُ چھوان ۔ سُے چھُ ووان تہٕ دِوان ٹکھ یانے یہِ چھُ غاتھ
رٕہنٛزِ یرٕھایہٕ ہُنٛد انجام ۔

یوان پیالہٕ تہٕ چھوان پانے
ووان پانے تہٕ دِوان ٹکھ
تہٕ کیاز ۔ اوسکھ ژٕے تہٕ بیٚنیہ نہٕ کانٛہہ
ڈیالس منٛز ژٕے تہٕ پالس منٛز ژٕے
اسلے ۔ اکھ گیالس ژٕسے میہ نمکار

شو فلسفہٕ مُطابق چھُ گاش دارُشنہ یہِ دھرم کہِ پنہٕنہٕ زان تھوِنہٕ سُہ پانس تام پیٚہ محدوُد۔ بلکہ زاگی ہُند آبِ حیات چاوِلوُکن تہٕ گاشہِ راوہ بکھ دِتھ۔ یہِ چھ پیٚر دوہ پکار باونا گیانہٕ پھٕنجہ گنڑ دِتھ روزِنہٕ سُہ خاکیس پانس اندی اندی گتھ کران بلکہ گیان دان یُس شاسترو مُطابق سارِوے کھوتہٕ تھوٚد دان چھُ۔ ناموٚر رٔیشی تہٕ مُنی آزی کہِ زمانکی بٔڑی بٔڑی عالِم تہٕ ماہر۔ فِلاسفر تہٕ مُفکِر سائنس دان تہٕ شاستر پنڈت سٔنت تہٕ مہاتما رُودی گیانہٕ دان کران تہٕ بنی النوع اِنسانس ذہنی وُسعت تہٕ فرحت بخشان۔ رُوپہِ تہٕ چھُ وِشواس کہ یَرہ وِیکارس برابر چھِنہٕ کانہہ دھرم تہٕ گیان دان چھُ زٔندن وَن کہِ مُشکہِ اَدفرکہ پانھٕ ماحول مُعطر کران۔

یان یٔیمہِ زوٗن سُہ بینیس سنوارے
نِشہِ کاتُس تارے زٔندن بوے
کاتھ یتھ بوے ہینیہ زٔندن دارے
نُہرے گارِ تہٕ ننیس داتھ

اَدویتہٕ وادی فلسفہٕ کِس اثرَس تَل چھِ روپ 'एकोःहम न द्वितीय' بیٚ چھُس کُن تہٕ بیاکھ نہٕ کانہہ۔ زلوے چھُ برٕہم تہٕ برٕہم چھُ زلو یِتھ اَشس مَنز چھُ تشدُ واس تہٕ کائنات چھِ فقط تشنرِ یِتھایہ ہُند پرنام۔ روپہِ چھُ اَکھ کتھِ سیٹھ زبردست وِشواس۔ ونان چھ۔

ماتا پِتا سُہ براتا پانے۔ یِتھ تھانے کتھ نہٕ نیٚیے
نبراکار پیٚب لاگتھ پانے۔ سہتھ پانے تہٕ کتھ سنہٕ نیٚیے

ضوٗرٗرتھ چھےٚ صرف بیٚمہ کیتھ ہنٛز کہ دیہہ زوتہٕ ناوِ گیاہ اَگیہ سیٖتۍ تہٕ پیٚلہِ گیاہ اَگِن اَنٛدرۍ ژھتہٕ مارِس تیٚلہِ کیاہ کرِس شاسترٕ گیان تہٕ شستر پرٛار۔ تمہ اَوسھایہ پیٚھٕ واتِتھ چھ تم بیکار سپدان۔ نہ روزِس پرٛھاتہٕ نہ شوٗرتھ۔ سوٗرے گرٛھِ پرمارتھس مَنٛز لۓ تہٕ زلیوترِ بھوو ساگر ایوٗر ترٛٹہٕ تہٕ طوفان وُچھنہٕ یاوٕتہٕ بنٛار۔ واکھ چھ بیٚیہ اکہ لٹہِ یوگ سادھنایہ ڈسی دیہہ زوتہٕ ناویج کیتھ کران۔ دراصل چھُنہٕ پتہٕ دِیہہ تہٕ روزان سہ تہٕ چھ سوٗری گرٛھان تہٕ آتما چھ بھانس واتِھ جانانس نالہ متہٕ رٹان تہٕ ڈوٗلی چھُس ادویہ مَنٛز تبدیل گرٛھان عالمو گوٗنڈس لچھ واد تہٕ ناوِیوس ادویتہٕ واد

لُس نا کنٛدِ لسما کرے
پرشار تہٕنٛدے شومے رَپ
شاستر تہٕ تُستر کیاہ مُترٕ نے
رلِس اَگِن تہٕ مٔرِس دیہہ
کینہہ نۓ منٛگے کینہہ نہٕ شمرے
ڈیان سشرارے تہٕ تارے یان

مادی زِنٛدگی ہنٛز سوہرٕ ناشکلہِ یس ناگَیہ تس چھ ذہنک سکوٗن تہٕ دِلک قرار زن تہٕ کُس تام مہادو لبتہٕ پنہٕ پھل گاتہٕ جارٕ سیٖتۍ زورِ لوان۔ تمی برِ نرکانس ریٚنیہ تہٕ پھوٗ سیٖتۍ کوٗرن تہٕ کم رام۔ رازن کور رتہٕ پیٚھٕ بنٛن آسن

ہِنارِ تہٕ انجام موت - کام چھُ نِوان ذِہن پھِھتھ - لوٗب چھُ تلان گٹہٕ زوٗل -
کروٗدھ چھُ بوٚدِھ کھاران دارس تہٕ اہنکار چھُ شوٚعورس دِوان ہٹہٕ گرنڈم - مدھ چھُس
حد ترٹہٕ ناوان تہٕ متھہ چھُس باکہٕ ودٕ ناوان [ راجہ ہرنام تہٕ ماتا سوٚنہٕ مال - اکہٕ نشدُن
محمد میر) دُودِھ چھُ پاتےٚ لونُن پانےٚ چھومبُن تہٕ پانےٚ پاکہٕ دُن اکہٕ نندُن -
مےٚ چھُ وِشواس کہٕ زلوٗس چھُ ئیتھی زمٕس منٛتر بنہٕ نین کو کرمن ہنٛد پھل لوگُن - تور
چھُس نہٕ سہاتی نِیُن کینہہ - تتہٕ چھُ لشٛد ہسٹری شیٹ چِتر گُپت ہُنٛدِس کمپیوٹرس گوڈے
کھوٗتمت آسان - روپ چھ مانان کہٕ زلوٗس چھُ بنہٕ نین اعمالن ہنٛد پھل لوگمُت تور
بیٚنوان گژھُن - ممکن چھُ یہٕ آسہ نرکس گژھنس کُن اِشارہ - ہے یُودھشٹرس بیٚیو
'اشوتھاما ہتا' ونہٕ لِس ییمہٕ زِنٛدے نرکس گژھُن - وُچھِو زلوٗ پرکرت زنانہٕ تالِ لاجِکھ
داوس - روپ چھُ ونان -

زھُنس لوٗب، کروٗدھ کام اہنکار
زاو سہارس عمل کرنے
پتہٕ سہ اعمال عمل ہورنے گوو
لوٗزھ اوس آمت کوٚزھ کیا نیٚیے

۳- روپہٕ ہنٛدین واکھن ہنٛد ترٛییم کھنٛڈ چھُ سواَنوبھوٗ اُلاس دشکم
[ स्वानुभव उल्लास दशकम ] گوٚ ذاتی زانٛی ہنٛد ہرش تہٕ وٕلاس - ییم چھ
دٕہ واکھ - ییمن منٛز سوٚہم چھُ مانِنہٕ آمُت پرم شکھتی ہنٛد اگُر -

سُہ ئیُس اکیلا پَرم برٛہم سوٗاہم

سُہ چھُ شُدھ سوٗروپ۔ سروٕ وٗیاپک تہٕ کاینات ہٕنٛدِس ذرس ذرس مَنٛز جلوہ گر۔
روٗپ چھُ تٔمِسٕنٛدِ نورٕ سٟتؠ منور سیدان تہٕ مَست سیدِتھ ترٟی اوسھتایہٕ ہٕنٛدِ ہرش ناد سٟتؠ
لیٚہِ یِوان یِہے گٔیہِ زاگرت، سوٕپن، سُشُپتی ہیٚور ترٟی اوسھتایہٕ ہٕنٛز پرایت۔

اَناہت اَنامےٚ سُہ ترٟی اوٗسھتا

آنٛند یُک سُہ پَرم برٛہم سوٗہم

یِمن دہن واکھن ہٕنٛز زبان چھِ کاشُر زبٲنؠ ہٕنٛد اَپبھرنٛش رٗپ سَنسکرِت زبٲنؠ ہٕنٛدِ
وِیاکرنٕچ ہُنٛدِ شن نکھ۔ یاسان چھُ زِن چھ اٗسی فِقرٕ مٕنٛز سنسکرت زبان بولان۔
۴۔ واکھن ہٕنٛد ژورِم کھنڈ چھُ آنٛند دُوادشی۔ یَتھ مَنٛز دُوادِش واکھ یانے کُل یاہ
واکھ چھِ تہٕ آنٛند اوسھتایہٕ ہٕنٛز پرایتی ہٕنٛد احساس چھُ سوٗن تہٕ گوٗن۔ ٹکھتی بیٚلہِ
اَتھ اوسھتایہٕ بِہِتھ واتان چھُ نارس چھُ گرٕہان گلزار۔ سرتلِہ چھُ سیدان سوٗن۔ جانانہٕ
چھُ یِوان درٛشٹھ تہٕ زوٗلانہٕ چھِ بیٚیوان وُسی۔ مَنٛز گوٗلؠ چھِ گرٕہان کرشن مےٚ تہٕ کرشن
مےٚ سیدُنے گوٗو آنٛند مےٚ سیدُن۔ یوٗہے گوٗو احساسِ حق یانے پٔزرٕچ پٔزرٕ نِتھ باگہٕ
یِنہِ۔ دُوٕلؠ ہٕنٛز نالکہٕ چھِ یِوان پھُٹِھتھ تہٕ ٹکھتی چھُ پراوان پَرم گَتھ تہٕ روٗپ چھُ کھوٚچر
روٗس روٗپ ہیٚتھ بازٕ نیران۔

دِہہ اَنتر سوٗ شیٖھت سوٗوٗم
وُنِہ لوٗوُم ترٟیا پانے
اَناہت آنٛندٕ پھولہٕ لوٗوُم
مہٕ چھُس سوٗے کیٚنٛہہ روٗوُم نہٕ

روٗپہٕ چھُنہٕ زٕہنِہے لوٗکہٕ کتھن کُن دورمُت ۔ تس اوس نہٕ کانٛہہ ہُنٛد بُھیہ نہٕ چھِ سوٗ خانن مَنٛز تقسیم گٔژھتھ یینَس نہٕ یِرُد ۔ یُوُن نہٕ میوٗن ۔ ژھیوٗٹ نہٕ شتروٗژ ۔ دُنی یاوی ناوٕ باو نہٕ تگن گری ، اکھ وَنٛدے نہٕ کیتھ ہیٚمے ۔ زُو وَنٛدے نہٕ سُہ نہٕ کیٚتہ سُنٛد ناوٕ باو ولیہٕ نارس آنان ۔ اَکھ ولیہٕ نارٕ بوز آسہ تمہٕ گوڑے لتھ دِژمٕتہٕ نہٕ یتھ تراوِتھ آس بروہٕ ژرامژ ۔ اَتھی چھِ سادھک ونان آہتہ نِگرہ یانے یینٕ یان کاژِ تل رٹُن ۔ یینٕن جِسن یہاٹھ قوٗبو کرُن ۔ شوٗرِلیس مَنٛز سَم گژھُن چھُ تسُنٛد مدعا ۔ اَمانٕس کُہنٛد آسہٕ بِے ۔

لوٗکہٕ کھوٗژن کلہٕ نوٗ دورُم

شوٗ روٗپہٕ شوٗدہ نِرمَل یٕرزلیوٗم

روٗپہٕ ہِنٛدِ ین واکھن ہُنٛد سُہ پاٹھ مشُدھ رٕپ لیسُ ڈاکٹر تریلوکی ناتھ گنجوٗ ماٚین "شری روٗپ بھوانی رہسیہ اُپدیش" ۱۹۷۷ عیسوی ناوِچہٕ کِتابہٕ مَنٛز پیش چھُ کوٗرمُت چھُ مے یَمہِ مضموٗن خاطرٕ مستند رٕپ مانِتھ ولیہٕ نارس اونمُت ۔ یوٗدوے اتھ پاٹس چھِ شری الکھ صاحبہ سٹرِیچ موہر تاہم چھُ یہ پاٹھ نہٕ تحقیق طلب ۔ روٗپہٕ ہِنٛدِ ین واکھن ہُنٛد مانے مطلب ۔ لوٗگ سادھنایہٕ ہُنٛد تھز رتہٕ بجر ۔ یٕرتیبگیا شاسترُک سوٗن نہٕ گوٚن اَثر نہٕ یوگنِی ہِنٛدِ ین ذأتی روٗحأنی تجربن ہُنٛد وُشینر چھُ یمِن واکھن تحقیق کرن والین عالمن نہٕ یوٗگِہ ین نکھ آنان ۔ یِم چھِنہٕ کُنہِ محدود سماجی یا مذہبی حدن پابند روزان نہٕ کیازِ یِم چھِ کُلس یہٹھ اِنسانی ذِہن وُزناوِتھ حدٕ روٗس حدن

ہِنٛزٕ زان کرناوان۔ یہ چھُ نہایت ضروری کہ رٔژ پہِ ہنٛدیٚن واکھن ہُنٛد جایزٕ ہیٚیہِ ہیٚنہٕ اُکھی پیٚس منظرس منٛز۔

بھوانہِ ہنٛدیٚن واکھن ہنٛزِ کاشرِ زبٲنی ہیٚہہٕ یٚتیِکہ اظہارِ خیال کرُن چھُ میٚے نہایت ضروری باسان۔ کیا یہِ چھا ۱۷ ہِمہِ صدی ہنٛزِ عام کاشرین لوکن ہنٛز زبان کُنہِ تِہ زبٲنی ہُنٛد سہٕ رٕپ لیٚس۔ لوگ سادھکو دسی ورتاوس اوس یِوان اَنہٕ یہِ زبان چھِ لگ بھگ ۳۰۰ ؤری پرٲنی کاشرِ زبان اَز کل کِہ کاشرِ زبٲنی ہُنٛد اَپہٕ بھرٕنش رٕپ یہِہ بیٚہ بٹھ شنکرِت زبٲنی ہُنٛد سہٹاہ سۄن اَتر نظرِ چھُ گژھان۔ کُنہِ چھُ ہوبہو شنکرت لفظ تہٕ ترکیبہِ [بناوٹ construction] اِستعمال آمتۍ کرنہٕ تہٕ کُنہِ تہنٛزٕ پراکرت یا اَپہٕ بھرٕنش رٕپ دلیٚو ہارس آمت اَنہٕ نہٕ۔

میٚے چھُنہٕ باسان یِہ آسہِ ہے ۱۷ ہِمہِ صدی منٛز نکہٕ بوٗلی۔ یہِ چھُنہٕ ممکن یہِ چھُ سہٕ دور بیٚیلہِ مغل راجن ہنٛدس دبہٕ دلس تل کاشرِ زوان آسی تہٕ فارسی زبان آس بہ حکمِ سرکار یا بہ زورِ شمشیر مقبولِ عام سپدان۔ فارسی پرُن تہٕ پرناوُن آس وقتُچ مجبوری۔ اِسلام اوس قدم بہ قدم مُقتدی سان مکہٕ مُتس نکھ یِوان تہٕ عربی زبان آس اِسلامی مدرسو تہٕ ادارو دسی لکہٕ ذہنس مُتاثر کرِتھ تِہنٛزِ مادٕ زبوِ لہجِہ تہٕ رٕپ بدلاوان۔

رٔژ پہِ ہنٛزِ زبان تہٕ زبٲنی ہُنٛد دلیٚو ہار آسہِ ہے تِہ وقتکس اکِس خاص طبقس تام محدود۔ میٲنۍ کِتھ چھُنہٕ یِہ لکہٕ زبان کینٛہہ تہِ۔ اَز کل چِہ کاشرِ زبٲنی

نِش ہناد ور ۔ یتہٕ چھُ اکھ وجہ کہ روپہٕ ہندی واکھ چھنہٕ عام لوٗکن تام واتتھ ہیکان ۔ یم چھِ اُکِس خاص ورگس تامے محدود ۔

دوٚیم کتھ یوٚسہٕ غور طلب چھِ کہ روپ چھِ یوٗگ سادھک اسلئے تنتر شاستر شیومت، ہٹھ یوگ سادھنا، یئرتہٕ بیگادرشن نِرگُن سگُن بھکتی سادھنا تہٕ کرم یوٗگچ یوٚت تام تہٕ کینہہ واقفیتھ حاصل آسہٕ تہٕ یتی یوٚت تام تہٕ سنسکرت ۔ پراکرت تہٕ اپبھرنش زبانن ہنز ہناداں آسہٕ توٚت تام روپہٕ ہندی واکھ منٛدنی گو یاں کیہہ منٛدنی کتہٕ ییہہ ہس تھٔنی تہٕ کتہٕ تبنلہٕ بالہٕ کرِشن ۔

یہ کتھ زانتھ تہٕ مانتھ تہٕ چھ روپہٕ ہنزِ زبانی ہندی کینہہ تہٕ لصورت پرِیوگ ۔ تشبیہ تہٕ استعارہ ۔ اشارو ڈسی کتھ باوتھ ملاحیتھ یانے کنایہ [श्लेष / यमक] کہاوژ تہٕ محاورہ کاشر آومتی ۔ سنسکرت لفظ یرن وابن متاثر کران ۔ باسان چھُ تس چھِ ضوٗروٗر علم بیاوتھ ذان کاری آسہٕنز ۔

وُچھو کاشرِ آوی متن سنسکرت لفظن ہنز تلہٕ چھاوے

| سنسکرت | کوشُر | |
|---|---|---|
| अदृश्य | ادریشٹھو | ۔ یُس نہٕ بوزنہٕ ییہ |
| अंश | اَمتا | ۔ باریک جز |
| अर्चन | ارژن | ۔ پوزا کرٕنی |
| अजर | اَرز | ۔ یُس نہٕ بُڈِ |
| आहार | آہارِم | ۔ آہار کوٗرمکھ ۔ کھیٚیم |

| | | |
|---|---|---|
| वृक्ष | برٕکھ | کُل |
| बुद्धि | بوٗدھ | عقل |
| प्रकट | پٕرکٹس | نوٗن گژھٕنس |
| प्रसार | پرٕسرے | پھہلاو |
| प्रसन्न | پٕرشِنّہ | خوٗش سپدِتھ |
| प्रवृत्ति | پرٕوتھ | جُھکاو |
| पूर्व | پوٗرے | پوٗرِ کنہِ |
| तत्त्व | توّت | تتَو |
| स्थिर | تھِر | یُس اکِسے جایہِ روزِ |
| क्षुदा | چھُدا | بوٗچھ |
| धारा(प्रवाह) | دارا | کوٗل |
| दुग्ध | دگدا | دۄدٕ مُت |
| दीप्त | دیپت | زوٗنتہٕ وۄن |
| सूक्ष्म | سوٗکھم | زاوِیُل |
| शमन | شمبوم | ہُمن - ٹھنڈٕ گژھُن - |
| शून्य | شُنیہٕ | خلا - کینہہ نہ آسُن |
| कांक्षा | کانکھے | یژھُن |
| निवारण | نِوارے | دوٗر کرُن - |

| | | |
|---|---|---|
| निर्जन | نِرزن | شُنیاہ |
| निर्वाण | نِروان | مُکھتی |
| विशेष | وشیشتا | خاص |
| विस्मय | وِسمئے | تاَجُب |
| हरण | ہرے | دور کرے |

وُچھوِیم شبار یِہند اِستعمال روٗ یہِ ہو بہو تِتھی پٲٹھۍ یِتھ کُنہِ زمانس منز گژھان ٲسۍ۔ تمن منز چھِ کینہہ لفظ آیت [اوس - چھُ] بھانو - بوٗدھ - پادپ - پَد - پَدوی - پَرم برٛہم - ترِشنا - ترِیہیہ - تُریاتیت - چیتر ورنم - دھارا - دٕرِشٹی - رَہسیہ - سپرٛش - سُدرِشٹن - سَرو سرٛیشٹھی - سوکھشم شبد - شِشیہ - گیہ - منڈل - مین - ناسیت - نَد - نَر - تراکار - وارتا - وایو، وِیوہ -

وُچھتو وونۍ تہِ وتھکہ فارسی تہٕ عربی دبہٕ دبک اثر -

۱ - وادا پورکھ اِچھُبے واسا - وعدہ - (अ) - وچن

۲ - سہز رسپر پوٗرِھ ڈرالیس - رسپر (फा) ڈھال - کوچ -

۳ - گِیانی درشن دِیہِ یخلاسے - یخلاس (अ) خلوص प्रेम سच्चा और निष्काम

۴ - ساقی پِلاو ہوٗہ - نا - ساقی (अ) شراب پلانے والا -

۵ - طِماہ تہٕ ترِشنا دزاًکۍ چھِ طمع (अ) لوٗب - خواہش -

۶ - کرٛودھ ٹراوِے بوٗدس شہ باوے - بوٗد (फा) ہستی - جیت -

۷ - کُنہِ نہٕ ظمہاۍ کنہِ یہِ تکابُرہٕ - تکبُّر (अ) غرُوٗر - گھمنڈ -

۱۰۱ - ۲ تمبوٗرٕ سازے لُس گوٗوش - ساز - (ف) - باجا - وادیہ

۴ تمبوٗر طوطے کیاہ بولہِ ووٗنی - تمبوٗر - (ف) ایک تار والا باجا جسمیں نیچے کی اور تمبی ہوتی ہے -

۱۱۰ - ۲ زاو سنسارس عمل کرتے - عمل - (अ) - سنسار میں اچھا یا بُرا کیا ہو کرتیہ

۵ یتہٕ سہ اعمال عمل ہورنے گوٗ - عمل बहुवचन اعمال

۱۱۲ - چھوٗن بانہٕ کتہِ مالہِ درکار یوان - درکار (ف) مطلوب جسکی اِچھا کی جاے

روٗپہ ہارِن واکھ ہُندۍ کیٚنہہ بنٛد چھ از کہاوتہٕ ہنٛدۍ سون دونٛد یہِ گاشہٕ راوان یہِ اونٛد پوٗکھ یہِ - یمن واکھ بندن منٛز چھ لوٗگ اُتھ بھوٗگ وشنیٛر - ویٛزار چ تیٚمہٕ یہٕ سوچ فکرُک گوٗہبر - سو چھے بذاتہِ خود لوٗگ سادھک ۔ اسلئے یمنہٕ ہنٛز ذاتی تجرُبن باوتھ کران چھ روٗپ لوگ یہِ ویٛزھنان یہٕ کریایہِ ہنٛز وتھ یہِ گاشہٕ راوان -

یِم کیٚنہہ بنٛد چھ قابلِ غور -

۹ - وادا پوٗرکھ ادٕ چھے واسا -

۴۸ - کرُوٗدھ تراوے بوٗدس سہ باوے

۶۰ - بانہٕ پھُٹرِ یہٕ پانے تھُرے
کُس مرِ یہٕ کس لگہِ دوٗکھ

۶۳ - دوان پاتے یہٕ دِوان لکھ

۷۷ ۔ یان ییٚمی زون سُہ بٔنیٚن سنوارے
رِتس کاٹھس تارے ژنٛدرن بوے

۵۷ ۔ واو بیٚون بیٚون ییٚہ ناو چھُس کنٛنےٚ

۱۰۵ ۔ اناہت شبد منا گنٛڈِتھ
بان منٛڈِتھ سۆرُم سِیے ۔

۱۱۰ ۔ پۆژھ اوس اَمُت کۆژھ کیا رِنیے

۱۱۲ ۔ چھیٚون بانہٕ کِتہٕ مالہِ درکار لِوان ۔

۲۰۵/۵ ۔ ماتا نہٕ پِتا براتا نہ بنٛدھو ۔
وارتا سہ وٕیدم اَگو کیو لوائم ۔
گۆرُو نہٕ چیلا منٛتر ونہٕ لیلا ۔
سُہ رُیُس اکیلا پرم برہم سۆہم

روپ ہِشدی واکھ پٕرِتھ تہٕ سمجِھتھ گوس بہٕ آشنٛرس یہِ وُچھِتھ کہِ بھواٛنؠ چھِ اَسہ متہٕ واکھ ونہٕ پیٛچ زبردست صلاحیت ۔ یقین چھ سہ گوڈ لوٗگ سادِ کا ٹھِتی تہٕ پتہٕ چھے سہ اَکھ رٕژ تہٕ زبر شاعِرہ ۔ باوٕژ ہِشہِ چھُس بَل ۔ ونہٕ نکھ باش شُوبہ راونکھ وِطیرہ تہٕ گرپنچ ہونر ۔ تس چھےٚ وٕکھری بلہٕ ۔ یہِ چھِ لوٗگ سادھنا یہِ ہُنٛز سوٗ اوستھا ییٚلہِ سادھک کنٛڈلنی شکتی یاٛنٛز میٚس ستھانس یا ژکرس تام ( وِشدا کھیہٕ ) واتہٕ ناوِتھ لَے سپدان چھُ ۔ اَنٛدر چھُس لگان وُزلِ تہٕ سرسوٗتی چھُس بیٚہان موکھس ۔

اُسی چھ دِیاں ہے اَمس چھِ دُکھرِ کھُلے مثر ۔ یِتھے اَوسھا چھ اُسی وُچھان پرمانند س
کرشن بُو راز دالنس ۔ شمس فقیرس ۔ سوٚچھ کرالس ۔ رحم مائبس ۔ اَحد زرگرس تہٕ محمد
میرس منثر ۔ یِہ گوٚدے دُیت تہٕ ارزتر ہنثر برابھ ۔ یِتھی پرٛوٚو تمی پھوو یِتھی نہٕ پرٛوٚو
تمی کھیٚو ۔ تس گوٚ لِرتھ مینٛن وجود ۔ فنی اعتبار وُچھتو رو یہٕ ہنثدر یِم ذٕ یاترے واکھ
اَکھوا واکھ بنٛدتہٕ میانین کھتن بیہتھ کرِتو غور ۔

گارہیتھ سمرہتھ گیانا کوٚڑمُ
یارُد مورُم توے ہتی
یاٚنثرن اَگنا لال چٹوومُ
گاش پرزلوم توے سیتھی

یارُد مورُم توے ہتی ۔ وُچھتو کِسرا برا اثر تہٕ پرُ مانے شاعرانہٕ باوتھ چھ ۔ یاردِس
چھِ یتھی خصوصیتھ اَتھ چھینہٕ کُنہ ٹھہراو ۔ اَما سانٛس انسانت منس چھا کُنہ ٹھہراو ۔ اکِہ
مکمل واکھکی ساری صفتھ چھ یتھ واکھس منثر نظر گژھان ۔ گوڈنکہ تہٕ ترِیمہ بنٛدک
دوٚیمہ تہٕ ژورِمہ بنٛدک تک ۔ وزن ۔ لفظ ژار ۔ روٗحانی تجربک گوٚہر تہٕ کاشریت ۔
شریرکین یاٚنثرن انگن کُن تہٕ چھ اِشارہٕ آمت کرنہٕ ۔

| | |
|---|---|
| अन्वाहार्य पचन / दक्षिणाग्नि | ۱ - ان واہاریہ پچن ۔ دکھنا اگنی |
| गार्हपत्य | ۲ - گارہپتی |
| आहवनीय | ۳ - آہ وینی |

सत्य

आवश्यक

سبیہ

آؤ سِتھیہ

دوٗیم واکھ وُچھو

دِہیہ آنند نندھیا

لوٗزِن پیالا مُنٛزر

ساقی پِلاو ہوہ۔ہا۔

ہیہ ہیہ ہاہا متوالا۔

یِیمہِ واکھک پورِ پوٗر ماتے رٕچھتہ چھُ اُردو زبانٕہ ہِنٛدِ اکہِ شارُک یہ ہِنٛد زنٛ تہٕ کنِن منٛز گٔژھگہ راے کران۔

میں نظر سے پی رہا ہوں یہ سماع بدل نہ جائے

ساقے چھُ سادھکَس آنند امریتکی جام اکہِ پتہٕ اکھ چاوان۔ تَس چھےٚ نہٕ ترٛیش ہمان۔ سُہ چھُ بیٚیِہ تہٕ بیٚیِہِ منٛگان۔ تَس چھےٚ نہٕ ہوش روزان۔ سُہ چھُ آتم وِسمرت گژھان۔ امہِ آتمہٕ وِسمرتی ہٕنٛزِ اوسٕتھایہِ ہٕنٛد احساس چھُ یتھ واکھس منٛز رودپہٕ بیٚنٛہِ فنی تھاوِتھ سیٚٹھاہ بٲتھروومُت یانے Dramatise کوٚرمُت کِس چھُ ہیٚمِتھ یہ وَنہٕ رٔچ کہٕ روٗپہٕ منٛز چھےٚ نہٕ تخلیقی صلاحیتھ

دُچھِہ یتھ واکھس منٛز رودپہٕ ہٕنٛز یوٗگ کٔریا۔ ولہٕ نار زِندگی ہٕنٛد الوٗ بھو تہٕ آتم گیان پراوِتھ تہٕ مُقامس واتِتھ پان بدرٕ ناوِچ صلاحیتھ کاشُرٕ زبانٕہ

منزٕ چھِ "دار" لفظس وارِیاہ مانے ۔ اَکھ مانے چھُس ٹکر (दारु) دارو چھُ سنسکرت زبانٕکہِ ہُنٛد شبد یُس ارتھ چھُس کاشٹھ ۔ کاٹھ ۔ یانے لکڑی ۔

کاہ ییٚیلہِ دزِن سُہ ییٚیہِ وارے
بھے ییٚیلہِ گلے اتھلیس گرٕکھ
۴۹ ۔ کرودھ تراوے لوٗدس سُہ باوے
شیٖتلے زٕنٛزن دارے کرٲیہِ

کینٛژن واکھن ہنٛدی واکھ شبد چھِ اِنسانکہِ ذِہنس وُزنأوِتھ رٲوِتھ ہِنٛز واکھ شکتی تہٕ گاگرِ منٛز ساگر ویرأوِتھ صلاحیتھ ہُنٛد پاس کرناوان ۔ یَرن وول چھُ واکھ پرِتھ اَشتھرس گرٕتھان ۔ باسان چھُ کہ سُو چھیٚنہٕ حرف اَکھ یاپیٚر لوٗگنی یا اٹزٕبلی کہ با صلاحیتھ قلم کار تہٕ ۔ ممکن چھُ یِہ آسہِ تُس ڈیِہ دِیت ۔ ڈیکھری کھُلہِ گرٕتھ پیٚتھ اوسہاتِہ ہنٛزیراپتھ ۔ پأنٛٹرِمِس ژکھرس بیہِ ٹھ وُزناوِ ہنٛز شکتھی ہُنٛد ولستار ۔ وِہنٛک اَنداز چھُ شاعرانہٕ ۔ پیٚر مانے تہٕ پیٚٹرِ چہٕ بنٛدِشہِ منٛز گنٛڈِتھ مثلن یِم کیٚنٛہہ بیٚر لوٗگ وچھتو ۔

۱۱۰ ۔ لوٗزٕتھ اوس آمُت کوٗزٕتھ کیا نیٚیے ۔

۱۱۲ ۔ چھوٗن بانہٕ کیٚتہِ مالہِ دَرکار لوان ۔

۹ ۔ بٔرکُن نابد گرکُن کھاسی ۔

۱۴ ۔ شُنیس شُنیا سیٖتہٕ مِلاوے ۔ لل ۔ شُنیس شُنیاہ مِلِتھ گو ۔

۲۲ ۔ ساٗرِتھ گٹہٕ تراوِتھ ترالیس
ماٗرِتھ سارِ اِمہٕ چانہٕ پأنٛتر ییندے پأنٛترن ماتر
شبد ۔ سپرش ۔ رس ۔ روپ ۔ گنٛدھ

۴۶ - ہیوٚت زَن طوطن پتہ ناَرِ گٔنڈُن ۔
طوطہ - پرمارتھ ریلی طوطہ
ناَر - زٕلو آتما ریلی ناَر

۴۷ - توشُم پتہ کاٗسُم نیترن گٹہ
زَن ژاٹِس گورن وکھُن گیان

۴۸ - ہٕہلے ژٕنٛرن دارے کرٲیہ

۴۹ - ناہوٚ سہتی گوُ ولیگلوٚدُم
اَنگہ دوٚ یزاٗدُم پانے گنگ [گیان گنگا]

رو پہ ہٕنٛزِ زباَنی ٹُھنٛد اَپہ بھرمش رِپ چھُ "سوہ الو بھوالاس دٕشکم" کِہن دٕہن واکھن منٛز نظرِ گژھان ۔ باسان چھُ زَن پتہ چھ سنسکرِت زباَنہٕ منٛز واکھ ؤنِنہٕ آمتی ۔

تھاوٕرنہٕ جنگم منٛنہٕ چتُر درم
جگ نہٕ ژراژر تتھ پرم کارم
سَتھ نہٕ اَستھ اژھِن دارم
سوکھمو سماَدھ درم برٛہم سوٗہم

ییتھ پاٹھی چھ یہ کتھ واضح سپدان کہ رو پہ بھوانی چھ کشیرِ ہٕنٛدِ ثقافتی ورثُک اکھ گاشہٕ مُنار یم ۱۷ اہمہ صدی عیسوی منٛز للہ ہٕنٛز سنسکرِت گاشہٕ ژٕژو سیتی ناوی ناوی تام پہ ناو تہ کیاژِ اَتھ ادس ترٛن ہتن ؤرین ہٕنٛدِ گردِ غبارن ہتھ کھوٚتمُت پتہ رِپ لرٛژھِ کوٚرمُت ۔ اَمیُک چھ تُوارِخی وجوہات ۔ پتہ بدلیو ؤری یو پیٹھ غلامی ہٕنٛدی زوالہٕ

ناٹکی ترآوِتھ آسی آسی پھرٕ ژٕتمن منٛز ۔ یتھ کال اوس رودمُت کھنڈلسی پھٹی ہم کال اوس عیاشِس طبیعت محفلن ہُنٛز چھیپہٕ لوگمُت ۔ یوٚہے چھُ سُہ وَق ییٚلہِ سانیو سنتو تہٕ بُزرگو دیالہِ یوگ وُزنووو تہٕ ذہٕہنک دٕد وَنہٕ سگہٕ وِتھ روحانیتکہِ آبہٕ حیاتہٕ سیتۍ ۔ رو یہِ چھِ اتھی وقتس منٛز زبردست سادھنا کٔریتھ لوکن ہُنٛد دیان پرتھ تبیگا درشن تنتر شاستر تہٕ یوگ سادھنایہِ کُن پھیورمُت تہٕ گہن گٕژ زٔلِس منٛز گیانہٕ دیپ زٔالِتھ انیٚمن گاشس اَدنمُت اَہنکاریت وُٹھ شوِرمتۍ ۔ مذہبی بین مُشرآوِتھ تہٕ اوٚک کُن ترآوِتھ بنی نوعِ اِنسان سٕنٛز گٹ٘ل وَتھ گاشہِ رآومُتر ۔ تس آیہِ بُتھِ واریاہ ٹھٕری بربتا ہیرا انندٕ مورکھ بودھ ہتس سامٔنہ کُنجہ ہُنٛز لُس لُس تہٕ لَمرآے ۔ وٲرِ وگرٕ ترآوِتھ مالیٚش پوٚت پھیرِتھ نہٕ گرٕھنک مُصمم اِرادہ ۔ لوکن ہُنٛد پیتے لارِیُت تہٕ سادھنایہِ منٛز وگین چھِ تم کینٛہہ اَہم پہلو یمو ہتھنٛز روحانی زندگی ہُنٛز دِشا تہٕ دِشا بدلاو ۔ سو آسی دیہِ وتہِ پہٕٹھ سہٹاہ بٕروٚنہٕ ذرا منٛز تہٕ ہلم اوسُس نورٕ زٕژرو سیتۍ بٔرِتھ ۔ تمہِ باگرٕ اندرٕ اندرٕ یرٔتھ شایہِ تہٕ بٔرِتھ جایہِ ۔

بھوانہِ ہُنٛز شفقتھ تہٕ دٕکھن ۔ تریاہت اوسھایہِ ہُنٛد احساس ۔ وُسو گیتن سوٚیُن سوٚہمک مانے مطلب ۔ سہسر سارٕک شہجارہٕ ہنہٕ گتھ وِشدا کھیہِ ژکھر پہٕٹھ ویکھری نادٕ تہٕ ترکوٹی پہٕٹھ وٲتِتھ نظرمو کلنیچ اوسھایہِ ہُنٛد آنند آباس چھُ تہنٛزِ شخصیتُک تھزر تہٕ بجر بخشان ۔ یوٚسے چھُ وجہِ کامہٕ دھین آسی نیہتھ چاونہٕ ورآے وُے ہنٛدِ امرِتہٕ سیتۍ تس خاطرِ بانہٕ بران تہٕ واگیشوری آسِس موکھس منٛز واس کٔریتھ اَندروں پرکاشہِ سیتۍ بیروں گٹہٕ زٔول گاشہِ راونہٕ خاطرِ لیہِ انان ۔ یہُنٛد پٔرِتھ واکھ چھُ مانے مطلب

لحاظہِ غور طلب۔ اَتھ چھ ادبُت کشِش ییٚلہِ یہِ واکھ ذہنہٕچ دارِ کِنہٕ وۄندٕچ کوٗٹھرِ اَژان چھُ موکھ چھُ ہَراں لال تہٕ دوٚپ چھُ ولاں شیٚدن ہٕشدی جامہٕ۔ ہے گاش دارِے زانہٕ زگ تہٕ برۄن لس چھُ یوان وۄن تہٕ نیران توٚن۔ ادٕ سُہ نیٚتھٕ چاوی تَن یا نار لو۔ عاشق چھُ گنڈان دام تہٕ لایان ناد۔

گوڈٕ گرِہم کاہن اَڑِ۔ لٹہِ دِوٗن ہوونم ڈیاں
شمیوٗم دیہہ دیپت اَیم وٗڑ۔ چھرٕ پھیرُن اَوٕے میوٗن یان
توٗ شُم تہٕ کاُسنم نیٚشرِ گتہِ زَن ژالُس گوٚرن وُکھنم گیان۔

پراوُن گو دراصل سورُسے تراوُن من ناوُن ہَنہِ ہَنہِ تاوُن پرزہٕ ناوُن یارِ جانان۔ اسلئے

یلہٕ تہر ژلہِ ہی تمے ول اَمبر
یلہٕ بوچھ ژلہِ ہی اَسکھ ترشٕ ہت
تمے اَنار بوکھتہ یوکھتہ لوٚگ کر
روٗگ گلنے اَسکھ موکھت =

— ٥ —

۱۸ ستمبر ۲۰۰۱ عیسوی

# کٲشُر بھاگوت

[کاشی ناتھ باغوان]

## زان

'پوران' گوٚیُس پرٛوٚن آسہِ یا نوٚے پرٛاچین۔ کانہہ سیٹھاہ پرٛانۍ دلیل۔ کینہہ بات یا تجربہٕ یُس ساسہٕ بدٕ وٕری گُزرِتھ تہٕ سوٚن توجہ پانس کُن پھیرِتہٕ ذہن بیدار کرِ گوٚ پوران۔ زمانۍ قدیم کین سانین بُزرگن۔ رِیشِین۔ عٲلِمن۔ سادھکن۔ آریہ پوٚترن۔ تپسوِین تہٕ دھرم پرچارکَن ہُنٛز زِندگی سٟتؠ وابستہٕ دلیلہٕ تہٕ زانٛ کٲری۔ قدیم راژَن ہُنٛدِ ین وَنشن ہُنٛد تواریخ تہٕ دورِ حکوٗمتُک احوال یِمن مذہبی گرنتھن مَنٛز درج چھُ تِمن چھِ 'پوران' وَنان۔

'پوران' لفظ چھُ 'اِتہاس' [تواریخ] لفظ کھوتہٕ سیٹھاہ پرٛوٚن۔ اِتہاس چھُ اَسہِ کُنہِ وقتس تام دٕسیٚیاب سپدان۔ اگر اَسۍ تمہِ وقتہٕ برٛوٚنٛہہ حال زانُن یژھو

تتیلہِ کیاہ کرد؟ اَز بروٚنٹھہٕ ژٕ ساس ترٛے ساس یا زٕور۔ پانٛژ ساس وٕری تام
چھُ مُمکِن اَسہِ گرٛنٛتھہِ توارٕیخ ڈٕیشِ یاب۔ لیکن تمہِ بروٚنٹھمہِ زمانٕک حال زانٕنہٕ خاطرٕ
چھُ پُران اَکھ توارٕیخی ماخذ ثابت سپدان۔ پورانِک گرٛنٛتھن مَنٛز چھُ سوٗن دھارمِک
وِشواس تہٕ اَدھیاتم سرس روزان۔ یہِ چھُنہٕ خالِص توارٕیخ یُس وَنہٕ تہٕ موٗجوب
حقیقت گوٗژھ قلم بنٛد کرُن۔ مگر اکثر چھُنہٕ تہٕ سپدان۔ وُنکنہِ حاکم چھُ توارٕیخ
پنٕنیٚن اِشارن پیٹھ لیکھناوان تہٕ تگن گری کمام ہیوان۔

پوران چھُ دھرم، دھارمِک وِشواس، فِلاسفی تہٕ توارٕیخ یمن ژوٚن جُزوَن پیٹھ
مُنحصر روزان۔ ہندو وِشواس مُطابِق چھِ اَردہ پران مانٕنہٕ یوان۔ یِہنٛدی ناو
چھِ یِتھہِ پاٹھۍ۔

برٛہم پوران۔ پدم۔ وِشنو۔ شِو۔ بھاگوت۔ ناردی۔ مارکنڈے۔ اگنہِ۔ بوشیہِ۔
برہم وے ورت۔ لِنگ۔ وَراہ۔ سکنٛدھ۔ وامن۔ کوٗرم۔ متسیہ۔ گرُڈ تہٕ برہمانڈ۔

پُراکلپ گو زمانٕے قدیم۔ سیٹھاہ پرٛوٚن وَق یُس توارٕیخ دانن تہٕ ویدن چھُنہٕ۔
پُرادِد۔ گوٚسہٕ عالم یُس تمہِ وَتھیچ زان ہیکہِ کرنٲوِتھ یُس توارٕیخ دانَن نہٕ مولوم
چھُنہٕ کیٚنہہ۔

پوران پوٚرش گو پانٕے وِشنو۔

یمن پورانِک گرٛنٛتھن مَنٛز چھُ دھرم وِد پدیش سیٹھاہ اَہم یوان مانٕنہٕ۔
ہندِ دھرم وِشنو اوتار۔ مختلف سمپردا ے۔ زگت۔ زیو۔ مایا۔ برٛہم۔ پرکرت

پرماتما وغیرہ اَہم نو قطن پیٹھ چھےٚ پوٗرانن منٛز تفصیلی ذِکرِ کرنہٕ آمُت۔ زمانہ
قدیمس منٛز روزن والین ساہَن پُرکھن ہٕندِ یوٗگگ سماجی، دھارمِک
شنکرتکہ تہٕ رازَس تابیہ سیاسی نِظامُک ذِکر تہِ چھُ پُرانن منٛز درج۔

مہابھارت کالہٕ سیٹھاہ برونہہ چھُ پُرانن ہُنٛد وجوٗد او سُمت۔ دٕچھوے
تہٕ مہابھارت تہِ چھُ پُرانن ہنٛد اکھ اَہم انگ بنان۔ دیوی دیوتاہن سٟتی والبتہٕ
وارِیاہ کتھہٕ، رازن تہٕ رازِ وِنٛشن ہنٛز دلیلہٕ تہٕ وارِیاہ نصیحت آموز پرسنگ چھِ
پُرانن منٛز درج یِم کُنہِ کُنہِ پرانہن تواریخی کتابن منٛز تہٕ وانٛتی چھےٚ۔

پوٗرانن متعلق چھےٚ وارِیاہ کتھہٕ یوان وَننہٕ مثلن شورٕ ہس منٛز اُسی خالِص
ژور پورٲن۔ یا یہ کہ ساری پوٗرٲن چھِ دراصل اَکی پرانہٕ منٛز ذراہتی گو گوڈنی اوس
صِرف اکوے پرٲن۔ لیکن یِمن کتھن چھےنہٕ کانہہ تواریخی شہادتھ میلان۔ اسلئے
چھِ یِم تحقیق طلب کتھہٕ۔ دٕپان پرتھ پوٗرانس منٛز گژھن پانٛژھ اَہم کتھہٕ نظرِ گژھنہٕ

۱۔ سرشٹی۔ یانے کائناتُک شُنہ وجود تہٕ تخلیق کتھہٕ۔

۲۔ دُبارٕ سرشٹی یا پُناہ سرشٹی۔ یانے دُنی یاہَس منٛز وق گُذرِتھ پرلے تہٕ تمہٕ
پتہٕ بیٚیہ سرشٹی۔

۳۔ وِنٛشاولی۔ یانے زُریتین۔ مہاتماہن تہٕ بزرگن ہٕندین وِنٛشن ہنٛد احوال

۴۔ من وَن ترانہٕ۔ گو اکھ یوگ یانے کالہٕ کھنٛڈ ییمیک موٗل پوٗرش اکھ
زُریوٗش آسہٕ۔

۵ - وشنا الوجیرت - گوبمن خاندانن ہُند تفصیلی تواریخ یہند مول پورُش سریہ تہ ژندرمہ چھ - یانے سوریہ ونشی تہ چندر ونشی راجہ -

پرتھ پوران چھُ یاتہ شِوس اربَن یا وِشنو ہَس -

اکہِ ویژارہ مطابق چھُ یہ مانہ یِوان کہ گوڈنچہ صدی عیسوی تام آسی پورانِک گرنتھ موجودہ رُپس منز لیکھنہ آمتی -

آریہ دھرمچ تہ ہندو وِشواسچ مِی زان کاری پراونہ خاطر چھُ پورانِک گرنتھن ہُند مطالعہ کرُن نہایت اہم - ایشور زیو تہ زگت، برہم سرشٹی تہ مایا، سورگ تہ نرک یم آدِلتہ زادِلی لوقطہ چھ پرانن منز ویژھاونہ آمتی - امہِ علاوہ پتھ کالہ پیٹھہ بڑوہنہ یکہ ون سوں گھن ویژار، ترک، درشن، وِشواس، ریتی رِواج آزار ویژار سماجی معاشرہ تہ نیتہ شاسترہ تہ چھُ پرانن منز زیرِ بحث آمت -

برہم پورانس چھ آدِ پوران تہ وناں ییمیک مطلب چھُ گوڈنیک پوران یا مول پوران -

یتھ منز چھنہ کانہہ شک کہ بھاگوت پوران چھُ ہندوستانس منز بڑ دِل عزیز -

وشنو ہس بھگوان ہندِس رُپس منز پوز کرن والی بھاگوت سمپردایکی پارو کار چھ امہِ پورانہ سیٹھا متاثر سپدان - قدیم وقتس منز آسی وشنو سمپرداے سے بھاگوت دھرم وناں - امہِ سمپردایکی پروہان پوزِ دِیو آسی واسدیو - یمن منز گیان، شکتی بل، ویریہ، ایشوریہ تہ تیز یم شِنے گون آسی موجود مانہ یِوان - یِمو شینو گونو کنہِ آسس وناں بھگوان یا بھگوت تہ یم بھگوت ہندی وو پاسک آسی یمن وناں بھاگوت ① -

① ہندی ساہتیہ کوش حصہ نمبر ۱، گیان منڈل لمیٹڈ وارانسی - صفحہ نمبر ۴۶۹ -

بھاگوتس چھ سو کھ ساگر تہٕ ونان۔ تہٕ کیاز یہ یتھ چھ روحانی آنندٕچ پراپتھ سپدان تہٕ زانی ہندٕ گاشہِ ستی چھ دوندک انہٕ گوٹ گاشہِ راوٕنہٕ یوان۔

چھُ بھاگوت یتھ ونان چھی سو کھ ساگر
دِوان سو کھ ییتہِ تہٕ پرلوکس برابر
ییہے بھاگوت کتھ دوٗنی بوزی تو توہی
مَن ایکاگر کرتھ دونی روزی لو توہی

"کاشُر بھاگوت"۔ کاشی ناتھ باغوان۔ [سکندھ۔ ۱۔ اَدھیائے۔ ۲]

بھاگوت پوران چھُ دراصل "وِشنو نس" سپھاد نکھ۔ اُتھ یا تو یہ صدی آس پاس چھُ بھاگوت پوران جدید رِیس منز لیکھنہٕ آمُت۔ حالانکہ اَتھ مُتلق تہٕ چھُ کافی اِختلافہِ رائے مَوجود۔ اتھ چھ باہ سکندھ یانے کھنڈ۔ کُل شلوک چھ تقریباً اَرداہ ساس۔ اَتھ مَنز چھُ وِشنو سُندین اوتارن ہنز تفصیلی ذِکر کرنہٕ آمُت۔ بھاگوت پورانُک ڈہم سکندھ چھُ دراصل اَمیُک رُوح یتھ مَنز وِشنو اوتار کرشنہٕ سُند ژھالہٕ مارُون لوکہٕ چار تہٕ گوپین ہُند قرار ھیپہ ننہٕ وول بالہٕ یارکر رِیپ پرن والین زن تہٕ ھیت چھُ یوان۔ گوپین ستی سُنز کرشنس راس کھیلونی لیلا چھِ مادُریہِ بھکتی ہُند رسیلی اِظہار۔ کیہہ مس سکندھس منز چھُ اَکھ یا دون ہُند وِناش تہٕ باہمس سکندھس منز کلِہ یوگس مُتلق پیشن گوئی تہٕ تھا پرلیہچ کتھ ویژھناونہٕ آمُژ۔ ہیندین منز چھُ اکھ وِشواس کہ وِشنو ہن ہے بوز نود برنہا

ژُشلوکی بھاگوت ۔ برہما جیس بوزِ نوو نارد مُنی شوٗر ۔ ناردن بوزِ نوو رِ یاس مُنی ۔ وِیاسن بوزِ نوو شکھ دیو یُس لُکن تہٕ دیتھو اوس ۔ شکھ دیو اوس مہاگیانی وِ د وان تہٕ بھقیہٕ آتزارک ۔ ویاسن اُمی بوزِ نوو ستن دوہن پانڈوکو لُک اکھ مشہور راز پری کھت بھاگوت ہِندی چھ اَمی موجوب " بھاگوت سپتاہ " یا نے اکس ہفتس بھاگوت کتھا کرناوان ۔

بھاگوتس منز چھ بھگوان وِشنو سِندین ڈہن اَوتارن منز کرشنہٕ اوتارچ کتھ تفصیل سان بیان آمژ کرنہٕ ۔ ہندی زبانی ہنز بھکتی ساہتیہٕ چھ بھاگوت پُرانہٕ سہتی سیٹھاہ مُتاثر سپدِمُت خاص کرِتھ اشٹھ چھاپ کوی سور داس تہٕ نند داس ۔ سورداسُن " سورساگر " چھ دراصل بھاگوت کِس ڈہمِس سکندھس پیٹھ مُبنی ۔ نند داسن اوس بھاگوتک ترجمہٕ کوٗرمُت ۔

جناب کاشی ناتھ باغوان چھ کشیرِ ہنز اکھ قادر اَدبی شخصیتھ بہلہِ پایک بزرگ شاعر ، عالم ، مُفکر ، مشہور دوستاد تہٕ کوٗہنہٕ مشق لِکھاری ۔ سارِنے ہُندرِ رُت کانچھان ۔ شفیق وتہٕ ہاوک ، شانت سو بھاوک ، اَز تہٕ لولہٕ ہیوٗت تہٕ مایہٕ ہیوٗت ۔ وقتن لاَیس وار یاہ ڈوکری دب تاہم روٗد حوصلہ تہٕ ہیمتہٕ سان زمانکہ ستم ویتران تہٕ زوان برونہہ پکان ۔ یِہُند زٕ شارِ سوٗمبرنہٕ " اچھر گونڈ [دینھ تہٕ لیلایہٕ] تہٕ " ٹیوٹھ نابد " یِمن چھاپ ۱۰۰۲ عیسوی منز ۔ " موخٕتہٕ ڈالی " عنوانہٕ یِمن یِہُند ترییم کتاب ۱۰۰۲ عیسوی منز چھاپ لیوٚسہٕ کاشرین مُحاورن تہٕ کہاوژن

ہنٛز موٗلی سوٗمبرن چھےٚ ۔

باغوان ماٲبن چھُ بھاگوت کاشرِس منٛز پھیرُمُت ۔ یہِ چھُ تہنٛزِ وٕریہ وادن ہنٛزٕ اِزنتھ ۔ ژیس پیٹھ شاعرانہٕ بازنتھ ۔ موضوع اعتبارٕ سیٹھاہ اہم تہٕ فنی اعتبارٕ ہنٛدِ پاٹھۍ تخلیق ۔ بھاگوت چھُ ہِندوٕ کلچرُک تہٕ پنٕنہ کالکہِ سوچ وفکرُک پرٛزلوُن گاشہِ مُنار ۔ کاشرِس منٛز بھاگوت لیکھن چھُنہٕ لوکٹ کتھا کینٛہ ۔ پرٛتھ کانٛہہ صاحبِ قلم ہیکہِ نہٕ یتھ کامہِ اَتھ واتہٕ ناوِتھ ۔ کاشرِ زبانۍ منٛز کلاسِک ادب پھرُن چھُ دراصل وقتُک اکھ اہم ضروُرتھ ۔ نہ صرف بھاگوت بلکہ باغوان ماٲبن چھُ مہابھارت تہِ کاشرِ زبانۍ منٛز لیوٗکھمُت تہٕ مکمل کوٗرمُت تہٕ ییمہِ پتہٕ سپدِ سُہ تہِ چھاپ ۔ یہِ سرمایہِ چھُ کاشرِس ادبس باغوان ماٲبن اکھ موٗلُل دِیُت ۔ اَدبی ژھرٕ پٕر پیرُن تہِ چھُ پانٕنۍ پالنس منٛز اکھ بنیاد ہتھ ۔

مےٚ چھُ پالنس ییمہِ کتھہِ ہنٛد تجربہٕ کہ کانٛہہ پورانِک یا توارِیخی ڈلیل کاشرِس منٛز پھِران کم دیلہٕ تہٕ دارِ چھُ ڈُسی لِوان تہٕ کتھہِ چھُ کُنہِ کُنہِ خالِص اکہِ ہمی لفظہِ باپتھ اِنسان پریشان گژھان تہٕ تنٛدی جن لگان ۔ خاص طور تتھ زبانۍ منٛز دلیل پھِران ییمہِ چہِ شبدہٕ راشی منٛز اِنتخاب کرنچ گنجایش سیٹھاہ کم آسہِ یہِ چھےٚ سیٹھاہ مُشکل کام ۔ شیشرُ وکرِ چھُ پیوان تراوُن ۔

اکھ پورانِک دلیل کاشرِس منٛز پھِرن وٲلِس گژھِ واریاہن زبانن ہنٛز پورٕ پوٚز زان آسٕنۍ تیتھٕ ہیکہِ سُہ مفہوم ژٕھرٲوِتھ ۔ کُنہِ تہٕ ضورت منٛز گژھِ موٗلہِ

تیٚتھ بیٚیِن زبانٕن مَنٛز پھیرنہٕ یِہِتھ راوٕنۍ ۔ ادیبن چھُنہٕ پننہِ طرفہٕ کینٛہہ جوڑُنٕک حق ۔ سُہ گژھِہ نہٕ کُنہِ تہِ صوٗرتَس مَنٛز اصلس زرح وانہٕ ناوُن ۔ تَس چھُ تلوارِ ہٕنٛزِ دھارِ پیٹھ پکُن ۔ کانٛہہ واقعہ یا حقیقتھ ییٚتھ کُنہٕ پرانٛنِس مَنٛز درتاونہٕ چھےٚ آمٕژ بِلکُل تِتھۍ کٔنۍ بس مَنٛز گژھِہ سُہ بیٚیِس زبانۍ مَنٛز پھیرنہٕ یِنۍ ۔ نہ چھ یایِش کرُن ضروٗرتھ تہٕ نہٕ کیٚنہہ ژٹنُن یا دوٚب راوُن ۔ غلط بیانی یِہِتھ ہیٚکہِ موٗل کتابہٕ تہٕ ادبَس کافی دوارِ واتِتھ ۔ اَمی کِنۍ چھِ وَنان اکھ کوہنہٕ مشق ادیب یا زبان دانے ہیٚکہِ اَمہِ قسمُک فن پارہ بیٚیِس زبانۍ مَنٛز پھیرِتھ ۔

شری کرشنس لول برات چھُ باعُنوان صاٮ۪بن کوٗ شرُ بھاگوت شوٗرُکُن مٕرت ۔ امہِ پتہٕ چھےٚ گیان بکھتی تہٕ وٲراگیہ کیتھ وِتڑھاونہٕ آمٕژ ۔ بھاگوت پاٹھ کرُن وِیٚدی تہٕ اَمہِ کہِ پرٕنٛکُ تہٕ بوزنُک جہاتم وِتڑھان چھُ شاعر لیکھان ۔

اَرداہ سانس شلوٗک چھِ اَتھ لِیدانس
یُس پرِ بوزِ کلہِ یوگہٕ گیس زمانس
لبان چھےٚ گیان تےٚ وٲراگ بکھتی
کران حاصِل چھُ آخر پانہٕ مُکھتی
دوہےٚ یُس اکھ اَدھیاے پرِ لولہٕ مانے
کران شری کرشن بھگوان تَس چھُ سانے

شُہ لیُس زن پَرِ پابوزِ سوُرے
وَسان گرٕژھِ مَن یِیِتہٕ پاپہٕ بوٗرے
دِمس دٔرشُن تہٕ کرِتس ناش پاپَن
رٹَن نالہٕ مَتہٕ تہٕ لَس گرٕژھہ ناش شاپَن
ستَن دوہن سنت جیِن کتھا ڈٔلی
کتھا موہ کلے یہٕ کرامات گیہٕ عجب نشنی

[ کوٗشُر بھاگوت ۔ کاشی ناتھ باموان ۔ سکندھ ۔ ۱ ۔ ادھیاے ۔ ۳۰ ]

بھاگوت چھُ دراصل اکھ نیتی پرکھ کتھا کاویہ ۔ بےشُمار دلیلہٕ ، واقعات ، فلسفہٕ ، خیالات ، وِشواس ۔ کراماژ ، لیلایہٕ ، چھہٕ بھاگوتس منز تفصیلی طور ورژھناونہٕ آمژٕ ۔ مثلن دھندکاری سُند مرُن ۔ سوٗت جیمنہٕ ذکریہٕ رٔشین ہُند بھاگوت بوزُن تہٕ گیان پراوُن ۔ بھگوانہٕ سُندین بیوٚن بیوٚن اوتارن ہُند ورنَن ۔ کورو پانڈو کتھا ، بھیشمِ پِتاما سُند شریر تیاگ کرُن ۔ پانڈون ہنز کتھ ۔ پریکھشت سُند زنم ۔ راجہٕ پریکھشتس شرنگی رٔشی سُند شاپ ۔ بھگوان سُند ویراٹھ سروٗپ ۔ کشپ رٔشی سنز کتھا ۔ ہرنیہٕ کشپ سُند زنم ۔ زگت اُتپتی ہُند ورنَن ۔ منُتہٕ سُند گرہہ پھٹ مرنس تام حال ۔ گرہست آشرمُک دھرم ۔ دکش پرزاپت سُند مہادیوس شاپ دیُن ۔ راجہٕ پرتھو سُند اشومیدھ یگیہٕ ۔ گنگاجی ہنز اُتپتی تہٕ وِستار ۔ نرکن ہُند ورنَن ۔ اجامِل سنز کتھا ۔ ورتراسُر سُند اُتپَن سپدُن ۔ داریاہن راجہٕ ونشن تہٕ راجہٕ پوٗرشن

ہِنز کتھ ۔ ہرنیہ کشپ سُنز کتھ ۔ پرہلاد سُنز کتھ ۔ نرسِمہ اوتار ۔ منشہ دھرم ۔ گرہست تہٕ ژۄن آشرمَن ہُند دھرم ۔ سمندرٕ منڈن تہٕ زہرچ اُتپتی ۔ ترِشنکو تہٕ ہرِیشچندرٕ سُنز کتھا ۔ شری رامچندرٕ جی سُنز کتھا ۔ پرشورام سُنز اُتپتی ہِنز کتھا ۔

بھاگوتُک دٕہم سکندھ تہٕ شری کرشن لیلا وِستارٕ سان ، گوردھن لوٗزُن ، راس لیلا ، اُدھو سُنز برج یاترا تہٕ گوپی سمواد ، رُکھمنی ہرن لیلا ، شری کرشن بانا سُریود شیٚنزِ بال ودھ ۔ سوداما سُنز کتھ ۔ سُبھدرا ہرن ، بھگوان جی ہِندین اوتارن ہِنز کتھا ، شری کرشن سُند اُدھوَس وُپدیش ، بان پرست آشرمُک دھرم ، آدِپُرش تہٕ مایا ، ستوگُن ، رجوگُن تہٕ تموگُن ، بھگوان شری کرشن سُند ویکُنٹھ گژھُن ، کلِ یُگُک راز ، مارکنڈے جی سُنز کتھ وغارٕ ۔ یِمو ڈلیلو وراے تہٕ چھ بیٚیہ واریاہ کتھہ ، وِشواس تہٕ وِلوتار یِم بھاگوتس منز دٕپڑھناوِنہٕ آمٕت چھ ۔

بھاگوتُک دٕہم سکندھ چھُ سارِوے کھوتہٕ اہم لِوان مانہٕ ۔ اَتھ چھ ۹۰ اَدھیاے تہٕ شری کرشنُنہٕ زنم ہیٚنہٕ پیٹھٕ ڈیکونٹھ پراونس تام چھ سارے کتھہٕ بیان کرنہٕ آمٕژ ۔ یتھ منز شری کرشنُن گوکل لِواس سارِوے کھوتہٕ زیادہ تفصیلی طور وٕپڑھناونہٕ چھُ آمُت ۔

بہٕ چھُس کاشی ناتھ باموان صابس مُبارک کران کِہ تِمو چھ یِژ کام انِدٕ واتہٕ ناوِمٕژ ۔ وُریہ واد آسیکھ لوگمت ۔ نہٕ حرف سون سوٗہری یِتھ کال بلکہ تُوار اِنکھِ رٕاوِ یمٕتہٕ باب چھکھ ساہتن اُچھن تل اُلنی یمٕتہٕ ۔

کٲشرِ نیتس پوٗچھر دِتھ چھکھ کٲشر زبان آبہٕ حیاتہٕ سیتۍ سگوٗمُت ۔ کٲشر لفظ رٲشتۍ مَنٛز چھکھ موٗلُل اِضافہٕ کوٗرمُت ۔ یہٕ پٮ۪ہنٛز فنٕ کارانہٕ صلاحیت ورتاوَس اَنِتھ یانٛے بھاگوت کٲشرِ زبانۍ مَنٛز پھٔرِتھ چھکھ تخیُل، ویژار تہٕ آزارَس یوٗگہٕ پوٗرشِن ہیٚنٛدِ ولیوٗ بارٕ ڈُسی توارٟخی آدھار بَخشِمُت یوان چھُ دراصل تمہِ یوٗگیچ بادِتھ کران یُس تواریخ دانَن تہٕ موٗلوٗم چھُنہٕ ۔ مےٚ چھُ وۄمید کہ اَکھ حساس کوٗشر یٮ۪نِلہِ باغوان ماہنٛز یہِ تخلیق جبر سان پرِ لتس پیمیہٕ وونہٕ گٲمُت راونہٕ ۔ ذیہنکۍ دارِ ٹیٹۍ گرٛزھنَس یلہٕ تہٕ پیٖنہٕ نِہِن بُزرگن ہُنٛد تھفرزنہٕ بجر گاشہِ راوِیَس گٹہٕ زُلس مَنٛز ہیٚینہٕ آمُت کھرِکر لدٕ اَز کال ۔

۹ مارچ ۲۰۰۸ عیسوی ۔

# سٔریٚہہ تہٕ ویٚہہ

[بال کرشن سنیاسی]

## اکھ تنقیدی سام

بال کرشن سنیاسی چھُ جدید کاشِر شاعری مَنٛز اکھ بالیغ ذہین کوہنہٕ مشق شاعر۔ پنٕنہِ مُنفرِد سوچ، مخصوص اندازِ بیان تہٕ مُترشیل روٗمانی تصورٕ ہیتھ "سٔریٚہہ تہٕ ویٚہہ" لولہِ للہٕ وان تہٕ دِلہٕ پیٹھٕ کٔشیرِ تام باشعوٗر لُکن مٲل پھِروان۔

"سٔریٚہہ تہٕ ویٚہہ" چھُ تِہنٛز ژٔری وادٕنہِ ہنٛز ارزِتھ۔ کِتٲبی صوٗرتس مَنٛز تِہنٛد گوٚڈنیُک شارٕ مجموعہ۔ یُتھ میو پانٛژ تاجی یُوٚ ژٔری یہٕ پیٹھٕ چھِ یِم سادھنارت ذہنیچہ ترکہِ پیٹھٕ توٗلِ توٗلِ تہٕ مینِز مینِز شار وَنِنٛ، لیکھٕنۍ، گرُن، شیٚرِتھ تہٕ پیٚرِتھ صاحبِ سوٗخن ہنٛزن مجلِسَن مَنٛز سبھٲیِی سنجیدگی سان پیش کرُن تہٕ داد برآدِتھ پنٕنہِ زِندٕ آسنُک ثبوت دیُن چھِ تِہنٛز مُسلسل ایماندارانہٕ کوشِش روٗزمٕژ۔

بال کرشن چھُ اُکس درمیانی درجہِ کِس بٹہٕ گرس منٛز اگست ۱۹۴۳ عیسوی منٛز زامُت۔ لوکہٕ چارِ پانے آو نادِم صاب ینٛن لفظن منٛز تہٕ بیوٗلس وتہٕ ناوِک۔

۱۹۵۹ عیسوی پیٹھہٕ ہیوٗتُن اَدبی سرگرمی ین منٛز بطورِ اکھ طالب علم حِصہٕ نین تہٕ یہِ شوق روٗد پوٚچھر لبان۔ ہِندی تہٕ کٲشرِ زبٲنی منٛز روٗد متواتر طور لیکھان تہٕ رِسالن منٛز ہیٚتھٕن یِہنٛزٕ تخلیقہٕ تہٕ مضموٗن چھپنہِ۔

کشمیر یونیورسٹی پیٹھہٕ پولیٹکل سائنسَس مضموٗنس منٛز ایم۔اے پاس کرنہٕ پتہٕ میبچھ ۱۹۶۶ عیسوی یس منٛز اکوٗنٹنٹ جنرل ہٕنٛدِس دفترس منٛز نوکری یمہٕ اَس نہٕ مرضی شیٚپہٕ تہٕ ترشے لو تہٕ کاہ کرِچ۔ مگر حالاتو کوٚر مجبوٗر چارے اوسُکھ نہٕ کینٛہہ۔ دورانِ نوکری پول یمو وزھِ والنِجہٕ ہیٚنٛزٕ شوق تہٕ یِہنٛد اَدبی سفر روٗد برابر جٲری۔ کلام روٗد چھپان تہٕ یِہنٛد مخصوٗص اندازِ بیان روٗد اَدب نوازن دِل ژٕنٛزران۔

بال کرشن منٛزٕ شخصیتہٕ ہٕنٛز خصوٗصیت چھ یہِ زِ یمو چھ بڈین عٲلمن مُفکِرن فلاسفرن تہٕ اَدیبن ہُنٛد گہٕن مُطالعہ کوٚرمُت تہٕ عالمی سطحس پیٹھہٕ یم سیاسی معاشرتی تہٕ تواریخی واقعات روٗنما سپدمِتۍ چھ یا یمہٕ تبدیلی کنٛوہمہِ[19] تہٕ وُہمہِ[20] صدی منٛز روٗنما سپنٕزٕ تِہنٛز چھےٚ یمن زبردان کٲری حاصل۔ اَسہِ پٔزِ نہٕ یہِ مَشراوُن زِ بال کرشن چھُ پولیٹکل سائنسُک طالب عِلم اسنہٕ کیٚنہ اَدبس منٛز کھورُٹھہراوُمٕن ہیوٗتُن بالیغ ذہن روٗدُس ڈٕکھس۔ بال کرشن چھُ اکھ بیدار ذہن شاعر تِہنٛدِس کلامس منٛز ہر ویکھ وچھ مُژینٛزر بوٗدھِ ہٕنٛدِ ترزِ سیتۍ دوشلات چھ۔ یِہنٛزِ شاعری ہٕنٛد فلسفانہٕ تہٕ نفسیاتی

پہلوٗ چھُ سیٹھاہ اہم ۔ دوشوٗے یَو چھےٚ یِہنٛز شأیری گہٕن تہٕ تہہ دار بناوان۔ یِمن چھُ پننہِ پتھ کال ولیوٗد اَتھ مَنٛز چھِنہٕ کانٛہہ شک سہٕ چھُ پُر وقار تہٕ سمپن۔ لیکن زمانہٕ چھُ سیٹھاہ تیز رفتارہٕ سان بدلان تہٕ اِنسانٛز سوچ چھُ خانن مَنٛز تقسیم سپدیتھ کنہِ ہے بنگہٕ گژھان کنہِ دلوٗ بارٕ ڈسی کھنڈی چھٹتھ تہٕ کُنہِ ورتاوٕ ڈسی بابہٕ بزی۔ یُوس سامراج وادی دور سَنٛز چھُ اَسہِ سوٗے بانٛش گمژ یُس یہِ اَکِس ژھاوجہِ ڈری یاوٕ بٹھس پیٹھ گیہ یلہِ اَکِ شہن تس دوٗپ ہے ژےٚ کیازِ وونہ پرُس ثانہٕ ناوٕ بدرد ۔ ژھاوجہِ وونس والس بہ نا اَسہس پرُس زامژ ے ۔ اُدِ تورِ کیا گو تہٕ اَسکہ نہٕ تنلہِ آسہِ ہے پیوٗن موٗل یا موٗج ، بوٗے یا کانٛہہ باندھو تہٕ ونان ونان دِژنس ہٹس تھپھ تہٕ دام گونٛڈنس رٚتس ۔ یِتھےٚ کنہٕ چھُ سائنس رٚتس دام گنڈان اَسونہٕ ہوتھہِ ڈالہٕ ماران سامراج وادی بالہٕ یار ۔ سہٕ چھُ اَسہِ راج تہِ کرناوان تہٕ پرجاتنترک باس تہِ دِیاوان تہٕ سیتی ہٹ گرنڈم تہِ دِوان ۔ ژھرِ ژھرٕ کرِ ونس گگرس وٕنڈن تل نیتھ چھُ سامراج وادی گنیجہٕ برٛونٛہ کمن کمن گگر سردارن اَہرہ بیٚہہ ناوان ۔

بال کرشن چھُ بھارتھ پرزنہٕ ناوِتھ ذہنہٕ کس سکرینس پیٹھ دوتلتھ آمتین مختلف احساس دلچسپ اَنداز س مَنٛز شأیرٕ آدِتھ نہٕ صِرف حساس اَسنک باس دِوان بلکہ اَدب برائے زِندگی ہندِس اعتبار س پیٹھ ٹینوٹھ زہر ہوِی پزرٕ پیمراونچ کوشش تہِ کران ۔

بال کرشنن اگر پرتھ نظمہِ تلہٕ کنہٕ لیکھنک تاریخ آسہِ ہے دِیت مت وار یاہن

کھتھ نیر ہے پانے پھُٹ ۔ پروفیسر رتن لال شانت مٲہن چھُ پننہِ ہنٛدی شارٕ سۆمبرنہٕ "کوتا ابھی بھی" ۱۹۹۷ عیسوی منٛز یہِ کٲم کٔرمٕژ تہٕ تحقیق کرن والین چھےٚ امہِ سیتھ سیٹھاہ سہولیت سپزمٕژ ۔ پھۆلوٗنہِ کشیر ہُنٛد یتھ کمال ۔ گروٗنڈ ہیٚ گرساسا ۔
شرۆنیہٕ شرۆنیہٕ کروٗن رۆنیہٕ داماںہٕ اُکس تواریخی حقیقژ ہنٛدِس بنٛیاد ژ پیپھِ چھُ بال کرشن پننہِ کتابہِ ہنٛد ناو "شرینہٕ تہٕ وینہٕ" تھۆومُت ۔ دۆشوے ارتھ وان لفظ شرینہٕ تہٕ وینہٕ چھِ زِندگی ہنٛدین دۆن پہلوہن ہنٛدی سمبال بنٛیہ حقیقت ژیپہٕ ناوان شرینہٕ چھُ رگن رگن قوُژ تہِ حیات عطا کران ۔ یہے گیہ زِندگی ۔ شرینہٕ گَو ماے ، لول ، محبتھ ، طراوتھ ، یوہے شرینہٕ اوس اَسہِ اکھ اُکس اکار بکارینہٕ خاطرٕ دۆرلہِ اَنان تہٕ زِندگی آسِی دۆمینز ہنٛدی باَمن پھولان ۔ وِشوا ایک گُدل اُسی اَکھ اُکِس نکھہٕ اَنان تہٕ نفرتھ کھیٚیہ آسہِ یلوان پرُونہٕ ۔

یتھ مین ہنٛدٕ ۱۵ ہن ورین منٛز گو سورُے ہنگہ منگہ مِسمار ۔ اَدم رتھ شرۆگیاو نہٕ تواریخ گوٚ داغدار ۔ دزۆن نار تہٕ وُہیہ وٗن وینہٕ ۔ وینہٕ گوٚ سخ دگ زہر یا اَزروٗن ۔

شرینہٕ تہٕ وینہٕ شارٕ گۆنڈ سپُد پہُس یانے ۲۰۰۱ عیسوی منٛز چھاپ ۔ اَمیُک خوش نولیس چھُ سائل صاب ۔ سرورق چھُس وہرجی سمبلین تیار کورمُت ۔ لیس یودوے تو ہیہ ڈیاپہٕ سان وُچھو شوعور ، تل شوعور تہٕ لاشوعور چ بادتھ چھُ کران کل صفہ چھِس ، ۲۵ ۔ جے کے ۔ آفیٹ نوٗ دِلہِ کِس چھاپ خانس

پیٹھ چھاپ پیپر مژ - قیمت چھُس ۲۵۰ روپیہ - رسمِ خط چھُس نستعلیق - شاعر چھُ پانے امیک پرنٹر تہٕ پبلشر -

سترٕنہہ تہٕ ویہمہ شارٕ گوٗنڈِس منٛز چھ شارٕ باگے یتھٕ کٔنۍ کرنہٕ آمژ -

۱ - نظمہٕ بوگ - ۵۸ نظمہٕ صفہٕ اَکہ پیٹھٕ ۱۵۶ ہَس تام -

۲ - غزلہٕ بوگ - ۴۶ غزلہٕ صفہٕ ۱۵۷ پیٹھٕ ۲۱۶ ہَس تام -

۳ - ژُ یٔڑی بوگ - ۲۸ ژ یٔڑی صفہٕ ۲۱۷ پیٹھٕ ۲۲۶ ہَس تام -

جنابِ رحمان راؔہی - پروفیسر رتن لال شانتؔ تہٕ جنابِ پرتھوی ناتھ کول سائلؔ ماۂن چھ یتھ شارٕ گوٗنڈِس پننہِ پننہِ آیہِ سرنامہٕ لیکھمتۍ - یہِ چھُ اَکھ نووٗے سٹایل بارسس آمُت کہِ اَکہِ علاوہ محقق چھ اَکہِ سے کتابہِ سرنامہٕ لیکھان - کیشرن کتابن منٛز چھ یہِ گرنٛد زوٗن عالمن تام واتژمژ - یمن سارنے عالمن بروٚنٛہہ کنہِ چھُس بہٕ پننٕ سرخم کران - یم چھ تجربہٕ کار لکھأری تہٕ یہنزہِ سپژ چھ وتہٕ گاشہِ راونہٕ یوان - ضرورٕ گژھتھ چھنہٕ کانہہ شک - مگر جان گیاو اگر خالص اَکھ پایہٕ بوٚڈ عالم پننہِ سوچہ کہِ تجربٕ تہٕ فنی مہارژ سۭتۍ کھن مانے ژأرِتھ وتن گیانہ دیپ زالہِ ہے - کتابہِ تہٕ کھیہِ ہے بوش تہٕ لکھأری تہٕ نیرِ ہے نون - یہِ چھ میانۍ ذاتی رائے تہٕ کیازِ مے چھُ نوٹھ کرٕم - پھلہٕ روٗس کرٕم -

یمو چھ یہِ کتاب پننس مألس سورگیہ شری گوپی ناتھ ولیشنوی تہٕ ماجہِ شریمتی سوماوتی ولیشنوی ارپن کرمژ - یتیتھ چھ یہِ کتھ وننۍ ضروری کہِ سورگیہ گوپی ناتھ ولیشنوی آسی اَکھ نامور ووستاد - شیشہٕ یار حبہ کدلہٕ آسی روزان تہٕ اُتہٕ آسی کاشرِ بأنۍ

ہِندی پایہِ بٔڈ شاعِر شری دینا ناتھ کول نادِم تہٕ روزان۔ یِم آسی گوپی ناتھنی تونگوٚڑ یار۔ گوپی ناتھ جی آسی پانہٕ اکھ زبر لِکھارؠ۔ ہِندی زبانٕ منٛز آسی کہانی تہٕ مضمون لیکھان۔ بال کرشنٕنۍ مٲج شریمتی سوماوتی اُس مشہور بھکتی شاعِرہ ٹھوکُر جو منوٚڑ ہِندِس ہیٚچھوس پنڈِت سروانند منوٚڑ ہِنز کور سۆ تہٕ اُس شار وَنان۔ دلیس پوٚزِ ہِنٛز لولہٕ پوش ارپن کران تہٕ ییمہٕ لِس بٔڈ بب پنڈت ٹھوکُر جو منوٚڑ ہِنز "امریت ساگر" منٛز بھجن تہٕ لیلایہِ بال کرشنس بوزناوان۔ بقولِ بال کرشن مٲلۍ ہِنز پرٛیرنایہ تہٕ مایہِ ہِنٛزِ گِنگرایہِ وُزِنوو مےٚ اکھ شاعِر۔ گوڑ گوڑ لیکھ مےٚ ہِندی زبانٕ منٛز کینٛہہ افسانہٕ نظمہٕ تہٕ مضمون۔"

حال حالے ۲۴ جنوری گوس بہٕ بال کرشن لِس نٲے ہِندِس پیٚچھِ ہِندِس کھانٛدرس منٛز موتی باغ نئی دِلی اُکِس سالس منٛز شریک ییتہِ مےٚ ہِندی زبانٕ ہِندی شاعِر تہٕ نقاد ڈاکٹر شینتی شیکھر توشخانی صاب سمکھ۔ اکھ سوال کوٚرہم بے اُمس بال کرشنس کیاز بال کرشن سنیاسی وَنان۔ اکھ گو بال کرشن تہٕ بییہِ سنیاسی۔ اگر بالہٕ گوپالن تہٕ سنیاس ہیوت تیلہِ کیاہ بنہٕ۔ سوال بوزِتھ پٔر مےٚ بال کرشنٕنۍ اکھ نظم ییتھ عنوان "لول" چھُ ہِندی یِم شار توٚت توشخانی صابس بوزِنوِنۍ:-

ییمن یاد ژےٚ کرِ ہیتھ واد ہِنٛز
مےٚ تہٕ واد چھِ دِلٕ ہیتھ یاد ییمن
ییمہٕ دوٗرِ ژےٚ کُن نذرانہٕ، ییتھے

دِل جام شرٛاباہ خوٗنہٕ جِگرٕ
ژٕ نہٕ یارٕ دٔسکھ موٗٹھ تۄملہٕ برٕتھ
کوٚت دورِ وٕژھکھ ہیٚر تی وٕننے
بوٗنہٕ تۄملہٕ موٗٹھا دِم سٕنیاسٕس
لی دٕپیہکھ رٕتہٕ ہم نالہٕ متے

بال کرشنہٕ اکہِ نظمہِ ہیٚنتھ عنوان چھُ سُہلاب ، کوٗرُس یہٕ سیٹھاہ مُتاثر۔ میٚہ یُس اَتھ نظمہِ مانٕنے ژورٕ شہٕ چھُ ساٗنِس اَز کالس سیٚتی والبتہٕ تہٕ تواریخکین ورقن پیٹھ ساینہِ خوٗنہٕ جِگرٕچہ مِثلہِ سیٚتی لیکھتھ۔ شاعر چھُ نہایت سنجیدگی سان ذہنہٕ کِس تیٚنرس وٕڈن دِتھ طلاطم تلہٕ وُنہِ کیفیژ شارٕ وٕڈسی باوتھ کران۔ بال کرشنس چھُ باگہِ آمُت یُراثرٕ تہٕ خوبصورت باوژبل شدید قوت ایحساس تہٕ حقیقت پرژناوِتھ لفظو وٕسی بیان کرنٕچ صلاحیتھ۔ وُچھان وُچھان گیہٕ گامن ہندٕ گام خالی۔ بوٗندوق ڈراو چاند ماری کران تہٕ مظلوم ژوٗل بجہٕ کھوان۔ بال کرشن چھُ لیکھان۔

وٕنہٕ وُن وٕن یارٕن ہشد بیوٗٹھ
یُیہٕ کوٗر لوٗسٕ ڈیکہٕ سیے میوٗٹھ
برٕ گیہٕ گُل تے پیرٕ گیہٕ کُلی
بوٗمبرٕ بیٚتہٕ گیہٕ موٗران گُلی
یُیہٕ کوٗر یمبرٕ زٕلہٕ لرٕ پارٕ

اوٚش گو یاران پانہٕ بہار
سوکھ موکھ ڈٲج مےٚ تہٕ یٲتس نے
کرٕکھ گٔیہ روٗدے یاوُن ہے

یہِ چھُ تواریخک ٹینوٗٹھ پزر کہِ "مٲنزِ مَن وۄتھ وَصلک ژنگ" سَتہٕ رٔونگ یاوُن گوٚو بے ژنگ ۔ سہلاب چھُ وسان دمہٕ دمہٕ سان تہٕ ناو چھےٚ لیوان ہینہٕ گرداوَس مَنٛز باسان چھُ زِ شاعر چھُ سہلابچہ تباہی ہنٛز کتھ کران ۔ نتہٕ ہیکہِ ہٕنٛتھ ۔ مگر یِم سہلابن پالنس ہتہٕ بیرواگی ہیٚچھ تِہٕ چھِ دوہ کھوٚتہٕ دوہ ہران ، ہمان نہٕ کینٛہہ یہِ کتہٕ ہمہِ بقولِ شاعر "روٗدس چھُنہٕ ٹھکھ روٗد رٕسیٚل" تہٕ یوٚت تام سازِش سگہٕ ونہٕ ییہِ ۔ یوٚت تام یِم کرٕہنی اوٚبرٕ لنگ اسمانس آورِتھ روزن توٚت تام چھُ یہِ سالاب اَسہِ ژالُن تہٕ وہترُن ۔ اَما چھا اَسہِ روٗدکِس دیوتائیندرَس ہکہٕ ناوِنٛج سکت ۔ اَزکل کِس زمانس مَنٛز زِندگی ہٕنٛزا پروَش چھِ ییمی رَنٛگ ژُمتی کھیٚنہِ لکہٕ ہنٛز ٹُر ۔ یوہے چھُ سانہِ بےٚ پزرہ زِندگی ہُنٛد ٹیوٗٹھ پتھا رتھ یہ چھِ ہنا سوٚچنِچ کتھ کہِ ییلہِ نیٚتھ ننہِ وُزملہٕ بے تاب گژھن تیلہِ چھُ ضروٗری کہ ۔

کرٕہنس اوٚبرس ہتھ دوٗزلیو
دوٗزلین جامَن کرٕلاہ گو
کیتھ ہیتو شام یہِ یاگنی آم
ساقیا ! روتلہِ خالی جام

جنابِ رحمان راہی صابن چھ یمہِ کتابہ "توجہ طلب" عنوانہٕ کوڈ کیٛہہ
لیکھمتۍ ۔ امہِ علاوہ چھ جنابِ رتن لال شانت صابن "تجربہٕ کہ شدتُک شاعیر"
تہٕ پرتھوی ناتھ کول سائل صابن "یہ ما زانیوٚن" .... ؟ عنوانہٕ پننین خیالاتن
ہُنٛد اظہار کرِتھ یمہِ شارٕ سوٚمبرنہٕ بوٚش کھوٗرمُت ۔ راہی صاب چھ لیکھان
سنیاسی ترِ چھُ پالس اُندۍ یٚکھ سپدِتھ والین حالاتن واقاتن مُتلق بیمنٕن ردِعمل
باوان مگر باوان چھُ سیدِ سیوٚد کلامہ کرنہٕ یا بیان دِنہٕ بجایہ اِظہارُک ورگہٕ وَل
ورتاوِتھ ۔ یِمن وَلن منٛز چھُ تسنٛد اکھ اہم وَل علامَتھ نِگاری" . اسلئے سہلابس منٛز
ہینہٕ یِتھ تہٕ سہلاب ، بزی گرٛزھتھ دکہٕ زد پیدِتھ تہٕ گٔٹہِ ہُنٛد بھٕچھ پھیر بہاو تیٚپنتھ
چھُ سنیاسی علامتی طور زِندگی ہنٛدس اکھ یُپس پرکرتھ ہندِ سالابہٕ ڈسی ژینہٕ
ناوان ۔

یال کرشن نظم "زۍ پڑاو" پرِتھ باسیوو مےٚ کہ یتھنٛدِس ذہنس پیٹھ چھُ
از کالکہِ سوچ فکرُک سیٹھاہ سوٚن تہٕ گوٚن اثر ۔ بدلولنس وقتس سیتۍ قدم بہ قدم
بڑوہنہٕ پکنیچ چھ لس کل ۔ از چھنہٕ وجوٗد رِتھ کھارج فِکر از چھُ مسلہٕ زِ وجوٗد کیٛتھٕ
ہیکو بچاوِتھ ۔ اکھ پڑاو چھُ سیٹھاہ مارۍ موٚند خوبصورت ژٕشیل ۔ لولہٕ کیو ڈیلۍ غابوٗ
آوٗرمُت ۔ واوِ گرائن منٛز پرِتھ گاٗر آہ منٛزِ وٚچھیِ وچھ تہٕ باسُن جاناذ ہِتھ ونٛگار ۔
لیکن از چھ یہِ سارے سوٚپنہٕ مایا تہٕ کیاز زِندگی ہندِ سفرُک بیا کھ پڑاو چھُ شوٗرو گوٗمت
ژھکہٕ ناوٗچھان گام آے شرٛوکان ۔ مائے گیہِ ژھوکان تہٕ شہرچ ووسہٕ ڈروسہ

آبِہ بارٕسس سیزر تہٕ پزر روو تہٕ باپأری رہٕ ٹلی ولو بارس لوٗگ چلے جاو ۔ اِنسان ٹھینٛو مشینہٕ ہُنٛد اکھ زنگ آلوٗد پرزٕہ ۔ کُنہِ وِزِ تہِ ییٚہ نَنٛ پھسٕتھ کانٛسی نہٕ فِکر نہٕ ہمسوس ۔ ژلوٕنہِ زِندگی ہنٛد چھُ یہِ اَکھ ٹیٚنٛوٹھ پزر زِ یرآئی گرٛزھن پرانان نہٕ لُوٗیہِ ہیٚن نوٗنٛ شاید ڈاین دوٚہن یا یوٗت تام ٹوٗیر روزیکھ ۔ سأرے نظم چھ فقط اُکِس بٔرونہٕ پکہٕ ڈٔلِس وُستوار سوٚچس سیتیٖ والبتہٕ ۔ حرٛف اکھ سوچ چھُ نظمہِ گرٛت بخشان ۔ گوڈٕ ہنِکہِ پٔڑاوٕک ٹھہجار چھاوان چھ شأیرس منہٕ کامن گنان ۔ مگر چھینہِ اِنسانَس پانٕسَ تام ۔ وزٕ ڈُنہِ تیٚلہٕ سٹرکہِ ہُنٛد وُہوٗنٛ ایحساس لوٚڈوے تَس غمگین چھُ بناوان تاہم چھُ شہٕ بٔرونہٕ پکان روزان تہِ کیازِ زِندٕ روزنہٕ خاطرٕ تہٕ وجوٗد رٛچھینہٕ خاطرٕ چھُ بٔرونہٕ پکُنٛ لازمی ۔

زِندگی یوسہٕ راتھ تامتھ گرٛ لبتَر
طے سپدمُت از سہٕ گوٚ گوڈٕنیُک پٔڑاو
از شوٗرو گوٚ زِندگی ہُنٛد بیاکھ اکھ
لوٚڈ ہیٚتھ پٔڑاو ۔

دوٚنی واتہِ وَق ییٚلہِ زِندگی بنہِ برٛدٕ کالچ بوٗنٛی ہش
بیہن پھتر سأری ڈیٚھر، زرَد ڈیٚھر زُنٛرِی ڈیٚھر
تہٕ اَتھ دوٚیمِس پٔڑاوس پیٹھٕ کیٚتھہٕ چھُ اکوٗنٹنٹ جنرل ہنٛدِ دفترُک اَکھ مُلازِم
حالاتن ہُنٛد شِکار سپدِتھ مشینی دورٕچ پابنٛدی سان غولأمی کران تہٕ زنٛدٕ لاش

بٔنِتھ زِندگی ہُنٛد ویٚہہ وہتران نہٕ چھ وُچھن لایق
چھُس بڑوٚہہ پکان
ٹیبلس پِٹھ وأتِتھے چھُس پھیرٕ دِوان فایلن
نہٕ لیکھان
تنخواہس پوٚتاہ کھٔسِس تنخواہس پوٚتاہ وَسِس
چھُس یی کران چھُس بڑوٚہہ پکان
اُتھی اندر یوٚد نظرِ چھُم زانہہ یوان انہارٕ گرٛھان
چھُس بہٕ سوٚنچان، چھُکھ تہٕ سوٚنچان
آسی تَن اَدٕ آسی تَن
اوس تیلہِ پوٚز از چھُ اَز
کتہِ زانہِ پہے کتہِ زانہٕ نٕے

پتہٕ نہِ منہٕ مُوافق نوکری نہٕ پراونہٕ سبہٕ روٗد بال کرشن گوڈٕ پیٹھے بے تسلا۔ یانے اَسن تشُشٹھ۔ Dis satisfied. یوٚہے اٚندرِم اسنتوش یانے بے تسلاٚئی بنیاد تہٕنٛدِ بے قرار گرٛھنک سَبب۔ سُہ چھُ ونان کہِ بہٕ چھُس روح روٚس یا رُد۔ روح میٛون روٗد کتہِ تام۔ وُرِیہِ وادن روٗد سُہ فایلہٕ پھِران نہٕ رقم گنٛزران۔ یہِ چھہٕ پزٕ چھے ہِش کتھا کہِ اَکھ ڈاکٹر یا عالم یا ماہرِ قلم پیشہ کُنہِ سیرِ بٕھٹس پیٹھ ہو زوٗری کرنہٕ خاطرٕ مجبوٗر۔ اٚندری کنہِ کُس طوٗفان ییہِ وِوتلِتھ نٔتِس۔ تمی طوٗفانچ ژٕینہٕ وَن چھُ

بال کرشن "زلہٕ وٕنی دٕگ" نظمِہ مَنٛز دِوان۔ سُہ چھُ سانٛگو پان ……
[Compact Personality] بنٕنہٕ خاطرٕ ژھرٕ ژھرٕ کران۔ تہٕ کیاز تِہٕنٛد جسم
چھُ اَکِس جایہِ تہٕ رٗوح بییِس جایہِ۔ مےٚ باسان بالکرشنٕنہٕ زِندگی ہُنٛد تُہنٛز پھیٚر
ییٚتھارتھ چھُ ییٚتھ نظمِہ مَنٛز باوتھ لبان۔ رٗوح چھُس اَہرٕبلچہٕ پانٛژادرِ مَنٛز غاب شیٚران
بےٚ سٕکھ آوارٕ گرد بنِتھ پارٕدی پانَس ٹھلہِ ٹھلہِ وُچھان تہٕ گاہے ہُری شور بالہٕ ٹھنگہٕ
بیہِتھی ژھالہٕ مارٕان تَس چھُ اَرمان تصویر پوٗرٕ کرنٕچ۔ مُرس مَنٛز رٗوح پارٕ اونٛچ ییٚتھ
پارٕدی پانَس مَنٛز بسِتھ رٗوح تہٕ کرِ ہےٚ ہکہٕ چی چی۔
"زلہٕ وٕنی دٕگ" نظم چھ بالکرِشن سُنیاسی سٕنٛزِ زِندگی ہٕنٛزِ دٕگہٕ ہُنٛد ییٚتھارتھ ییٚتھ
گاشہٕ راوان

پارٕدی پان چھُ ژھلہٕ کٕمی تامتھ
کٕمی تامتھ شیٖشس مَنٛز بوٗز مُت
٣٦ – رٗوح پوٗز تمی سُنٛد تَس نشہٕ دوٗر
کتہٕ تامتھ زَن پھولِمُت نوٗر

٣٧ – واہی بہٕ لبہٕ نٕے پارٕدی پانس مَنٛز
کرٕ نا کاہنہٕ رٕژ تخلیق
ہُرشاہ تُلہٕ نٕے رٕنٛگ بہٕ تہٕ برٕ نا
پوٗرٕ کرٕہتھ گرٕژھہٕ نٕے تصویر۔

۳۸ - یکھ ژۆٹ جاناوار بہٕ کرٕ کیاہ
پارٕدی مَن یکناوہم کوٚت

بال کرِشنَن لیوٚکھ مِیہٕ اَکِس خطکِس جوابس منٛز کہ "وجوٗدِیت کِس فلسفَس پھیرُ دِنہٕ وِنہٕ چھِ یہِ کتھ ضروٗری زِ اُپنیشدکِس ویٛژارس تہٕ ہیٚمو ہنا سام تہٕ برٕہمہ سوٗترس منٛز یہِ کیٛتھہٕ تہٕ اَتھ متلق وُننہٕ چھُ آمت تتھ پیٚٹھ تہٕ ژراوو سٕتی نظر۔ برٕہمہ سوٗترس منٛز چھُ وُننہٕ آمت زِ آتمایِلہِ تہٕ زوٗ زاآژ منٛز پننٕ موٚر چھُ لبان شکتی پیٚٹھ چھِ لتس مایا سٕتی روزان۔ لوٚز پرماتما چھُ پانہٕ مایایہِ نِشہِ مچھِ آسان۔ مایایہِ چھِ انگریزِیس منٛز اِلوٗجن [Illusion] وَنان تہٕ اِمیٚکُ مطلب گوٚ زِ یہِ کیٛتھہٕ تہٕ اَسہِ باسان چھُ سُہ چھُنہٕ ژکہِ تہٕ آسان۔ مایا چھنہٕ پانَس منٛز کانٛہہ قوٗت تھوان اَما لوٚز اَتھ اَندر چھِ ترٕے سَتو یا ترٕے شخصیژ پننی پننی عمل کران روزان۔ تہٕ زَن گوٚ جان آسُن۔ ناکارٕ آسُن تہٕ ترٕیم شخصیتھ یتھ منٛز اَسہِ جان نہٕ تہٕ ناکارٕ تہٕ دوشوے گوٚن میلن۔"

سُنیاسی مٲبُن وَنُن چھُ زِ لیوٚت تام مایایہِ ہُندٕ لعلق چھُ سُہ چھِ پرماتماہس سٕتی تہٕ تِتھے پأٹھی شانہٕ بہٕ شانہٕ واس کران یتھ پأٹھی آتماہس سٕتی سُہ واس کران چھے آتما چھُ ژکہِ پرماتما سُندٕ اَنش تہٕ اُتھی فکرِ چھُ ہمیشہٕ آسان زِ تَس گوٚژھہ پرماتماہس سٕتی میٖل سپدُن۔

بُرُش کِس پکناوِ کیاٛرٕ! نظم چھ میانہ سوچہ مُطابق زِندگی تہٕ اِنسانٕ وجودٕچ
فلسفانہ باوتھ کران۔

آدمی شخصیژ چھ ترٛے پہلو

(شعور) شعور Conscience گو ہوش - سمجھ - چیتنا   चेतन

(تحت الشعور) تل شعور Sub Conscience شعورس تلہٕ کنہٕ

अवचेतन   अन्तः चेतन   Away from the Focus of attention

(لاشعور) لاشعور Un Conscious   अचेतन मन

ترٛشوے شعور چھ یتہٕ بقدِ شعورکہٕ جہہ یا اکھ بیٹھ قوت Energy ونان چھ
گوٚ اِنسانی ژٕینتہٕ Mind منز چھ ترٛے قوژ - شعور - تل شعور تہٕ لاشعور بہ یک
وقت موجود روزان - یوٚدوے یِمن ترٛین قووَژن منز یکٹ روزنٕ یا مقصد بنہٕ ترٛشونٕ
ہُند کُنے ژیہتھ چھُ پراوان آنند -

اکسے منس منز ترٛین ہُند آواس گو Trinity ہُند تصور - یوسے ٹرِنِٹی
ہُند تصور چھُ بال کرشنہٕ وترٛاٹک یا فلاسفی ہُند مرکزی نقطہ -

بُرُش کِس پکناوِ کیاٛرٕ! نظمِ منز چھ یِمن ژٕینتہٕ چن ترٛن قوتن ہُنز باوتھ کرنہٕ آمژ۔
یتھ چھ بییہِ اکِس کتھہِ کُن اِشارہ کرُن تہِ ضروری۔ یتھ نظمِ منز چھُ شعور -
تل شعور لاشعورچ باوتھ ستی ستی اِنسانی شخصیژ ہِندِن بیین ترٛین تھہن کُن
تہِ اِشارہ کرنہٕ آمت - یم چھِ -

۱- پہٹھ شعور Super Conscious کارتِک کہِ ژٔندرٕمک تصوٗر

۲- سیٚمے Time Self کاٗلی ہنٛز مُرژٕ

۳- شُنٛیہٕ Space Self کوچن ہندِ اَنہٕ گٹیک تصوٗر

یِم چھِ یِم ترٛے گوٗن یِمن منٛز قُوت پننِ عمل پکہ ناوان چھےٚ۔ یانے قوتہٕ منٛز یوٗسہ تہٕ مایا چھےٚ سُہ اَسہِ یِمو ترٛیو گونو ہنٛزِ عملہ سٟتی پرٛزناونہٕ یوان۔ اِنسانی شخصیژ ہنٛدِ مکمل سپدنُک عمل [پراسیس Process] چھےٚ مُتواتر چلان روزان۔ شعورُک ترٛشوِ رپ چھِ بٔھلِ شعورُک اَنگ۔ اِنسان سُنٛد ذہن Mind چھُ یاگی پانس منٛز اَکھ قوت Energy لیکن اَتھ اندر نہٕ چھُ ترٛٹھ ووٚت تہٕ پیٚلہِ ترٛشولی وتن ہُنٛد مقصد کُنہِ باسہِ ذہن چھُ بنان مکمل تہٕ لبان Perfection بُرُش کُس پکناوِ کیاہ یٚری! نقطہِ منٛز چھُ

۱- گیہِ راٗچھی تیری کھولا ہیتھ یہ گوٚ شعور

۲- ہرد پینیچ سو نہاٗری گلاٹ یہ گوٚ تل شعور

۳- آرہ پلس پیٹھ کاے یہے لِتہِ چھتہِ گامژ یہ گوٚ لاشعور

بےمرے۔ زلہ ولی دگ تہٕ مُرژ ووٚنی نقطہِ تہٕ چھِ یوہے فلسفانہ وِشرار ہیتھ گرُت لبان۔

کتھہِ بروٚنٛہہ کُن داش کڈان لیوکھ شُنیاسی صاٗبن میہ کہ۔

"یِم ترٛشوے شخصیژ چھِ ہنن گرہ الگ الگ لباوان تہٕ ییتھ پاٹھی چھُ مالنِک دُبدر

زنہٕ ہوان ۔ حالانکہ آتماہس چھےٚ کُنی کل انٛدرٕ ونٛد گتہٕ گیوٚر کران زِ سونٛگو پانٛ گوٚژھس روزٕن یِتھ زِ پرماتماہس سٟتؠ مٟل سپدِ ہم ۔

مےٚ چھُ باسان "مٔنٛدچھان چھُس نا" نظم چھِ اِنسان سٕندِس نفسیاتی وجوٗدس سٟتؠ وابستہٕ ۔ اِنسٲنی زِندگی ہُنٛد نفسیٲتی پہلو چھُ نہایت اہم تہٕ Sex چھُ مادی تسلی حٲصِل کرنُک اکھ ذٔریعہ ۔ ییٚہ ونہٕ قوٗدرژ، ہٕنٛز ترِ ھایہٕ ہُنٛد انجام ۔ یِتھ زٕ زاژ منٛز چھُ نر تہٕ مادٕ ژلِتھ یژ گرژ ؤسجار بخشان ۔ اِنسان چھُ اَشرف المخلوقات اِسلئے یہٕ بوچھ چھُ ہروزِ اُنٛدری اُنٛدری ویتران تہٕ پردٕ پوشی منٛز اَدِ یہ پاگیزٕ پینٛس تھٔہ ہلم واران ۔ نفسیاتکی ماہر چھِ ونان کہِ اِنسان ہینکہِ وارِیا ہن ذیٖہنی تہٕ جِسمٲنی بیمارین ہُنٛد شکار سپدِتھ یوٚدوے شہ آمہِ بوچھ سٟتؠ بیقرار سپدِتھ چھوٚرِ چھوٚر کران روزِ ۔ Depressed Sex کنہٕ چھُ اِنسان نفسیاتی طور پریشان سپدِتھ دٕ زیٖتِس منٛز ہینہٕ تہٕ نیٖتہٕ یوان امیک ایحساس چھُ اکھ نظمہٕ منٛز یِتھہٕ سپدان ۔

"مٔنٛدچھان چھُس نا کھرٕ پچہٕ گِنٛدنَس

شُری لاڑی چھم اَسہٕ ناَ نترٕ ناَ

کرِ کیاہ تھرٕ چھم ہے بُنگہٕ گڑھی چھے

عالَم ما دُچھ

دوہ ہدِش مےٚ کُن

وُزمل گٹہِ منٛز ییلہِ برمہٕ راوہم

گُمہِ شُری کرِ مِتے نہِ تھاویم تاٹری
مَشدِ چھان چھُس نا

مَشدِ چھان چھُس نا نتہِ بہِ تہِ وَنہِ ہکھَ
یا وَن رالیَس مِثیاٹی مامے
مَشدِ چھان چھُسَ ناکُس دِیہِ ہے نَتہِ نمبر ۶۳ - ۶۲
دکہِ بَتہِ تھالسَ

دِپرِ وارَس مَنثر بیہنسَ چھا اِلکار اما پوز
مَشدِ چھان چھُس نا

کَتہِ ما وِدہ بتہِ تے عامَن خامَن
جُبحَن نشامَن
اُنثزرُن گنثزرُن میثونے آسکہ
ہَرگاہ دُھِنَم تارِنہِ گریکہِ مُنثر
بوزنہِ شہجارَس نیثدرا تراویتہ
مشدِ چھان چھُس نا

نَتہٕ گوٗژھ ہیٚے بَتہٕ وَچھ توٚت توٚت آسُن
بٔرو ہٕہ کیٚنہِ رٕمبہٕ وُن موٚت گوٗژھ آسُن
مشدٕ چھان چھُس نا

بال کرُشنُن ذہنٕ چھُ اِنسانٔی پٔرکرٕژہٕ ہٕنٛدی مگر کٕنٛز عادتن پرٛیشان تہٕ کوٗرمُت تہٕ حارٲن تہٕ - تس چھُ باسان جانوٗر چھُ اَہنٛدِ کھوتہٕ بہتر یُس پننہِ زاتُک ہنٛد ہرونٛز پہٕ ژور چھُ کانٛچھان - اِنسانٔی پٔرکرٕژہٕ ہنٛدِ حیوانٔی دلوبارن چھُ اکوٗہمہٕ صدی منٛز زُون وول اِنسان اَز کانٛہہ لوومُت - اَکھ اَکس بِلا وجہ زاگہِ رؤزِتھ چھِ راجنیتی تہٕ کوٗٹ نیتی ہنٛدی کاغذی شہٕ پنٛزرٕ پاوی اَزِتھ تہٕ ہُسی برنہِ نیرِتھ پنُن کچُل باہ ژٔکھ کران - اَتھی پیٚٹھ ناوتگن گری - یہ سوچ چھُ دراصل بین الاقوامی سطحس پیٚٹھ رونُما سپدوُنین حالاتن کُن تہٕ اِشارہ کران - زمانٕہِ دِیے بیٚنیس پیٹھ حاوی سپدنچ کل کیاز چھِ اَز کل کُس اِنسانس ڈرنٛدٕ بناوِتھ بالہٕ کھنگرین منٛز پان کھٹنہٕ خاطرٕ مجبوٗر کران - اَز چھُ اِنسان بِلا وجہ بیٚنیس زاگہِ روزان - پھران تہٕ دِلُک قرار ژھیہٕ نوان -

تۄہی کیاز ہیٚن ڈاکٕژِن پھران
یُس تہٕ وَتہِ پکان سُہ چھُو بی وَنان
زِ تۄہی چھو اکوٗہمہٕ صدی ہنٛزٕ سٔرکہِ پیٹھ
سِیمِنٛٹٔموٚت ژھوٚپھُٹ
تۄہی چھو ہتر مُچھ

اَکھ اُنسٕہ بیٛٹھ بیٛہان بۄیاکھ وُٹھن بیٛٹھ تہٕ
۹۱- بۄیاکھ بُتھِس بیٛٹھ بیٛہتھ
ہوٗلہٕ تلہٕ نہٕ تھپھے تلان

تسبیح پھِرناوی پھِرناوی
لۄکن دوٚلسنس انان
مَتہٕ کرٕی تو ساد مکاری
اَکھ اَکِس مَتہٕ پھٔری تو

۱۹۸۵ عیسوی مَنٛز چھِہ بال کرِشنن "ہترٕنی شہہ وُشنَن" عُنوانہٕ اَکھ نظم لیٛچھمٕژ یتھ مَنٛزِ وِستھاپنٕک پۄرٕو اباس Premonition पूर्व बोध درٕ نیٛتھٕ چھِہ گژھان۔ یہ نظم پٔرِتھ بابسو میٚنہ کِہ پۄرٕوابٲس بیٛٹھ لیٛکھِتس میانِس تحقیقی مقالس مَنٛز گژھ ضرور ییٚمہٕ نظمہٕ ہُنٛز ذِکرا آسن۔ وُچھو — بال کرِشنس کیٛتھ پٹھ ۱۹۸۵ عیسوی منٛزی رتن کتھن ہُنٛد آبھاس پیدان یِمہٕ ۱۹۸۹-۹۰ عیسوی یَس مَنٛز بھارتھ بَنِتھ پیٚتی میو ہُنٛد ہلو ڈرکی یَو بیٛٹھ آسہٕ اَتھرِ کیٚمی ہُنٛدی پاٹھی اُنٛدری اُنٛدری لۄران چھُہ۔ ہے دوٚنہٕ دوٚنہٕ چھُن کوٗرت

اَتھرِ کیٚمی لۄران نیٚتھر گولابن ہُنٛدی
گُتھرِ گُتھرِ لہران ژھۄتھر ژھۄتھر نوٚوران

ڈُلؠ تھٕر پھٔرستک سمے چھُ اَتھ بیہتھ کاو
یُوسے یہ شیشہٕ ہیتھ آو شورٕ ہیتھ آیہ ناو
ڈُنَل چھےٚ عقلے راو    ژٕپل زمانہٕ مٔتیو
دیوار آیہٕ ڈٔسی ڈٔسی    مکانہٕ خٲلی گیہٕ
کتھَن نہٕ مازان کاہنہٕ وَت سَریہٕ مُشکان

چھےٚ ناگرادَن گرٛکھ تہٕ لاو پھٹہٕ ظاہرا
بُنیٖلی ترِین وارہ تہٕ ناگہٕ جُویہٕ شیہلَن
رٕلون تہٕ دیوی دار بُنیٖلی ٹیٚر    یاسنے

خُمار ہُتر ڈٔہراتھ شُمار گرِ    لاشَن
سَریہٕ وتن ہنٛدیٚ ین تہٕ بال مُشکاوَن

مٔنٛے زَن چھُ باسان جنگ چھُ میانہٕ بستی مَنٛز
چھےٚ رَب تہٕ ربہٕ مَنٛز کھوٚد گژھان چھُ ۔ نیرٕنگ گژھی
گرٕ راٗدِتھ تہٕ حالہٕ حاران پیدِہ چھےٚ اُزِچ حقیقتھ "ایلانِ جنگ" نظمہٕ مَنٛزِ یتھ
اُچھن تَل یِوان ۔

مے کُن دوہ لیر پینٹھو وادییہ ہے یہ ڈیھ یآ ۱۱۰
یہ تھیُو راو یآ نار بالادربن ہُشُد
یہ گٹلہ میُوٹھ کُرہ یآ تمن قہرینبن آنہ
یہشُدی مآلی نابوُد بہشپر ماچہ نابوُد

دوں کس آش پگیھج پگاہ روُو وُلزوُتی
دیان لوگ نبس دب نہ تارکہ تہ پیئیہ ڈسر صفحہ نمبر ۱۱۰ - ۱۰۹ - ۱۰۸

ژھٹان نارلُیس اوس شہ افتاب شہلیو
دوول کُس نارِکُس زبیتہ، کُس وتہ مے کوژجنگ ۔

بال کرشنن چھ کِتابہِ ہٕندِس غزلہٕ بوگس منٛز ۸۴ غزلہٕ ترتیب دِتہٕ متہٕ ۔ بیشتر غزلن ہُند اندازِ بیان چھُ رِوٲیتی ۔ عشق چھُ ژٕنگہٕ رنٛگہٕ تیتھہٕ ژھٹان دٕرٛینٛٹھی گژھان ۔ عاشق چھِ زمانچہِ بے پرٛہ لوٗہہ تمبٕلی بیہتھ اوٚش تہٕ ہراں تہٕ ووشہٕ ترٛاوان بال ژُھنٛڈِتھ بالہٕ یارس بیہتھ جانہٕ عزیز نچھاوَر کرِتھ کل گٕنٛزراوان یا بالہٕ داہنی ڈٕنی دِیاوٕ ناوان ۔

سُنیاسی ماہٕبنین غزلن ہٕنٛز اہم خصوصیت چھِ یہِ ہُند کاشُر پسِ منظر، حسین، ماری موٚنٛد، پُرکشِش تہٕ پُراَثر ۔ بال کرشن چھِنہٕ اسمٲنی وُڈو کران تہٕ کیاہ حقیقی زِندگی ہُند سوٚن ووگُن پرزٕنتھ چھُ جذبٲتی بنِتھ کھوتہٕ ٹھوس زِندگی نکھہِ یتھ تہٕ پرزٕ پرزٕ ناوِتھ لول لولہٕ للہٕ وٚچھ ضروُر رٕتھ ۔ وقت چھُ تیز رفتار سان بدلان ۔ پرمیرا چھِ نوے انسانہٕ زوٚچ کل گٕنہِ راوان ۔ ہوا مخلص منٛز قآد پیدہ تھ چھِنہٕ وجوٗد راوٕ راوٕچ ضرور رٕتھ ۔ زِندگی ہُند شٹھنیار تہٕ وُتھیر، کرکچھر تہٕ میچھر سادل تہٕ ٹُھگل ۔ پھلیہِ یاوُن تہٕ گنٛڈڈی زال دِنی اسہِ زِندگی زوٚچ پٔرے رٕتھ ۔ تہٕ کیاہ سازٕ وے کھوتہٕ حسین چھِ زِندگی زُو نکی کیتھہٕ ژہی ۔ باغِ نشاط تہٕ شالہِ مار، یوٗسہ مرگ تہٕ نیلہٕ ناگ ۔ ڈل سال تہٕ ژھٹہٕ شِکارٕ، قمر تہٕ کستوٗری بوم بُر گنگراے تہٕ گُملیہ گیوُن ۔ ڈل لہرن ہٕنٛز ترٛوٕنی ترٛاے تہٕ رُمبی آرک گرزُن ۔ پھولوُن کاشُر گولاب تہٕ اَسہٕ ڈلی یمبرزَل چھے یہنٛدین غزلن کشیرِ ہٕنٛز میٹرِ ہٕنٛز خوشبوے سیتی مُشکاوان ۔ اَتھ چھِنہٕ کانہہ شک رِوایتی طور اظہارِ عشق کرُن چھِنہٕ گوناہ ۔ آخر عشق چھُ غزلہِ ہُند روح باوٕژ ہُند نوِ ہیکہِ اَتھ شوٗبہ دار تہٕ بنٲوِتھ تہٕ جانٛدار

تہٕ تیٚہہٕ تہِ ہرٕیس تہٕ ماحوٗل تہٕ پیٚیہِ مُشکاونہٕ۔

بال کرشنن غزلن ہٕنٛز دوٚیِم خوٗبی چھےٚ سوچ فکرٕک گوبیر۔ ویٚہہٕ دپتِران چھُ شاعرِ زندگی ہٕنٛدیو مختلف مرحلو منٛزی گزران تہٕ پننہِ وجوٗدیچ تھہ رٔچھنہٕ خاطرٕ مجبوٗر سپدان۔ کرٕ تجربہٕ میچھر چھُ یکو وٹہ تھٲوِن۔ تجربن ٹیوٗٹھ موٗدُر بناوان تہٕ تجربن ہٕنٛز شدت چھہ تہٕنٛزِ باوتھ تہٕ بجر بخشان۔ سوال چھُ زندگی زوٗنک محض دوٗہلیٚ خوابو سیٚتی کوٚت تام ہیکو اسہِ پننہِ پتہ دِل زٕنٛز ناوتھ۔

بال کرشنہٕ نین غزلن ہٕنٛز تریم خوٗبی چھہ پُرخلوٗص باوتھ۔ احساسچ شدت چھہ پننہِ جایہِ تہٕ ورتاوٕک زاوی چار چھُ متر تلہٕ ولٕی کیفیت پاد کران۔ پرن وول چھُ وولسنس پیٚتھ زن تہٕ آنند سُدرس منٛز لٔے سپدان۔

بال کرشنہٕ نین غزلن ہٕنٛز ژوٗرِم خصوصیتھ چھےٚ وتیٚچ حقیقتھ پرزناوِتھ راوٕنکہٕ غمک شدید اظہار۔ احساس یتہِ کیٚتہ ہُنٛد زِ اسہِ سیٚتی سپنٕ نا انصافی تہٕ اسہِ لگی شاٹھن تہٕ گماٹھن۔ سوٚن آسن تہٕ لبن گوٚ وہتھِ یُنٛزِ تہٕ اِنسانیت آیہِ ڈکرِتھ پتھر لایِنہٕ۔ وِشواسَس لوٗگ ہٕٹی گرنٹِم۔ اَما بال کرشن لیُس اَز کل دِلہٕ ہنٛز تیلہٕ سرٕکہٕ میٚنان چھُ کیٚتہ ہیکہِ اَمہِ کُڈر حقیقتُر لِنشہِ لوب ہیتھ یہ چھےٚ سوٚدگ۔ یوسہٕ پتہٕ میٚنو پنٛداہوٚ ڈریہٕ یو سپہٹھ اَسہِ اَنٛدری اَنٛدری کوٗران چھےٚ۔ بال کرشن تہِ چھُ بےٚ پتھ وقتک زہریلہٕ ناگن بِچھتھ ترٛوٚومُت۔ یہ اوس اَکھ نوو تجربہٕ۔ اَکھ ٹوٗپل احساس۔ اَکھ لیےٚ پتھ پھٲرتھ۔ اُمی نوو تھپ دِتھ تنٛدِ دِلکُ قرار تہٕ غزلہِ ہُنٛد عاشق لوٗگ چھیٚن تہٕ چھارن

کھیو سرپیٹھ ٹو پوٚ۔ لولہٕ ہتی آلو گیہِ ٹینٹہٕ بٔزی کھورَو تلہٕ ژٕج مینٛز نیرِتھ۔ کم وعلیہ یقرار گیہِ لرٛتھِ۔ پٔرکرت گیہِ ہتی پھٔر۔ زِنٛدہٕ روزُن سپد مُحال۔ ڈٔری یہِ داد وآتی لی دُچھان لی لوٚکان تہٕ لی ورتاوان۔ پٔرکرژ ہٕشرِس اَتھ بدلوٚنس مزاجس دِژ بال کرٛشنن تہِ زلوٚ تہٕ غزل دٔرایہ رٔسیل محل خانو منٛزٕ نمبرتہٕ سٔکہِ ھراوُن منٛز دِتِن جانانس ڈٔلی۔ مُختلِف غزلن ہٕشری کینٛہہ شارِچھ امہِ رٔنگہٕ قأبلہِ توجہ۔

۱۵۸ - یہ چھُ ہرُدا آمُت سوٚنتس منٛز اُسی دوٚرآوِن اُسی زٕنہٕ رآوِن۔
چھاوکھ کُس گُلزار نا یارو نیرکھ کمہِ انمانہٕ لگےٚ۔

۱۶۱ - دوہلہِ وُٹھگن شال کرَن دوہٕس راتھ یہِ چھا ھیان
چھےٚ داں کُھپےٚ۔ کُچھ نوٚیمٕژ یہِ گگر ذاتھ یہِ چھا جان

شاپہٕ ھہرینہِ دوٚیم گُل وول پھیرُ لوٚگ کھتَن
تاپہٕ ژرنچہ وےٚ کُڈہٕم ٹِل وول پھیرُ لوٚگ کھتَن

۱۷۲ - پوشہِ مَرگن چھےٚ تابان فقط بے لبی
واوِ ناوَن دِیتم دِل دون بھیرُ لوٚگ کتھَن
سیکہ چھِ صحراوِ خوش جافِرس لجٕ اُتھِر
آمہِ ناوَن دیتمُ دِل وون بھیرُ لوٚگ کتھَن

۱۷۳ - ہجرُ کےٚ زیوتہِ نار وَسہِ چھُم سوٗزگوم
ہشکہِ زُزُ راہ زام ییتہِ مَشہِ نےٚ سوخن

غزلہِ ہنٛدین شارن مَنٛز چھُ وِزِ وِزِ لولہِ دگہِ ہنٛز ذِکر آمٕژ۔ عاشق چھُ دگہِ تہِ قدر کران تہِ لولہِ للہ وان۔ ہنٛدی زبانٕی ہنٛز مشہور مِسٹِک شاعِرہ مہادیوی ورما چھِ لیکھان۔

नित जलता रहने दो तिल तिल,
अपनी ज्वाला में उर मेरा ; (नीरजा, पृ०-87)

دراصل چھِ یہِ دَگ لوٗس موٗل ہُرراوان تہِ عاشق چھُ ہنہِ ہنہِ ژٕینان کُس تام کتہِ تام کیاہ تام باوان منہِ ناوان لوٚت لوٚت بالہِ یارس۔ گو عاشق ہنٛدِ خاطرِ چھِ انتظار کریم اُنتھِ رُسی ژِرِیہہ وردھان ئُیِنتھ منہِ منٛدورِ ہنہِ ہنہِ ناٹیہِ ناوان۔ دَگ للہِ ناوِنچ کیفیت شاعِراوان چھِ بال کرتھ لیکھان۔

اَچھراہ اَچھراہ دَگ للہٕ ناوان لولہٕ فسانس دوُدے دود
۱۷۵ سمیاہ گوٗ اَچھر دیٚژھناوان لولہٕ فسانس دوُدے دود
چھینہٕ مُلہٕ تلہٕ وُزہٕ ملہٕ یلہٕ ترٛاوان ژرٹہٕ تےٚ مُستی کرٛناوان چھم
اَدِ چہٕ زاگہِ چہٕ رزہٕ اُلراوان عشقہٕ پیچانس دوُدے دود

ویٚنہٕ وہتران نہٕ دَگ للہٕ وان چھُ عاشق نوٚ بہارس ڈلنیٚشتھ شاٗدی یانہٕ مناوان
یہٕ اُتھسی مُخاطِب سپدِتھ یِتھہٕ وینتھ کران۔

چھِ وَنہٕ وان وِگنہِ شامس ڈل ڈہس بیٚھ
دَپان اَسہٕ وُچھ سہٕ آدی نوٚ بہاراہ
۱۶۸ ژاٗنٹتن سالہٕ برہس پیالہٕ پانےٚ
بلبن ڈلی ڈلی مٔے تے داٗدی نوٚ بہاراہ۔

بال کرٛشنہٕ نین غزلن مَنز چھُ شدید احساسِ غم نظرِ گژھان۔ جدید دورچہٕ شاعری
مَنز ژیینہٕ وُن یراجیہ بودھ۔ ناکامیابی ہُند احساس۔ واٗناکھ حالات تہٕ ہبھتی پھیٚر
زمانن چھُ شاعر زن تہٕ کاٗنٹہٕ لوٗومت۔ وقتچہ ژلہٕ لارِ مَنز چھُ اِنسان از کھوٚتھ زدگرژھتھ
تہٕ سوٗرے راوٕرِتھ دیوٚس راچھ کرنہٕ خاطرِ مجبوٗر سپدان۔ اِنساٗنیتھ چھ رتہٕ داٗوی پیدِتھ
لوٗب کُن خوٗنہٕ جگر باران۔ سوال چھُ خاٗلص بروٗنہہ پکنک اَدمہٕ خاطرِ پنیہٕ تن کینہہ تہٕ
داوس لاگُن۔ لوکھ چھ سوٗنہٕ موٗلہٕ مایہٕ گرِتھ الپشرس تہٕ داوس لاگان اِنسان ہنز

پھِنہٕ کیتھے ۔ سہٕ وَق گو یِتھلہِ غزل گو شاعِرِ داد حاصِل کرنہٕ خاطرٕ بیقرار اوس سپدان ۔ اَز چھِ بتنشریئے قرارٕی تہٕ ویلاپ میڈیا یا کین کیمراہن منز قٲد کرنہٕ خاطرٕ ملّی یوان ہینہٕ ۔ محی شاٹ بننہٕ خاطرٕ چھس اُمہِ بیقرارٕی تہٕ ویلاپک Once more ڈُنہ نالُک کرٕناوان ۔ اسلیے چھُ از وَق پٔرزٕناوِتھ حساس شاعِر وِہیہ کھینَس مجبوٗر گژھان تمشُد یوہَے ایحساس چھُ غزلہِ ہندِس موضوٗعس نوٗہ برتہٕ بخشان تہٕ قابلِ اعتبار تہٕ بناوان۔ وُچھتو یم کینہہ شار۔

کیاہ مسوٗلی مستَس شانہٕ گرکھ ژٕہنتا چھِ دَزان
۱۔ کیاہ مہ کی کھنڈٕڈی پھٹی بانہٕ برکھ ژٕہنتا چھِ دَزان
۱۷۸ ۔ کیاہ مُسوٗلی بدنَس نافہٕ مُلکھ شرٕ نگار گرکھ
کیاہ پانکرٕ تنہٕ بیمانہٕ برکھ ژٕہنتا چھِ دَزان

۲۔ منہٕ سَرس چھُ کونھُش لوٗگمت بدن چھُم نارٕ گلی ژٕایان
آمہٕ تاوَے لہُر لہُر ویگلان ہنا کھوٗژِو
۱۸۴ ۔ ناگہِ جوٗیہِ چھُ زہر تیلان ہنا کھوٗژِو
زاگہِ رویہ چھُ قہر کھیلان ہنا کھوٗژِو

گُیہِ رۆدِ بۆزی راتھ ڈُہلُ لتہٕ موٗ نچیے گوٚ
۱۹۴ - ڈُہی کیشرٕ تنترٕ ہراتھ شہلُ شہلِ کلُی کھیو
رَتہٕ داُوی جانا وار یکھوٚ بالُی ڈُہوٚ کوٚت
تُرٕنیم ہے جذبات رییہٕلی شہہ ترِ ہے سوتوٚ ۔

زلوٚ دْرایہِ پھٹِھ ترٕیشہِ ہتیشوٚ زھاٗنڈ کو ٹھبوٚ ترٕیش
ڈُہی کیاہ خبر کُس ساتھ ویشہلُ بھٗو میہِ بھٗو میے چھُوٚ ۔

اَز چھُ "جناب کلچر" پھبان تہٕ پھانٛپھلان ۔ صاحب وُچھ تہٕ جناب ۔ Boss وُچھ تہٕ جناب Madam وُچھ تہٕ جناب ۔ سپاہ ڈیشوٚکھ تہٕ جناب ۔ بندوٗقی وُچھ تہٕ جناب ۔ سیزر تہٕ پیزر کھیوٚ رۄپلی ولوٚ بارٕن ۔ ترکرت روٗزنہٕ شوٗز اَکھ گوٚ وقتہٕ ولوٚ بار رَل ۔ ڈبلومیسی زۄپ جانانہ شُند شروٗنی کرُن رونہِ دامانہٕ اسلئے روٗد نہٕ پالنس تام کینٛہہ ۔ یہِ گوٚڈر حقیقت پزرٕناوِتھ چھُ اَزیکُ حساس قلم کار زکرِ ہنٛزِ ذِکرِ سیتی زٕتھرِتھ شار بازر کڈان ۔ کُنہِ چھُ تس پننہٕ نے شار ٹھولِ لگان ۔ لیکن اطمنان چھُ یمِہ کتھِ ہُند کہ خود وارِکھارٕی چھُ پزرٕ پزرٕناوِتھ تہٕ کتھن بُتھِ پیٹھٕ وُرُن تھوٚد تُلِتھ ٹیچھ میچھ ادنچ کوشش کران ۔ یوٗسے چھُ پزمان ہُنٛدِ زندٕ آسنُک ۔ حساس آسنُک ۔ شرینہٕ ہیتھ ویہہ ویتراونُک ۔ یال کرشن چھُ لیکھان ۔

اَسِ کھنٛگالہٕ گوٚوُنسی ، وۄنِ رِوُن چھُ زٕدی کران

مےٚ زن چھُ اوٚنٛدپوٚکھے کران، لٗلوٗ مےٚ کھوٚنہٕ شۄہل تہٕ تاپھ

١٩٥- چھُ زوٚنہٕ بانٛدِ ربھ گوٗمرٕت تہٕ تارکن چھِ سیٖنہٕ وۄدی

سِریہٕ چھُ دوٚہدِش مَران لٗلوٗ مےٚ کھوٚنہٕ شۄہل تہٕ تاپھ

سَمنٛدرس چھِپےٚ سیکھ چھکِتھ تہٕ یٔدی پھٕلِم ژران اَپور

یِہےٚ غزل پران پَرَان لٗلوٗ مےٚ کھوٚنہٕ شۄہل تہٕ تاپھ

یِتھ کِتابہِ "توجُہہ طلب"، عنوانہٕ سرنامہٕ لیکھان چھِ پروفیسر رحمان راہی صاحب سُنیائسی ہنٛدِس فکروفنس یِتھٕ تأریف کران۔

" سَنیائسی ہنٛدِ تجربہٕ چھِ بِسیار رنٛگہٕ اماپوز تِمن ہنٛد غالب موضوع چھُ اِنسا ....اُمی پےٚ اِنسانہٕ سُنٛد وٕرداد وجوٗدنہٕ تھ وجوٗدس مَنٛز پھانٛپھلن وٲلۍ مُختلف تضاد تہٕ تمہٕ تضادو سببہٕ ووٚتھن وٲلۍ اَنٛدری کیٚنٛہہ نیبر وو لساوتہٕ ڈٕلوٚڈری Crisis بہٕ وَن گوژھِتہٕ مُبالغہٕ بانٛس زِ سُنیائسی چھُ شایدہٕ گوڈنیک تہٕ وُنیک تام کٕنے کٲشر شٲیِرس پھیری پھیری نفسیاتی تہٕ فلسفیانہٕ واتَن وٗطیرک باس دِوان چھُ۔ بہٕ چھُس نہٕ محض ہنگامی رومانی وُلتشاوَن ہنٛد شٲیِر۔"

سَنیائسی صاٰبنٛ سوٗرے کلام پٔرِتھ ووتُس بہٕ یِتھ نتیجس ییٚتھ کہ تِم نہٕ چھُ مواہس مَنٛز گیلہ لاٰیتھ زوٚنہٕ پھوٚنہٕ ہران تہٕ نہٕ چھِ جذباتی سپدِتھ اَتھو موٚختہٕ ہران۔ لیکن بہٕ چھُ پزر کہ لوٗلس چھِ تِم وژھِ وٲلنجہ للہ کھوٗل کران۔ تِم تہٕ چھِ چینٛچ نہٕ چاوہِچ کیتھ کران۔

جانانس سالہٕ اَنِتھ پیالہٕ برداری کرِنٛج کل گُنہٕ راوان تہٕ مَس کھاسی باگرِتھ منقل دوہہٕ ناوان ۔ روحانیتھ چھِ تہہذیبی کیتھرن عزلن یٔژ یا بٹھی شرنگار کران ۔ تلہٕ سأے کنو بوُزِو یم شار تہٕ منہٕ زرژرِ و میانہٕ کتھِ مانے ۔

وُہہٕ وِنی منقل زَنَ ژھَوراوکھ

مَن شہلاوکھ ہرگاہ چھاوکھ

ژٕلیتہٕ ہێوتےٚ ژھٕس وُٹھ اُدراوکھ ۔ ۱۵۹

دِل بہلاوکھ ہرگاہ چھاوکھ

حبہٕ وٕلسراوکھ ہرگاہ چھاوکھ

گُل مُشکاوکھ ہرگاہ چھاوکھ

گوَ چینہٕ چھین تا چھاوناونہٕ چَن کتھن نِش چھُنہٕ بال کرٔشنن پوٚت ہێوتمُت ۔

گوڈٕ ہێنیہ کتھِ کُنہٕ ۔ گوپیٖو ژھُس ہتبہٕ نیوُمُت دِلک قرار ۔

نیشارٕ ہہِتھ گوَ سہٕ زوُنہٕ راژَن

بہٕ ششینہٕ ماژیاہ گلان ونے کیاہ

تہٕ یوٚہے لولہٕ ہیوٚت شاعرِ یَیلہِ سکہِ شاٹھُن مَنزٕ دۄیہماس گُذارنہٕ خاطرٕ مجبوٗر چھُ سِدان ژٕہینی ژہینی چھُ دِوان ویژرارکہِ یار بلہٕ غوٚطہٕ شار چھُ براوان لۄنٛ وُستھ ۔ سہٕ چھُ ویتران ڈینٛچھر تہٕ باوان یزَر ۔ دپان ونُن گوَ نُنن تہٕ نیٚنِنے گوَ کتھَن نُسنن ۔ تَس چھُ خوٚف بِیمہِ کتھِ ہُشد کہ کانہہ گوڑھ نہٕ یزَر باونس بیہٹھ وہ کھہٕ پرِہتھ دِیٔن ۔ سہٕ چھُ پوٚز ونِنہٕ پیٚتہٕ مجبوٗری

ہُنٛد ایحسا۔ گوڈٕ ییتھ کرناوان۔

کَمہٕ کَنہِ مہٕ کٔریوم۔ مہ مٲرِیوٗم مےٚ وۄنِیو پوٗز

تہٕ تمہِ پتہٕ

ناگہٕ جوٗیہِ چھُ زہر تیلان ہنا کھوٚژِو

زاگہِ رویہِ چھُ قہر کھیلان ہنا کھوٚژِو

مَتہٕ سرس چھُ کوٚ ہِتھ لوٚگُت بدَن چھُم نارٕ گٔژی ژاپان

آمہٕ تاوٕ ےٚ ہَرہَر وُ لِگلان ہنا کھوٚژِو

مےٚ چھُ بیٚمہِ کَتھِ ہُنٛد ایتراف زِ کینٛژن غزلن ہٕنٛدِین شارن ہُنٛد مانےٚ ژاران زن

نہٕ رٕ وُس بہٕ یوٚتاہ سینوس ٹیٚنوم نہٕ کینٛہہ مانے یکُ بہِ بُرژرہٕ تہٕ گوبیر چھُ کَنہِ نفسیاتی ژنٛگس

مَنٛز درِنیٚٹھ یِوان تہٕ کُنہِ چھُ شاعِر فلسفی انٛدازَس مَنٛز ہُسہٕ تہٕ بہٕ تہٕ بہٕ تہٕ ہُسہٕ ویٚنٛژھنان۔

یوٚہے گوٚ باسہٕ وُن آباس۔ جیوتی ہُنٛج چھُ ولِگلِتھ ژامٕنگی زۄلاہ کران تہٕ اَژِ وِنہٕ سونتہٕ

وسہٕ دُنہِ آرکُ گرزوُن ایحساس چھُ زِندگی پھولہٕ رٲوِتھ راس منٛڈلس مَنٛز راس کھیلہٕ

ناوان۔ پرکرژ ہندی مُختلِف ژنٛگ نہٕ ویٚہہ چھِ زِندگی ہٕنٛدِین مُختلِف پڑاون ہُنٛد

ایحساس کرناوِتھ بازی گر تماشہِ اَنٛدِر واتناوان۔ وسہٕ وُن آرٕ چھُ پھولنہٕ زِندگی

ہٕنٛز علامت ہُنٛدِ کَنہِ سونتہٕ پھلیہِ ہُنٛد آباس دِوان کُنہِ گرٕ لیٛتمہٕ گرکِہ ہُنٛد کَنہِ ہردٕ

واوُک تہٕ کَنہِ ماگہِ شِشٹھنارُک۔ یہِ چھِ اَکھ غزلِہ مسلسل ییٚمیُک پرٛتھ شار کلس پیٹھ

ذہٕ ہنکِس سِکرپنٛس پیٹھ حیاتی ہُنٛد ایحساس گہراوان چھُ۔

وولر ملر ؤتھی بر بکہ آس ہے ڈراس ہے زڈلاہ کرنے بو
ویگلیوس ژانگین منز باگ ژاس ہے ڈراس ہے زڈلاہ کرنے بو
ورِ وارس رآوی ہوش تہ واس ہے آبِ رواں بیلہِ ہتھِ وو شلیاو
گرٹیشمن آرن کوٚر اَکھ واس ہے ڈراس ہے زڈلاہ کرنے بو
وُزملہِ واون یآرنکھ خاصہ ہے راس ہے آم نیتھرن منز ڈل
ڈلہ کھیٚلہ ڈھکرس منز گیٚنڈہ راس ہے ڈراس ہے زڈلاہ کرنے بو

ست چِت تہ آنندُک احساس چھُ تسندِس شعورس نوٗرِ حق پرزناوٕنچ کل گٕنہ راوان۔ مگر اَمہِ باپتھ نفسہٕ ژھلس شروٗکُ دِتھ ڈیاپچہ جوٗتی پراَن وَندٕنی تہ چھُ ضروٗری۔ وَسہٕ ڈلی گیاپہ گنگا ہیٚکہ اَکیا نکس کوٚ ٹھٔنس وجوٗد مِٹاوِتھ۔ زلیوٗ یوٚت تام نہ پٔھسُن وجوٗد کاتِ اَنِتھ تہ ہٕنبر پیہٹھ اندر اَژِتھ آتم نِگرٕس کاٗم ہیٚیہ توٚت تام نہ وُچھِ سُہ مان سرووُرُک اَنتہٕ روٚس پھہلاو تہ نہ راز ہوٗنزلی اَسمانی وُڈو۔ کیلاس پراوُن چھُ زِندگی ہنٛز ساروِے کھوتہٕ بُڈ پراوِتھ یمہٕ خاطرٕ دِیان مگن پیلہٕ آتم نِگرکہِ گرٹہٕ ہینُن یان پِتُھن نِہایت ضروٗری چھُ۔ ست چِت آنندُک آباس ژراوِتھ چھُ سِنساری سوکھن یانے میترِ موٗلی دِیس پنٕنہ نِیتھہ راوان۔ یال کٔرِتھ چھُ سُنہٕ وُہمن کتھن سنان تہ احساسہِ حقیقٕ ژینہٕ وُنی دِوان لیکھان۔

رنگ ہا چھ پرانا یامہٕ گژھان ہرنے منٛز ذرٕ نیشٹھ

توٚر ژھانٛٹہٕ شوٚدعور وژھہ نہٕ چھکے دِہر چھُ ویٚہہ کھوٚوان

ژہتھ اوس اوٚت تام برمان چوٚان دِہر چھِ بیے شہر

تمی پاٚنٕ پانس لاچہ ذرٕکے دِہر چھُ ویٚہہ کھوٚوان

نیتھ کوٚت کالا روزِ ہیٚوان شوٚق جنوٗنس

یسٕتھ ژوہتھ چھُ آنٛند شوق پھرکے دِہر چھُ ویٚہہ کھوٚوان

یال کرِ تھنین بیشتر غزلن منٛز چھہ شدید ایحاسہٕ غم ۔ شاید ہیٚکہ یہ ہم کال وقتکی بے پژھ ورتاوک اثر آسِتھ یا تہند ین بیہہ نین کُڈر تجربن ہنٛزِ شیت، ہُنٛد پیرِ نام [ نتیجہٕ ] ۔ دُچھوے تہٕ اِنسان چھُ از پژھ آنہٕ ہتھی ژنڈ کھیتھ پاٚنٕ پانس منٛز شروٚکان آمت ۔ وجوٗد چھُ گریٚن تہٕ ژیہن نابیہ ۔ آدم ماز چھُ شرٕگہٕ مولہٕ دُسی یاب ۔ سوٚلبہٕ سوٚلبہٕ ژو پاٚرِ ۔ بقولِ عبدالاحد آزاد ۔

اگر یمن آسہٕ ہی نہٕ تھوٗہتر امیدِ جنٛت نہٕ خوفِ دوزخ

چھُنے بہٕ دعویٰ کرِتھ وَنان از ژِہے سجدٕ کرہٕ ہی نہٕ اکھ جوانا

کلیاتِ آزاد ۔ صفہ نمبر ۲۶۷

بقولِ مہجور

اِنسان چوٚان ترلیشہٕ کنہٕ اِنسان سُنٛدے توٗن

اِنسانیت کُنہٕ روٗز نو اِنسان کمٕن منٛز

اِنسانٕی قدرن ہنٛز بیرُٹی ناوِ ہُنٛد چیرُن دوٚل ڈینٛٹھہٕ چھُ شاعر موٚیوس سپدِتھ

پتہٕ بِس بےٚ پژھ کھٕنڈِی پھٕٹی وچھوٗدس پیٹھ زخم زد ہرٗدیک ڈہِی تہٕ واے یِتھ باوان

واوٕ طُفان آو کھٹونچن گیٖشدِنَم - ۱ - ۱۹۶
لبکھ نہٕ راٗدمتی وَرق تہٕ اَچھر باکھ ژھٕٹن - ۲ - ۱۹۷
مَران چھ زُوی زٕوی تہٕ پرٕز چھُ پھالشہِ کوٗلِس اَلوٗند - ۳ - ۲۱۴
چھ ہوٗنٛ شہرکی ساٗری رجم گمٕتی بیٖیتہٕ پھٕے - ۴ - ۲۱۳
چھ آدمی رَتھ پِوان تہٕ اُڈی جبہِ ٹکان باسان
کُنھٕن مَنز گاشہِ لیسہِ تامتھ چھ ژیٖتان وَچھ ۔ خوٗدایا رَچھ ! - ۵ - ۲۰۷
لبوٚ مَنز خوٗن پیٖڈان ناہیہ ناوان گژھَ ۔ خوٗدایا رَچھ !

چھوان چھ پوشہِ پھٕلےٚ ژہتہٕ چِہ وارِ مَنز چھ نژان سَریتھ - ۶ - ۱۹۸
زلوان چھُ موت دَپان ژٕھس مَرکھ تہٕ اَچھر باکھ ژھٕٹَن

پتھمِہ اَز کالُک کالہٕ قہر شاعِیراوان چھُ یمو نِہایت سنجیدگی سان تواریخکِس لتہٕ موٗنجِہ کرنہٕ آمتِس پرزرَس زِنٛدہٕ زُوج مائےٚ تہٕ سامریتھُک آے بخشمُت ۔ یِیمہٕ غزلہِ چھ مِیانہِ سوٚچہِ مطابق تواریخچ حقیقتھ باوَن والی تِم گواہ یِم نہٕ جبار خانہٕ وقتہٕ زِنٛدٕ آسی تہٕ نہٕ سکندرنہِ وقتہٕ ۔ یِم نہٕ چھ سپاٹ بیان باٗزی نہٕ وَچھِ ژیٖتھ ۔ یِم چھ اِنسانی ذہین بیدار گرِتھ ہنا سوٚچنہٕ خاطرٕ مجبوٗر کران ۔ یِہنٛز گرت چھ شاعِیرانہٕ ۔ پُروقار

تہٕ قابلِ داد ۔ کینٛہہ نموٗنہٕ چھِ وُچھنہٕ لایق تہٕ کیتھن مانےٚ زارُن چھُ تہٕنٛزٕ کام ۔

۲۰۴ - ۱ - پیٚنیہٕ ہشنگتہٕ شگے راتھ پیٚھٹھی نابوٗد ڈہل گو ۔
ووٚنی تو تہٕ اُتی آس ڈیرتھ اٚسی ڈلی غاب ۔
بُتھہِ عارٕ ہتوٗ نیٚندرٕ اُچھو شُپ تہٕ یُیٚس تھوٗو
وُٹھ کھوٚژی وُچھکھ یام یوان یزنہٕ پیٚھٹھی سہلاب

۲۰۸-۲۰۷ - ۲ - ژنٛدن کلہِ وَن سَرِپھ کاٹیاہ ژرے اٚسی نالہٕ مٔتی کٔرۍ کٔرۍ
یِم اٚشیا ساس ہتھ شتھ یارتم اٚشیا لچھ خوٗدایا رچھ !۔

۲۱۵ - ۳ - ہیٚمِس سَرِپھس چھُ پکنک آے میے کُن
اٚمِس یِنہٕ بُتھہِ یِیو تس بلے ڈسن چھس

۲۱۶ - ۴ - ۱ وَنہٕ نا بِتھ ڈھی بوٗنہٕ کنہِ گیبہِ اَڈٕ ژٹ آدمی ذاتھ
دِگہٕ دِرٕ کاوو ووٚنی گژھنہٕ میے تکہِ تکہِ سوٗ مبرنی نار

وَتے چھہ راوِ منزٕ تہٕ تکھ چھہ پکان باسان
۲۱۳ - ۵ سوٗ دُر چھُ چھوٚر ژٹان تہٕ دزان مکانہ ماسان
چھُ ہیوٗنی شہرکی ساری جمع گمیتی یِیتہٕ چھے
چھُ آدمی رتھ بچوان تہٕ اُڈی جہِ لگان ماسان ۔

کِتابہٕ ہِنٛدِس ترٛیمِس بآگس مَنٛز چھُ کُلس پیٹھ ۲۸ ژٕ پدٕے۔ پرٕتھ کانٛہہ ژٕ پوٗد چھُ پآنٛی پانس مَنٛز مکمل۔ موضوع ژِنٛگی اکھ اکِس نِش بیٚون۔ اکھ مکمل سنہٕ وُنی تصویر برٛونہہ کُن انان۔ یِمن ژٕ پدن مَنٛز چھُ شبدٕ ورتاو تہٕ مُرزٕ گرٕزٕچ فنی مہارت طیس پیٹھ نِرٕ نیٚپھٕ لیوان۔ وُچھتو اکِس ژٕ پدِس مَنٛز کیٚتھ چھُ شآیر مشینی یُگچ سیٚکلِ زِنٛدگی ہِنٛز دَم پھُٹی کیفیت شآیراوان۔

سو چھے شکلِ شمع مے چھُ یتھٕ نپرٕ روے
گرٕ کس یتھ گتھ سو چھے دَم پھُٹی ہے
یِیٚمہٕ سمیپِچ ٹھمبر زلِہ چھُنہٕ راہ
یِیٚمہٕ سمیکٕ بو نشرٕ دَم پھُٹی ہے۔

باوتھ چھُ کُنہِ کُنہِ طنٛزیہٕ اَنٛتھ اَنٛدرٕ اَنٛدرٕ ویہہ ترٛاٹ تہٕ ٹھٹھوہنہٕ کِہ لیٚنچھُک ایحساس کرناوان۔ طنٛز چھُ ہروِزِ بامانے تہٕ بامقصد آسان۔ کُنہِ چھُ اکھ مزاج پرٛیہ وُن بناوان۔ تہٕ کُنہِ چھُ یہِ ذہنس اَنٛدرٕ ژٕ ٹان وسان۔ وُچھتو یہِ ژٕ پوٗد۔

اُگنیآنی گیان بآگران، آپران چھُ زہرٕ موکھٹھ
پرکٹ کران چھُ باویام۔ تام تس ازان چھے نٕھ
چھے میٹھ زلوٗ تمس کتھن اَنٛدرِ چھُ ٹھٹھوہنک ٹیٚنچھرٕ
یہِ کس ونان چھُ مایہِ ہوت انہرٕ تمس شہ نپلہٕ وٹھ

اَکِس ژٕ پدِس مَنٛز چھُ اُدھیاتم سوچیچ تیٚہہ رنگ ژھٹان۔ باسان چھُ کہ کُس تام

سوترد ھار چھُ پیلامگن تہٕ اَسی چھِ خاَلِص رٕنگ منیچک کرِدار سپھاہ ژھوٹہٕ قدکرِ ہَنہٕ ہَنہٕ چھُ ہنہٕ آسنُک ایحساس مشان ۔ زان پرٛاوِنی گو چشمن گاش ۔ یہِ چھےٚ اکھ متواتر کوٚشِش یانے سادھنا ۔ ایحساس چھِ رزِ چھُ ہیوٚر ہیوٚر کھسُن تہٕ کیلاسس تام واتُن ۔

۲۲۰ ۔

پکان پکان ٹھکُن ژوٚلمُ
پوٚکُس نتےَ تھوٚکُس تیوٗت
تیوٗتاہ کوٚتمُ ییتھ واتاہ ووٚلمُ
یپتو لاکن یوٗتےُ پتیوٗنت

"ووداَسی شہر راتہٕ موٗغل" چھُ یُتہ مین پتلاہن وٗری ین ہُنٛد تباہ کُن واقعاتَن تہٕ حادثاتَن ہُنٛد نہ زخم زدہ ایحساس ۔ زانہِ پےٚ لیس ویتٕرن ییتھ یہ نہ چھُ جذباتی کرٕکہ ناد تہٕ لبےٚ پھرک وَدُن ۔ جناب یہِ چھُ یتھا رکھ تیوٗتھ زہر ہیوٚ لیس ہٹہِ واَلی واَلی اسہِ ترٹہِ یان آلوٗ ۔ ماَس تہٕ گو برس کرِ کُنی ژہتا ۔ ہُتہِ تہٕ لوٗشہ چھُپہ بیک وقت ٹینگرِ ۔ وتہٕ گیِہ رتہٕ داَدی تہٕ وَدَن کرٕیکھ آیہ بالو پیٹھ پوٚت آلو دِوان ۔

۲۲۴

یارہ بلن دِوے تہٕ سوٚنتھ دامہ پوٚان چھُ زہرِ ہلال
کامہ دوٚس چھِ پھرِ پھران ووداَسی شہر راتہٕ موٗغل
جانہِ منس چھُ دھس پیٹھے چانہ اَتھک سیاہ گوُلاب
رویہ چمن چھِ بوہرِ بَران ووداَسی شہر راتہٕ موٗغل

وُچھتو اَکھ میوٗکھ، زٕمیٖل، شہُل احساس یِہ ہیٚکہِ جانانہٕ سُنٛدٕنہٕ آسنہٕ تہٕ لوکٕٹ تہٕ بونہِ شہجار۔ نیٖلہٕ ناگ تہٕ ژٕرلیٖنہِ ہمن نہٕ گوٚلآبِ ووشلُن چھُ ژٕ پٔدِس اَکِس مخصوص ماحولس میٚتۍ وابستہٕ کران تہٕ جانانہٕ بغٲر کل گٔژھنہِ راوان۔

بال کرشن چھُ بیٚنۍ کرِشنہٕ پٔرکرتہٕ نٔنۍ گُڈِتھ زَن تہٕ گوٚبیٖن ووٚٹرِ اَنان تہٕ رادھائہِ دِلک قرار ژھیٚنہِ لٔوان۔ ہے مَتہٕ وُنتوس سَنیاسی کتھن راوِ ہٕنگہ مٔنگہ مانے تہٕ وچھن ہرِ دُبہٕ راے۔ سُہ چھُ اُچھو جوان نہٕ چاوٕ ناوان دُبہٕ وُن نار لولہِ للہٕ وان تہٕ جانانس سالہ اَنِتھ پیٛالہ برداری کران۔

۲۲۵ - چون مس لوٗتاہ شُہُل قلبٕ زلیوٗکھ زن بوٗنیاہ شہج
ژرلیٖنہِ ہیٚنۍ چانٛز اَکھ اَکھ اُچھ چھِ اَکھ اَکھ نیٖلہٕ ناگ
کیٛاہ صَبر گوٚ تاب کیٛاہ گوٚ، تشنہٕ لَب چانٛز خواب
ژھتھِ لبن چانین چھُ ووشلُن ووشلنے ژھیٚنہٕ یتھ گوٚلاب

بال کرشنن ژٕ پٔد زَن چھِ گماگرِ منٛز ساگر ویٚپرِتھ ہنا کیٚتھ تلِتھ سَنہٕ وُن واریاہ کیٛنہہ ونان۔ قطرس ٹُھدرک بحر بخشان۔ یِتھٕ پٲٹھۍ چھِ یہِ کتھ واضح سپدان کہ بال کرشن سَنیاسی پٔنٛز شریٚہہ تہٕ دیٚہہ چھِ جدید کاشرِ شاعری منٛز اَکھ موٗل اِضافہٕ۔ یِہ چھِ تہٕنٛز وۄری یِہ وادن ہٕنٛز اَرزتھ یِمو چھُ بیٚنُن بتہٕ کال تہٕ اَز کال نظرِ تَل اَنِتھ یتھارتھ سگومت۔ یتھارتھ یُس ہنا زیادے ٹیوٗکھ زہر چھُ۔ یتھارتھ یِم تہٕنٛدِس سوچ فکرس اَکھ دِشا چھِ دِنہٕ۔ یتھارتھ یُس پرہلاد حوصلہ دِتھ تس نارہ موٗہل نالہ متہٕ رٔٹنِھ کل چھُ کڈان۔

یتھارتھ یُس تَس وِہنہ دیتریخ سکت چھُ دِوان ۔ سُہ چھُ لیقیناً عشقس لول بران ۔ مالہ کران، پوشہِ بران ۔ ڈگ للہ وان ۔ مگر یہ وِہنہ تَس رومانی وُلسشاوُن ہُند شاعر ۔ یوٚدوے رومانی لجس منز یتھ اسمانی وُڈو کرنس منز سُہ یتھ چھُپہ روزان ۔ تہندِ ذِہن چھُ کموٗ تام ولتو ژھانڈ دِوان ۔ تجربہ پیٹھی باوژ تام وُلی دِوان روزان ۔ بال کرشن چھُ اکھ حساس پوٚرمت لیوکھمت شاعر ۔ تمام اَدبی ہنجن ہُند واقف کار ۔ تِمن چھِ جدید ہندی اَدبچ تہ سنہ زان ۔ عالمن تہ دانشورن ہنزن مجلسن منز چھُ دوہان بیہان ۔ وناں کم تہ بوزان زیادٕ ۔

کاشر شاعری منز چھُ بال کرشن اُزی کین بڈھی جیوی Intellectual اشاعرن ہنزِ صفہ منز بروٚنہہ بروٚنہہ ۔ یہ چھُ پزر کہ اُزکی کینہہ نَوی شاعر چھِ بازے نوہ بروٚرتاوان ورتاوان پالنس تامے محدوٗد روزان ۔ یانے سُہ کیاہ چھُ وناں خالص زانہ دے تہ کیاز نوہ بروٚرتاوان چھُ تَس پالنس تہ زان آسان رأومُت ۔ ممکن چھُ یہ آسہ تمہ ماحولک اثر یا انجام یتھ منز سُہ روزنہ خاطرہ مجبور چھُ سپدان ۔ مثلن یُر تو دِسھا پنچ ڈگ یس نہ یہ ڈگ للہ وُلی پیٹھ لَس کیاہ ولنو دِسھاپن کیاہ گو ۔

بال کرشن تہ چھُ واریاہن جاین منے ہیوس سیدس تہ بودس موٚرکھ بوز اَدبکس طالب علمس وُلی دیاو ناوان ۔ شاید چھُپہ منے تِمن کتھن ہنز واقفیتھ یمن سُہ پننس مخصوص اندازس منز شاعراوان چھُ مگر کمی چھُ منے منز ۔ یِمن واکیس منز شاعرس منز نہ کینہہ ۔

یہِ تہِ چھُ اکھ وجہ کہ جدیدٕ اَدبَس چھِ پیمژ پرٛن والین ہنٛز ویژھے ۔ یہِ چھُ حرف کِتابی مأنِس منٛز نوٚن نیران تہٕ مأنِس تام چھے محدوٗد روزان ۔ اَمی تہِ چھُ بال کرشُن لولہِ للہِ واتِ لول تاکہِ سکلس پھیرِ تراوتھ ۔ پننِس سکلس کُنہ یِرٛن وأتی ہٕشدِس سکلس اَکھوا دوہ شونٛلی ہٕشدِس سکلس تہِ زانٛن چھِ تِہنٛز کام ۔

مارچ ۲۰۰۴ عیسوی ۔

[مکھن لال پنڈِتا]

# 'گِرداب' افسانہٕ سوٚمبرن۔

## اکھ تنقیدی جائزٕ۔

کأشرِ اَفسانہٕ کِس تواریخس منٛز چھےٚ شری مکھن لال پنڈتا صٲبنٕ دویم اَفسانہٕ سوٚمبرن "گِرداب" چھاپہٕ ییتھ مُشکہٕ بُدٕچ ہیٚنٛدِ بتہٕ تھاپلہٕ مُشکہِ اَدفر ژوہ یٲرِ ژھٹان نتہٕ اَدب شناس شوقہٕ والین ہُنٛد توجہ پانَس کُن پھِروان۔ نستعلیق رَسمِ خطس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ یہِ کِتاب چھےٚ ناگراد اَدبی سنگم جوٚم ڈُسی دِلہِ ہیٚنٛدِس جے کے آفسیٹ چھاپ خانَس پیٚٹھ چھاپ سپدٕمٕژ۔ صفحہٕ چھِس ۱۶۱ تہٕ قیمتھ چھُس کھیے روپیہ ہتھ ڈوہ ڈا۔ پنڈِتا صٲبنٕ چھُ یہِ مجموعہ ییٚنہٕ نہٕ سورگہٕ واسِنی ماجہ سوٚمادتی ہیٚنٛدِ ناوٕ اَرپن کوٚرمُت۔ ماجہ کشیرِ ہیٚنٛدِس پوٚت منظرس پیٚٹھ ماجہ زِہوِ ڈُسی لیپھمٕژ کِتاب ییٚلہِ ماجہ ہیٚنٛدِ ناوٕ اَرپن سپدے یہِ زانُن گژھہِ اُنٛدرِمِس ڈٲرانَس منٛز چھُ وُنہِ کیتہِ تام اُہرِبَل چہ پاں ژادرِ ہٕنٛز پوٚت گرزہنا سوٚت گیٚشگرانؔ۔

'گرداب' گو آوُلُن ۔ یہِ چھُ فارسی زبانٕکۍ ہُنٛد لفظ ۔ کرایہ مکانَس رٔنگ روٗغن کرنَس مَنٛز چھُ پنڈِتا صاب پیش پیش ۔ کرتام دِتزاو مجبور صابن اسہِ یہِ حِس مگر ہتہٕ بدبن ڈرین ہِہٕنٛزِ غولامی ہُنٛد اثر ماگرٕھِ یکدم ختم ۔ گردابَس پھسُن گو ہیٚنہٕ یُن ۔ فکرن تہٕ دولابن منٛز گِرفتار گژھُن ۔ یِہٕنٛز گوڈٕنچ سوٚمبرنہٕ چھُ ناو قرنہٕ پھیٚر ۔ گو صدیَن ہِنٛز فرق یا زمانک پھیٚر ۔ تہٕ قرنہٕ لفظ چھُ عربی زبانٕکۍ ہُنٛد لفظ مانے چھُس یوگ ۔ یہِ بوٗزنہٕ لَو' یا ہہ پلوس تَلہٕ چھاوے ۔

یِتھ اَفسانہٕ سوٚمبرنہِ چھُ پیش کلام وادی ہٕنٛدۍ مشہور عالِم تہٕ زبان دان جناب محمد یوسف ٹینگ صابن لیوٚکھمُت ۔ لِکھارین کاژاہ چھِ ٹینگ صاب حوصلہ افزائی کران روٗدمٕتۍ مٕنے چھِ امیک ذاتی تجربہٕ ۔ ٹینگ صابَس لِش چھُ واریاہ ہیٚچھُن، زانُن تہٕ تلیتھ نیٚنُن ۔ بقولِ پنڈِتا صاب تِہٕنٛدِ قلمیچ روانی تہٕ جادوٗ بیانی مَنٛز چھے زِنٛدگی گتہٕ رُہنی ہٕنٛدۍ ہیوی گتھ کران ۔ کاش یہِ آسہِ ہے ثنگنک چیز بہ تَلہٕ ماپہٕ یمِن تھپہٕ "(عرضداشت گِرداب صفہ ۶) ٹینگ صابنۍ پیش کلام سیٚتۍ چھُ کتابہِ بوٗش کھوٚتمُت مشکہ بُرچہِ ہٕنٛدِس بتہٕ تھالَس پیٚنُھ کنہِ کوٗنگہِ تِہج ۔

یِتھ سوٚمبرنہِ منٛز چھِ پنڈِتا صابنۍ پیٚداہ[15] افسانہٕ شامِل ۔ پیٚدا ہوٚوے افسانہٕ چھِ آنچلیک اَفسانہٕ یانے اَکِس مخصوص ماحولَس سیٚتۍ وابستہٕ تہٕ یِمِس اَمہِ ماحولیچ پیٚشر زبر زان آسہِ تیلتھ ہیٚکہِ شہ اَفسانہٕ پٔرِتھ، امہِ کِس موضوع تہٕ اَندازِ بیان سیٚتۍ متاثر سپدِتھ ۔ پنڈِتا صاب چھِ از کل جیٚنمہِ روزان ۔ یہِ چھُ ٹھی مگر مٕنے چھُ یقین زِ پنڈِتا

مأینٛ دِل و دِماغ تہٕ روح چھُ انہٕ تہٕ شۆپیٚینی علاقس منٛز اکِس آزاد پرِنٛدہٕ ہٕشدر پأٹھی وُچھہٕ تلِیتھ طرفاتن پھیران تہٕ پینٛنہٕ میٚتر مُسلسل ماہ تہٕ میٹھی کران ۔ جسمأنی طور چھُ بیٚیتہٕ نہٕ سوچ فِکرکِ انداز چھُ مادہٕ ہٕنٛزِ عظمژ لول برأن۔ کُنہِ ناکہٕ وارِ ژۄر دِوان ، کُنہِ کھاہ راوٕٹ کران ، کُنہِ آب ثیاے اُشنراوان تہٕ کُنہِ یِنہٕ واُلِس سِہتی شۆبہِ دار سالرٕ بُنِتھ نیامژن مزہ تلان ۔ سُہ چھُنہ کُنہِ تہٕ صورژ منٛز پنٛنہٕ پتھ کال مُشرِتھ ہیکان ۔ آخر یہ چھُ سامہٕ بدٕنٛ وُری ہٕنٛز ہُشلہٕ سمبٔدھ ۔ اَتہِ چیٚلہِ نہٕ دِتھیہ تہٕ نہٕ دستار۔ سُہ چھُ ازکل وہستا پینٛہ ڈگ لولہِ للہٕ وان تہٕ افسانٕو ڈسی تتھ زِلو دِوان ۔ تِتھہ دار سوچ نکرک مختلف رٕنگ ، وجۆدک مختلف اَنہار تہٕ اِنسأنی پژکرژ ہٕنٛز نانا رٕپ چھُ پرن واُلِس لیٚہِ تہٕ انان تہٕ حیسہٕ تہٕ پھِروان

پنڈِتا مأینٛ چھُ یِمن پنڈاہن اَفسانن منٛز زِندگی ہُنٛدہ بیٚھارٕتھ (پرزر) چاہے سُہ ٹیٚوٹھ چھُ یا موٗدُر ، کٔڈر چھُ یا پرٕژیہ وُن ، قأبِل برداشت چھُ یا ناقأبِلِ برداشت مُرژہٕ گرٕ ہٕشدی پأٹھی زبأنی ہٕنٛزِ کمأدِ مژرِ میٚتر سِہتی مُرژہٕ دمت ۔

دیان بوٗے چھُ بأیِس لُیشِ پناہ بوٗے چھُ بأیِس دُشمناہ ۔ یہ پۄن تہٕ میٚون یِیلہِ اسہِ مایا زالس منٛز ولان چھُ اُچھن چھُ گرٕھان پچہ پھیرٕ ۔ موہ چھُ کڈان کلہ تہٕ ترشنا چھُ والان وُنہٕ ۔ بیٚتری حسد چھُ کیٚنٛہہ تہٕ لِوان کرنہٕ ۔ انسأنی فِطرتکہِ امہِ کھُرِ گنڈِچ بادتھ چھُ سپدان ۔ "ڈوٗنی کُل" کہأنی منٛز ۔ وُنی تو مہیٚشر ناتھ تہٕ رام ژُندر آسی بٔیہ بأرِنٛ ۔ لوکٕٹِس بأیِس رام ژُندرس سپُد کھانٛدر ۔ مأے موحبتس لۆگ منٛز باگ بیوٗ ۔

بێیون ژراے نہٕ عداوتھ ہێنوتٕن دوہ کھوتہٕ دوہہ بڈٕن ۔ رژن تہٕ ترَن پیٹھ ہێتٕرن ٹکہٕ ٹکہٕ پیدٕ ۔ تہنزن لآج ڈوٗلہٕ ماو، رامچندرس روو دِلک قرار ۔ بٹواری آو اَنہٕ تہٕ جریب آیہِ لاگنہٕ ۔ تہنزٕن ڈوٗلہٕ کلٕ وراو آخرس رام ژٕندرٕنس حصَس مَنز ۔ تہنزن مانہِ نہٕ زٕ کینہہ ۔ دینہ کاکنس ڈلیس پیٹھ رنیٚو راتھ کیٚت رام ژٕندرَن ڈوٗلہٕ کلٕ مۆلہ گٕڈِتھ ۔ کھیل ختم ۔ کھوڑٕ پرٕوٕن تہٕ شۆنگ ۔ از پٔتیس گوٚب نشٕدر کہانی چھ اَتھی پیٹھ اندٕ واتان ۔

وُچھ تو یٔہے بارٕ کِتھ کھینیہ عداوتَن تہٕ کدوٗرتن ۔ پنٕنڈ پرَن بٔ گران منز چھوکھ پنٕنٕ وجوٗد ، ییٚنہٕ ینٕن پرکھن ہنٛد ناو ییٚھرٕ نہٕ بدلہٕ کوٗرٕکھ ربہٕ بزری ۔

اَفسانہٕ نگار چھُ دراصل ییتھ کنہٕ ہاوتھ یژھان کرٕنۍ کہ سأنس سماجی معاشرَس منز چھُنہٕ کہیں ناممکن ۔ کُنہٕ نہٕ وقتہٕ ہیکہِ کینہہ تہِ سپدِتھ ۔ اُچھن پچہٕ پھیٚر گژھنَس چھنہٕ تأر لگان ۔ صابنہِ چارِٹہِ یا نٲلان چیپنہِ پیٹھ چھُ بہوٗرٕ بایہِ ہنٛد کَن زیٖٹھان ۔ کتہٕ تام چھُ سأنس سماجی معاشرس منز یا اِنسأنی سوچس منز کیٛاہ تام کمی ۔ کُس تاں کھوچرٕ لیس ہنگہٕ منگہٕ دینہٕ ڈٕلیس گژھتہٕ پھیوٗر نٕنہِ پھش چھُ آنان ۔ معاشرٕچہِ اَتھ کمزوری ہنٛبر کڈان چھُ افسانہٕ نگار مجازی زٕندگی ہنٛدِس یانیو یانیو سوچس ڈوہ کرِتھ ژٕنڈٕ کڈان ۔ ییٚمہِ کاروباری زندگی ہنٛد بور وہتران وہتران چھُ اَسہِ مٔرن مٔشتھ گژھان ۔ سوال چھُ یہِ لُر جاے ۔ گر گرویٹ آسٕن بسٕن یہ چھاپٕزری یا کھٹی سون ۔ یہِ چھُنہٕ کانہہ سونچان ۔ اَتھ پیٹھ سوچ کرنک مطلب گوٚ نہٕ Pessimist یا نے

ہنزٕ اشاو آدی آسُن ۔

درمیانٕ درجہِ کِنہِ کاشرِ بٹن ہِندِس سماجی پوٚت منظرس پیٹھ چھُ "کھانٛدرٕ" عنوانہٕ کہانی لیکھنہٕ آمٕژ ۔ یوٚت تام چونی لال بی ۔ ایس ۔ سی پاس کٔرِتھ تہٕ بےکار اوس توٚت تام چھُنہٕ کانٛہہ تہِ کورِ وول تس کوٗرٕ دِنس ذہنی طورٕ تیار سپدان ۔ یہِ چھُ بلکُل صحی سوچ ۔ چونی لال ینہِ ماجہ اوس بروٗنٛہہ کُنٛہہ اِنتقال سپدیومُت تہٕ تسنٛد مول شام لال اوس یرِتھان نوٚشہِ یاوا گرٕ انہنی یتھ زَن چایہِ کھوس بنِہے ژرِس پیٹھ ۔ نوکری نہٕ آسنہٕ علاوٕ تہِ آس تس وار یاہ ھوٚنٛڈ پوان ۔ بقولِ پنڈتا صاب ۔ "کُنی ہٕٹ چھے نہٕ دالس تہٕ دزان ۔ یہ گوٚ مہرا اوس منٛز کُل زوٗن ۔"

افسانہٕ سوٚمبرن پرِتھ یِم کینٛہہ اہم نقطہٕ میانِس ذِہنس منٛز آے تِم چھِ یتھ کنۍ ۔

۱ ۔ افسانہٕ نگار چھُ پننِس سماجی ماحولس سٟتۍ سیدِ سیوٚد وابستہ ۔ لوکہٕ مُتس نکھہ روٗزِتھ چھُس دراصل تِمن کِردارن نکھہٕ یوان یِہنٛد لس لبُن تہٕ لوکہٕ دلہٕ بارتس منٛز گرٕ کُل چھُ کڈان ۔ یِمن کِردارن سٟتۍ وابستہ ژھوٚٹ زیٹھ کھٕری لد تہٕ بییپیدہ ، نُو تہٕ پرانۍ مسلہ چھُ تِہنٛدِین افسانن آکار بخشان ۔ گو افسانہٕ نگار چھُنہٕ اسمانٕ وُڈوٗ کران بلکہِ یتھی زمینہِ پیٹھ کھڑا روٗزِتھ یتھۍ میترِ بوٚنہٕ دِوان ۔

۲ ۔ یِموٚ چھِ اٰنچلِک افسانہٕ لیکھنس منٛز یِمن بینُن اکھ مخصوص انداز بیان چھُ ۔ یِم چھِ سایِنس بنس بنسَ ، زِہنس مرنس ، کھنس چینس ، دوہس ہینس ، کھانٛدرس تہٕ کھنٛدرن دٔدِس تہٕ دگہٕ ، اسنس تہٕ گنٛدنس ، ولوہارس تہٕ ورتاوس سٟتۍ سیدِ سیوٚد وابستہ ۔

۴ - سماجی زِندگی ہِنٛدی نانازنگ چھِ یِمن افسانن مَنٛز درشہلٹھ یِوان ۔ مثلن

i - اَکِس گرس مَنٛز چھِ بٲے باپٔتھ گراہ مینان ۔ [ڈوٗنی کُل]

ii - کٲژ تہٕ بِنان دُردالی اگر ناکٲلی آسہِس سوٗ بہٕ ہنٛز نالی یار ۔ [کھانٛدر]

iii - پرِمسن تہٕ کالہٕ قہر ۔ اَنٛدرٕ طوفان تہٕ بڑو بہٕ گٔنہٕ مٲصوم شُرِ ۔ [کال]

iv - کلہٕ دود ۔ پیرٕ جود ۔ چھپرٕ ڈِیگ تہٕ واہ واہ ۔ جہالت ۔ ناواقفیت ۔ انٛدوِ تواس تہٕ قہرِ خدا ے ۔ [کلہٕ دود]

v - پلوٗن دوٗ ثمت مےٚ گُری زِ تاہ بہٕ کرتھ شاہ ۔ شٕپسین تہٕ ٹیٹری لیسن ۔ زیبہِ ہُنٛد طمع تہٕ عشقنی مجبوری [ٹیری لیسن]

vi - عاشق زماں ناتھ جی ۔ عشقہٕ بیمار اللہ وان وٕوت لو کہٕ چار کِس تزاپٔتھ باجس رام جییس نِش تہٕ وُچھن پٔرزلو نہٕ اَچھ ۔ شوٗبہِ دارِس تہٕ ہیوٗت ہشِ لسَ ۔ وُچھس پیٹھ لکھچُن ۔ اَما زِندگی مَنٛز چھا یتہٕ مُمکن ۔ [گرداب]

یِتھ کُنہٕ چھُ سوٗن لسُن لسن اَسُن نہٕ آسُن مائے مو جیاتھ ۔ یُن گرتھن ہیوٗت دِتیت غرض سماجی زِندگی ہُنٛد پرتھ ژھیوٗہ یمِن افسانن زِندگی ہُنٛد حُسن بخشان ۔ پنٛڈتا صٲب چھِ اوندپکھیک ٹیوٹھ مودُر ژالان تہٕ شاہہٕ ہیوان ۔ سُہ چھُ تیلہٕ رسٕ تِس تہٕ نوٚنہٕ سینس ناکس تہٕ بتس لوٗر تس کیاہ کرُن ضیافتَن ۔

۵ - کٔشیر تراونہٕ پتہٕ اَکِس بےٚکس کاشرس پہٕ کیٖنٛژھاہ ژالُن پیوٚو تہٕ یہِ کیٖنٛژھاہ سُہ از وہٕ ہتران چھُ تمیک ییٚلہِ سینود اثر چھُ افسانہٕ نگارس پیاٹھ پیوٚمت تہٕ کیاژِ سہٕ

چھُ پانہٕ یِم نارٕ گٔژ ژاپان رٕوِ رُت۔ لِہاظا اَتھ طوٗفانَس تہٕ وادٕ بالہٕ مَنٛز ہینہٕ یِتھ
پھِرِ شہ ہِنٛز بیتٲرِتھ ہمہٕ ییمہٕ درآے سورٕ ٹینٛچھ یِتھ کہانی یوٗ ڈسی پیش کران۔
ہِلی ٹینٛسی ہُنٛد آغاز تہٕ دَم پھٔٹ ماحول، لرزہ جان، ژھوپہٕ دَم تہٕ ژلہٕ لار ہُتھ
کھٔٹیتھ بالہٕ یار، کاتیاہ ہو جانالوٗ وچھہٕ اُچھ تہٕ ژرٲوکھ لر۔ سونہٕ تہٕ بَرونٛھٹھے آوِ یرٕد
تہٕ ہردٕ برونٛھٹھ ژاو زُژرٕ (ہوٗژن)

اَژرٲنی کہانی پرِتھ ژٲرِ کو میاہِنز کتھن مانہٕ۔

ہیتالہٕ ییتھ گرِ تانی کہانی تہٕ چھہ اَتھ دزٕوِنس ماحولس سٟتۍ وابستہٕ۔ ہُمہٕ ییٚتھک
لِہاظہٕ رٕوِ۔ اِنسانیت پٔنٛز لتہٕ موٗنجہٕ۔ واپسی" "کتھ چھے روزان" تہٕ "ٹاولی"
ترشوٗے کہانی چھہ مائگرنٹ ہِنٛز مجبوٗر زِندگی ہِنٛدی کینٛہہ اہم پہلوٗ گاشہٕ راوان۔

۵۔ اَکھ جانوٗر کہانی ہُنٛد کردار بناوِتھ تس زٕیو دِنی تہٕ اِنسٲنی شکلہِ ہِنٛدِس
حیوان ہِنٛز حیوٲنی ییٚژر ییتھ گہرائی سان ویژرار کرُن چھُ تکنیکہٕ کہٕ اعتبارٕ اَکھ زَبَر
پرِیوگ بنان۔ بنیہٕ تنتری سٹایلس ییتھ لیکھنہٕ آمژ اَتھ کہانی مَنٛز چھُ داند
وٕٹکرِ انسان ہِنٛز دزِندگی ہِنٛز حقیقت ہکھرس باوان۔ بقولِ پنڈِتا صاحب داندٕ لال
چھُ منوٗشس ہِنٛز اصلی ہُتھار ہُنٛز کڈان۔ کھاین بٔرکھ کھیاتھ گوٗسہ حِساس جانوٗر
زِندگی ہِنٛدِ سرورِ نِش محروم تہٕ اچانک بنیاو مشینہٕ ہُنٛد اَکھ پرزٕ۔ دراصل چھُ
اِنسان جانوٗر تہٕ جانوٗر اِنسان۔ بیرٕنی صوٗرت نہٕ کینٛہہ اُندرٕونی سیرت
چھے اہم۔ اَز چھہ اَسہ زٕن تہٕ مُشہٕ گوٗمت کہ شنکر سُنٛد واہن چھُ بٔرشَھ

تہٕ زٕگت اَمہا چھہ سہس پیٹھ سوار بتہٕ شاردا چھہ ہنسا روٗڈ ۔ یِم بزرگ ژٕ ہٕنٛزٕ اِنسٲنی زاژ پیٹھ چھہ یہِ کہانی اکھ چوٹ ، اکھ طنٕز ، ڈوٗکری ژٕنڈی ، موکھ پٔرتھ ۔

۶ ۔ پنڈِتا ماٲبن چھُہ میانہِ واُتشہِ ہنٛد خیال کُرِتھ اکھ اَفسانہٕ عمر رسیدہٕ لوکن ہٕنٛزِ زِندگی پیٹھ لیوکھمُت ۔ "اُچھن ہنٛد طمع" عنوانہٕ لیکھنہٕ آمتِس اَفسانَس منٛز چھُہ دینا ناتھَس بُرآنی پاٹھی گرٕ لیوان تہٕ کَرِ سان ژٕراو کھلَس منٛز چھُومہِ مُتٕبن دال لاوِبن چھَل دِنہٕ ۔ تَس وُشنے یہِ شانہٕ ۔ وُسنحانہٕ یِم فُضِجہ تِرِ مہالح اُسی نامٕطے مہتی گیٖیس یلہٕ ۔ گمہٕ آلیس تہٕ ہِتی کھوٚت تَس نہٕ تِر کوٚنڈ ۔ دوٚیمہِ دفہ گاش لیوان دِیت نمُی اَمانت ۔ اکثر چھہ اَسی رٔیتہٕ وادن تہٕ وُری یہِ وادن ہنٛد سٕنٛز کران ۔ دینا ناتھنی پاٹھی تہٕ یہِ چھُہ مشٕٹھے گژھان کہ کُلہٕ پیٹھُک پوٚپ ٹُنگ مایِیہٕ کُنہِ نہِ ساتہٕ بوٚن لایِنہٕ تہٕ کھیل گژھِ ختم ۔

یتھ کتھِ چھُس بہٕ نٕنٛز یٔژھان کُرٕن کہ واگیشوری چھُہ پنڈِتا ماٲبَن وردھان بخشمُت ۔ تَس چھہ سرسوتی موکھَس لِحاظہ زبٲنی ہنٛد ورتاو چھُہ طیٖس پیٹھ ۔ خاص کُرِتھ شُشیپن علاقچ کٲشُر بول چھہ زبٲنی ہنٛد بجر پرآوِتھ بڈِبن بڈِبن کتھ کِتابن تِرِ دَم پھٕٹی کران ۔ قرینہٕ پھیٖرِ یَران گوس بہٕ حٲرتس کہ اَما اَٲنس ریٹایرِ گمٕتِس اکونٹ افسرَس کوٚتاہ چھُہ کٲشرِ زبٲنی پیٹھ عبوٗر حٲصِل تہٕ واُتشہِ ہنٛدِبن شیٖٹھن وُرِین کیا زِ رٕوٗد یہِ کھٕٹِتھ ۔ زبٲنی ہنٛد ورتاو ، لفظہٕ دوٚترٕ ، کہاوتہٕ تہٕ مُحاورٕ ، رلہٕ رٕنٛس شوٚد کوشر

مخصوص آوازو ڈسی اظہارِ خیال ۔ ٹاٹہ ژٹھنہ ۔ زیر دِلی اِشارو ڈسی تواریخی حقیقت ہنزِ باوتھ کرنی ۔ جُملہ بندی غرض پریتھ ژنگہ چھ پنڈتا ماٹین کاشر زبانی ہُبر ژرکورمت تھزر تہ بجر بخشمت ۔ ماجہ زیوِ ییمٹ ییتھ عبور دیان چھس ژورِ منس ۔

مےٚ چھُ اُکیے کتھ بیمٹ اعتراض یم چھ وو پر زبانن ہنز شنگہ منگہ عولاٚمی کران ۔ زانہ دےٚ یم کیاژِ چھ کرایہ مکالس ژنگ تہ رومن کران ۔ کُنہ کُنہ چھُ وو پر زباٚنین ہندیہ ورتاو روان آبہ جویہ ژنگہ منگہ کنہ شاٹھ ڈسیتھ وتھ ژٹان ۔

وُچھتو ٹھیٹھ کاشرِ ن لفظن ہُند استعمال ۔

۱ - وُژھس لور پھیر کرن ۔

۲ - یُہو آسہ کینژہ ترشاٚیا وُرشاٚیا ژلِہِ متر ۔

۳ - توہہ ما اُوسوٚ نا ییتھ اشُد بیترِ کھیومت ۔

۴ - تہ کرِتھ اتیتھ واتہ نامئے زمینہ ژوٚپ ۔

۵ - ٹمس اُسی تن سوتہ منز ناگہ یار ۔ ہھر تر آسہ نہ صِفتھ کیاہ چھس ۔

۶ - بہ چھس باکھیومت زیتھ خیال چھم یوان ۔

۷ - منڈوس گوٚ ساسہ گاش ہیتو ۔

۸ - اُندر کوڈُن چھر ڈیگ ۔

۹ - اُندرم چھم سانگریمتو ۔

۱۰ - لُس گیہ کھوٚر شوٚر لُسلا ۔

۱۱ - داں ڈٕل آسہِ سوٗہرِ ہیٚتھ مٕتی گژھن ۔ یا ہٕلِہ پیٚٹھ بالس تانی آسہِ مختلِف رنٛگ سوزنہٕ ہٕندی یاٹھی کاڈ کڈِتھ نیہ ژُندس موٗنی کران ۔

۱۲ - وُلکہِ گوٗل آپراوان ۔ سہ اوس مےٚ دوٚہس دوِیہ لٹہِ کھورن تل رٹان تہٕ وُلکہِ گوٗل آپراوان ۔

۱۳ - ژراگہِ ماگہِ بچوس دوٚنی روزِ نہٕ کانٛہہ براتھ ۔

۱۴ - باژ بوچھ تیزرے یہ مےٚ یٚیِتھرا زِ سوٗرے یُتھم ہیوٚتن مُشتھ گژھن ۔

گرداب افسانہٕ سومبرنہٕ ہٕنزِ زبانی پیٹھ یُن اظہارِ خیال کران چھ جناب ٹینگ صاحب لیکھان ۔

”یمن افسانن مَنٛز چھُ کاشُر بول چال یُس سروٗپ یتھ نتہٕ کینٛہ گامن ہٕنز چاش تہٕ باش چھےٚ ۔ موتی لال ساقی سُنٛد کتھِ آس یہ کاشرس افسانس وترِ نہٕ توٚے چھس پھیکہِ پھیکہِ دوا ۔ مزدار محاورٕ، مانےٚ ہٕنٛد گنڈ یتو، مُقامی میٚژِ ہٕنٛدِ مُشکہِ سیٚتی ناوِتھ کہاوژ ہٕنز غالی مالہِ چھ اَتھ پُر لُطف بناوان تہٕ فصاحت پناہ تہٕ ۔“

پیشِ کلام ۔ گرداب ۔ صفحہ نمبر ۸

”یہ مجموعہ چھُ کاشرِ گامہِ زبانی ہٕنٛد مُستند (Authentic) انہار ہیٚتھ تہٕ امہِ کنہِ چھےٚ اتھ بینِنی اہمیتھ ۔“ صفحہ نمبر ۱۶

۱۵ - یہ اوانی فرصتھ پیٚیم اوے ونہی تکیاژ اوسکھ اِنسان ہٕندی سخ تارٕیف کران ۔

۱۶- مگر باچھ پأنزاونہٕ ژٕمن کرٕہن ہنٛد گنٛڈ کرُن تہٕ گرِ اَننہٕ گوس کرٕوتھ ۔

۱۷- ٹھٕمی ہیٚوت وۅہلاوُن بیٚیہِ مۆلہٕ کڈُن

۱۸- یِمن اَفسانن مَنٛز چھِ کیٚنٛہہ زِ ہوِ پیٚٹھ ہیٚنٛہ لایق محاورٕ تہٕ کہاوژ اِستعمال آمٕتۍ کرنہٕ یِمو پیٚھنٛدِس اِظہارِ خیالس وُسجار چھُ دِیتمُت تہٕ باوتھ چھکھ پُراَثر بنٲومٕژ ۔ کیٚنٛہہ مُحاورٕ تہٕ کہاوژ چھِ وُنہٕ سانہِ عام زبٲنۍ ہنٛدِ ورتاوہٕ نیبر درامٕژ ۔ مثالہِ چھِ یِتھ کٕنۍ ۔

| | صفحہ نمبر |
|---|---|
| ہٕمبر شُند ہٕمبر گوٚ ناران بان ۔ | 25 |
| زبان چھےٚ ہلہِ گنٛڈٕنۍ لایق ۔ | 42 |
| ژٕسے تا چھی ہر ہیٚٹھ کھرٕ ٹاکی کھان ۔ | ۱۰۱ |
| یمراز چھُ لمان جانس تہٕ شیطان ایمانس ۔ | ۱۰۶ |
| گٕل تہٕ چھےٚ دانیے کانٛژھان ۔ | ۱۱۱ |
| ماجہِ ماسہِ کورِ کُس کاسہِ ۔ | 156 |
| سیم تھٕنےٚ گرٕتھِ حج قبوٗل ۔ | 134 |
| دیکھیں داغ گومُت ۔ | 131 |
| بأنہٕ بأنہٕ بلوز ناوُن ۔ | 144 |
| ٹأے تہٕ پٕرأے ۔ | 153 |
| زپھٹ زاپھٹ ۔ | 144 |

یِم دودِ گوٗرِ گیٖہ دود کُنیٖھ ۔ 89

کوٗتے کاو چھُ گوٗرٕت ۔ 98

123

ناخوردو نابوردو ۔

یِہنٛز لفظ زانٛرِ چھ ادبت ، شود تہٕ مِلاوٹہٕ روٗس ییٖتہِ نہٕ چھُ پاہ وَستن ہُنٛد گِنگھٹ تہٕ نہٕ چھُ دوٗزُم خرچاو ۔ یِمےَ چھ دراصل اَفسانس آنٛچلِکی زنٛگ بخشان ۔ تعجُب چھُ یِتھ کنِہ پیاھٹ کہ یِمن منٛز چھ ازواریاہ لفظ یا تہٕ لاآوی ہتھ یا نظر انداز آمتی کرنہٕ یا فرہنٛگی لفظوٗ دسی لتہٕ موٕنجہِ سپدی ہتی ۔ یہ چھُنہٕ اکھ نیک فال کیٛشہٕ تہِ ۔ بہٕ کرٕ کیٛشہٕ مِثالہٕ پیش ۔

صفحہ نمبر

نوٗج [ کاشی ناتھن نہٕ زنانہِ گرٕ رٕنس نوٗج ] 28

ڈاکر [ بُڑتہٕ کُھج گوٗل تُھو تر یِتھ مَنٛز ناکھ بیٚترِ تھوان چھ ۔ ] 45

کھکھ [ پھیکیوٚ ہیٚنوٚ رَس کٹ 132

چھچھ کرُن ۔ [ سجاوُن ۔ فیشن کرُن ۔ 138

لوٗڈگیٖھ ---------- لوکٹ جمانتھ ۔ 146

کھرٛنگ ---------- سُبھ کرُن ۔ 149

یہ تیاسای ---------- یہِ تہِ چھا سپدان 155

روٗنگشہِ دِوان [ ووٹہٕ تلان تہٕ پکان ژھالہٕ ماران ] 158

ہردِ راچھ شُنٛد بِن بِن ۔ دَچھِ پوشیر ۔ کینٛمی شُنٛد زیٖن زیٖن ۔ 115

پھِر اَرِد - ورفتار 107

ڈٔبہٕ وقت - دقتھِ مُشکل 79

ژٕنگرٕ - وِہرٕ تُلمنہٕ - تمبلہٕ تلمنہٕ - 127

چھوٚرِس - جوٚانی شہر بوٚسش 128

اَفسانہٕ نِگارن چھُ طنز و مزاحس کٲم ہیوٚتھ زبانٕ ہندِ لحاظہٕ پننِس اوسوٚد حال آسنک ثبوٗت دِیتمُت - طنز چھُ پھیٚرِتھ تُلی ہیٚتھ مٔژ تہٕ پننہٕ ہندِ پاٹھی اَندرٕ اَندرٕ ڈٔہ تلان تہٕ مزاح چھُ وِدناوَس سٟتی سٟتی اَسہٕ ناوان تہٕ اَسان اَسانے چھِ مرتہٕ وانگن لگان - یہے گٔیہٕ زبانٕ ہنزٕ بُراثر بناوٹ، کٲرِ گرے چھُ ہیکات شوٗبہٕ دار چیز تیار کٔرِتھ یانے لُکِس اَتھی چھِ پوشہٕ مال - طنز و مزاح چھُ یاوٕژ جِگرٕ ژُنیہ دھار تہٕ دِوان تہٕ ما چھِ کھوتہٕ موٗدٕر تہٕ بناوان -

پنڈِتا صاب چھُ طنز و مزاح ہٕس کٲم ہیوٚتھ کُنہٕ اَکِس تواریخی حقیقتس پیٹھ لِنس از کالس لِرِ لوٗر کھڑا کران تہٕ کُنہٕ ٹسنہٕ ژٕٹان کُنہٕ خشہٕ کران - وُنھ گُملاونہٕ ورٲے عامٕ نظرن موٗدر زیر رل کران -

یہٕ دِمہٕ کیٚنہہ مِثالہٕ -

کہانی ہسپتالہٕ پیٹھ گرتام - "بٕرونٹھ تہٕ آسی لُکھ اَتھی ماداَنس منٛز سمان تہٕ وٕژھِ وٲلنجہ "صحو مردٕ" یہٕ کرِتہٕ کرِ بب کرِ لولو کرکہٕ دوان - صحنوہ 85

یا - وُچھان وُچھان بنے یہٕ زلیشی وارٕ چھادٕنی - 87

صفحہ نمبر ۹۵۔ یا بہتر چھُ نایم زِ ترٕ ے رٕہتھ گژھو جوٚم۔ دلیو حالات توٚ تاکہ ٹھیک گژھن

## وُتاولی

صفحہ نمبر ۱۴۷ "کوٚرِ یِہہ ہےَ چھُ بٹہٕ سماج

## اِنژاکھ

صفحہ نمبر ۵۸ بندوقن کھوٚج زبان ...... ڈرواژس ٹھُک ٹھُک اوس ناگہانی بلایہٕ۔

## کمتھ چھےٚ روزان

صفحہ نمبر ۹۷ شوٚبھاوتی۔ مگر اکھ دگ اٰسس سو اٰسس گرِ نیرِہٕچ۔ یِہ دَگ اٰسس وارٕ وارٕ لوٚسُر بنان اُنٛدرِ رٕکنہٕ اٰس ہر وِزِ کٔشیرِ آسان پھیران۔ مگر نہ اٰسس اَمیُک شکایت کانٛسہِ نِش کران نہٕ باوتھ۔

صفحہ نمبر ۹۸۔ تمہِ ڈرِ یِہ دوٚنٛکھ وٹکھ بُرٕ زلو گڈٕس یا گاگرِ منٛز۔ اَسہِ اَمِہ اوس اَحمدِ کرال وٹکھ اَنان۔

صفحہ نمبر ۱۲۹۔ پڈر چھوٚت۔
زِکی لفزن گنٛڈ منٛے زنگن رز۔ یِہ رز تہٕ روٗز منٛے دوہے پتے۔ تمی دِیت اکھ ڈرٕسہٕ بہ آس بھرلاینہٕ ...... منٛے توٚر فکرِ اِنسان چھُ اکھ اَکِ ہٕندِ کھوتہٕ ترُکہٕ تہٕ آسی چھِ نہٕ تمن مُقابلہٕ کیہن۔

## وُتاوٕلی

صفہ نمبر ۱۳۴ - یِم مائیگرنٹ چھ ژمن چھےٚ نہٕ نوکری کیٛنٛہہ بنان -

کیٛنژن کمقن بیٛہِہ چھُ مےٚ اعتراض -

۱ - اَفسانہٕ نگارس چھُ مجبوٗر سپدِتھ کمپیوٗٹرٕ دِسی تیار مُسوٗدس مَنٛز قلم ژانُن
پیٛیوٚمُت - اکِس دوٚن جاین نہٕ واریاہن جاین - ثیایہِ سوچیہِ مُطابق چھُ
لکھاٗری غلطا واریمیو نہٕ یانہٕ پروٗف وُچھمُت چھُ - پٔرے گرافن ہٕنٛدی پٔرے گراف چھ
بیٛنیٛہاتھ یِم یتہٕ ظلوٗن بیٛہِتھ اُتھ ہیٛتی چھِ کُنہِ اڈٕ لیٛکی تہٕ کُنہِ ژھوچر دِتھ ژانٕنہٕ آمٕتی -
باسان چھُ وۄستہٕ کار کمپیوٗٹرٕ کاٗری گرن چھےٚ یانہٕ دوٕہلی لَر ترٲوِمژٕ تہٕ پسر آمُت تہٕ
ژاٹن چھُ پتہِ بیٛٹھہٕ شیٛن دِتمُت دٲرِتھ - ہے پنڈتا صاب ! یژھ بہترین اَفسانہٕ
سوٗمبرنہِ ہیٛتی گژھا یہ ناانصٲفی سپدِنۍ - اُخر اَسی کیٛازِ کرو ژمہٕ غلطی یِمہ سانہِ رژنایہِ
کُھنڈی پھیٛٹی بناوَن -

۲ - چونکہِ جدید کہانی چھ از کیٛشرٕن ژٕہِن ہنٛدِس النوٕ بھوٕس ، سوٗچ فکِرس تجربُس
کنہِ باپتھِ یا وِلوٕ نارس کہانی ہنٛدی جامہ پیٛرِتھ مُرژہٕ گرِی ژُنٛدی یاٗمٹی آکار نچنان ،
لہٰذا چھُ یہِ نہایت ضوٗروری کہ آکارٕ ژنگی گژھِ کہانی پژھ یلہٕ وِنہِ زِنٛدگی ہیٛتی وابستہٕ
آسنی - از چھنہٕ زیٛہٕ ٹہ دیٛثِل گھنٹا پڑھان اَفسانہٕ پیٛرنچ نہ کاٗنٛسہِ فرصت نہ کاٗنٛسہِ
فراغت - اَز چھُ ٹیٛلی وِیژن یا کمپیوٗٹرٕ کِس سکرینس پیٛٹھ خاٗلِص اَکھ فلیش
دَرکارِ یُس اُچھو وُچھِتھ یا کنو بوٗزِتھ ذہنس وُتِرِ بنیٛثِل چھُ تلان - یتھ

سۆمبرنہٕ منٛز چھ ضروٗر امہِ قسمکی افسانہٕ مگر پریم چندی دورکہِ افسانن ہٕنٛز نہٕ چھےٚنہٕ کمی کیٛنٛہہ ۔

۳ ۔ گرداب کہانی چھ ہندوستانی فِلمہِ ہٕنٛدِس اندازس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ ۔ ہندوستانی فِلم ییٚمیُک مُدعا تہٕ مقصد صرف چنٛدہٕ لوٗٹھ کرُن چھ تہٕ ییٚمہِ خاطرٕ ناممکن تہِ چھُ مُمکِن بناونہٕ یوان یاتھ جی یہِ زِندگی ہُنٛد فِلمی حادثہٕ چھےٚنہٕ عام اِنسان ہٕنٛدِس سوچ فِکرس سہتہِ واٹھ کھیوان ۔ خالص اکہِ لٹہِ زوال مالہِ ستمکھاتھ چھُ سہ پدماوتی ہٕنٛدِس عاشق رتن سین ہٕنٛدی پاٹھی پھلوائے گرژھان ۔ اکھ طوطہٕ چھُ سِمہل دیپچہ راجکمارٕ ہندِ حُسنِ باکمالچ شیٛچھ چِتورکس رازس رتن سینس باوان ۔ ناتھ جی چھُ مہانین نظرن منٛز اکھ بے حد کمزور تہٕ بیمار کریکٹر یُس زِندہ روزنُک کانٛہہ تہٕ حق چھُنہٕ ۔ ہٕنٛگہ مٕنٛگہٕ چھ امہِ کہانی صفحہ ۱۶ مبر آوری متی ۔

۴ ۔ <u>وُتاولی</u> کہانی منٛز از کل کہن ووستادن ہُنٛز ٹٕنٛڈ کڈان چھ ہردئے ناتھ اومکار ناتھس ونان ۔ "کیاہ ووستاد آسی تیلہِ ۔ لڑکن ہُنٛد زن اوسکھ وسہِ آسان ۔ بٹہٕ مُسلمانی آسکھ نہٕ رٹھ تہٕ ۔ اومکار ناتھن وونُس ۔" ادا اُزکی شِشکس لٹہ یِم دپھاراہ چھ لُڑکسے سگریٹ منٛگان ۔"

کہانی کارُنٛد یہِ فاصلہ ہیکو نہٕ آسی جنرل لایز کرِتھ یانے پرٛتھ اُکس ووستادس پیٹھ لوگو کرِتھ ۔ یہ چھ حی کہ از کل بنیٛو یرناوُن اکھ کاروبار تہٕ ژاٹھ بالو پرٛوو پرٛھایہِ دُ کانن ہُنٛد رپ ۔ دِوتھ ڈُژھ ضروٗر ۔ سائنس کُنٛڈی پھُٹی تعلیمی

نظامس مَنز چھُ لین دین ٹھیس پیٹھ لیکن پٲنٹھ وۄستادس دستار لایٹھ والُن یا ٹُھنڈِس صافس کُن اَتھ تُلُن گوٚ سماجکس اُکِس تہٕذیبس کُن تلے پرٲٹُن ۔ یِزر مشلہ چھاوُن ۔ پنڈتا صاب! مےٚ چھُ فخر کہ بہٕ چھُس یِمہٕ صدی ہُنٛد اَکھ وۄستاد تہٕ تا حیات روزہٕ ۔

آخرس پیٹھ وۄنُس بہٕ یہِ تہٕ نتیجس پیٹھ کہ "گرداب" افسانہٕ سوٚمبرِن چھُ کاشُر افسانہٕ کِس توٲریخس مَنز اَکھ موٚلُل ہیٖر ۔ لِکھٲرؠ چھُ حقیقت پسند تس چھُنہٕ آدرش خٲطرٕ کانٛہہ موٚہ ۔ تس چھُنہٕ اَزی کین بُرزٕ یارن پیٹھ نہٕ پرٛزہ ۔ سہ چھُ زِندگی پانہٕ زُوان، شیران تہٕ پٲران ۔ کِنہِ شاٹھن نِنہٕ واٲرؠ ترٛان تہٕ عارفہٕ ہُنٛز زمہِ بوٚنہِ واوس تہٕ بلکہ نار چھکہِ وِلِس شکھس تل شہلاوان ۔ یِمن افسانن مَنز چھُ اَز کلچہِ زِندگی ہُنٛد کانٛہہ نہٕ کانٛہہ ٹیوٚٹھ موٚدُر یزر، اِنسٲنی فِطرتُک نانا رنٛگ، نفسیاتی مسلن ہٕنٛز اُلجھن، سماجی قدرن ہٕنٛز کھنڈری بُٹھ مُرزِ، گرٕراوِچ دگ تہٕ ذِہنی سوچُک بدلاو، بےٚ پرٛتھ حیوانیت غرض زِندگی ہٕنٛدۍ تِم ساری رۍپ یِم اَز سائنس سوچہِ فکرس سٟتؠ وابستہٕ چھِ کُنہِ نہٕ کُنہِ رنٛگہٕ کِردارٕ ڈٕسی اَتھوا ٹھنڈہٕ لو وہٕلوہار ڈٕسی اُچھن دٔرشیٹھ مان سپدان ۔ کہانی کارن چھِ ایمانداری سان کِردارن ہٕنٛز صلاحیژ سٟتؠ اِنصاف کٔرِتھ پزرِچ بُنیادِ پیٹھ تخلیقچ رنٛگہٕ منٛدوٚرۍ کھڈا کٔرمٕژ ۔

یِمن کہانین منز ولستھا بینچ دگہِ ہُند وہہ وُنان چھُ تہند تواریخی پس منظر چھُ نہایت اہم ۔ یِم ہیکن اکہِ دورہ تواریخس پُشت پناہ بنِتھ تہ کیاہ وقتی سمتی ہُند ادب چھُ تواریخچ شہادت بنِتھ کُن کُن کِتھ کتابین تہ بڑِ ہٹہِ بولن والین زھوسپہ کرناوان ۔

پنڈِتا صابنہِ باوتھ ہُند بےٚ پناہ حُسن چھُ پرَن والین ہیت نوان ۔ عام طور چھِ لوکھ وَنان گام گوٚ خام ۔ بوچھُس وَنان گام گۆیہ زِندگی ۔ زِندگی ہُند حُسن تہ حُسنک خوش یوٗن پرتو ۔ گام گۆیہ دوہ میدہ، شوزرچ، پزرچ تہ سنزرچ ترِوینی چھ گامس منز بپرواہ لبان ۔ ہے اَتی چھِ لال مالہ وچھن منز گھٹِتھ آسان . تہ یِموے لالو منزی چھُ راتک اکوٗنٹس آفسر تہ اَزیک افسانہ نِگار مکھن لال پنڈِتا اوٚترِ اوٚترے بدِ درامت ۔ پزر ناوِتھ مولہ ناوٚرتون کتھَن دِیہ توس داد نہ اتھَن کرِ توس میاٹھِ نہِ کیاہ اَنہ ٹیٚکِ یاٹھِ چھِ یہندِ افسانن منز تہہ دار زِندگی ہندی چھیتی تہ شوق زنگ نظرِ گژھان ۔ پزرک گرٚ بھر، لوکٕ میچھر تہ دُشینر تہ بنیہ فِطرتکہِ حُسن باکمالیہ گُنشش چھِ یہندِ افسانن اَدبی حلقن منز موضوع بحث بناوان ۔ یہ چھُنہ ضروری کہ ہر تجربہ آسہِ اکھ کامیاب تجربہ لیکن یتھ تجربہ چھُ یہندِس منس اکھ نوٚ دِسمتھ دِوان تہ پرَن والِس مأل پھروان [ لالُرِ دلال شِناس) زانہِ لال مولہ ناوِن مۓ ہیوِس اَنِس نِش چھُ زگ تہ بروٗن ہِشی کتھا ۔ مگر سِتھ چھم یقینہِ کِتھ ہُنز کہ ولستھا بنچہ وِہتایہ دِیت کأشر کہانی اکھ باصلاحیت تہ باہمتھ ایماندار تہ پُزِ یوزر میڈیا کیو کنڈیکٹِو نِش مُچھ اکھ زتت کلاکار ۔

۲۵ نومبر ۲۰۰۳ء شیوسوپی

# وٕژار

یَتھ کتھِ مَنٛز چھُنہٕ کانٛہہ تہِ شک کہِ غزل چھےٚ اَز کل پتہٕ کاشرِ شاعری مَنٛز باوُژ ہُنٛد اَکھ بُر اثر تہٕ پُر کشش ذٔریعہ ۔ چاہے اَز کلُک عالم تہٕ عاقل شاعر کرٚن تَن شمار گرٛہنکی تہٕ پرٛنکی رنگارنگ تجرُبہٕ ۔ الیکٹرانِک میڈیا چہٕ خاہشن مُطابق بدلٲوتَن سہ بیٛن رنگ تہٕ رٕپ تہٕ کرٚن تَن ناکھ ۔ غزل چھُ اَز تہِ تِس حیاتی ہُنٛد جام چاوٕ ناوان ۔ زَن تہٕ وٕدِہٕ ٹاٹھِ اَنان نارٕ برینٛہن پان چھیپہٕ دِنُک حوصلہ دِوان ۔ اُچھ بولہٕ ناوان ، موختس مالہ کرناوان ، بال ژھُنٛڈِتھ بالہٕ یارس پیٛٹھ جانہٕ عزیزٕ نچھاور کرناوان ، ویٛنہہ وترٛیژ تیٛمبہٕ بخشان ، بالہٕ داہنٕ وُلی دیاوٕ ناوان ، ذیٛہنٛکی دٕریچہٕ یلہ تراوِتھ اسمانی وُڑو کرنہٕ بدلہٕ زندگی ہُنٛد ٹیوٚکھ مٕدرُ برزٕ ناوِنچ کل کڈان ۔

ہتہٕ بدین دٔرین ہُنٛد سَفرٕ طےٚ کٔرِتھ فارسی تہٕ اُردوٗ زبانٕ ہُنٛد پرانٕہ وار نالہ کڈِتھ تہٕ دوٗر ژھکِتھ چھُ اَز کاشُر غزل نہٕ صرف بالغ سپدِتھ ژینہٕ وَن دِوان بلکہ یِیتھ تہٕ موضوع اعتبارٕ حساس لُکن ہُنٛد دِیان پالنس کُن پھرنہٕ وان ۔ مرحوم موتی لال ساقی ہٕ ٲبر

وۄن کہِ جنابِ رحمان راہی چھُ کاشُر غزلہِ ہُنٛد اِمام تَتہٕ گٔیہ وُری تہٕ ہہ مُر - از چھہٕ کاشُر غزل کشیٖرِ تام محدوٗد ٹٕلی کہِ کٔشیٖرہِ نیبر اوُدھم پوٗر ، راجوری ، جموٗم ، پنجاب کِین کینٛژن شہرن ، ہماچل پردیش تہٕ دِلہِ مَنٛز رَتہٕ چھہٕ کاشُر غزلہِ ہنٛدی دِلدادہ اَتھ شارہ صِنفہ وزھہِ والنٛچہ لول بران تہٕ زٕلوہٕ پیٹھ ہیوٗن لایق اِضافہ کران -

یُتھ میٖن یِنٛدہن وُرین مَنٛز چھہٕ کشیٖرہِ نیبر مرحوم موتی لال ساقی ، ارجن دیو مجبوٗر مکھن لال کنول ، پریم ناتھ شاد ، جواہر لال سرور ، شمبھو ناتھ بٹ حلیم ، کاشی ناتھ باغوان بال کرشن سنیاسی ، موتی لال ناز تہٕ سُنیتا رینہ وغارہ شاعرو غزلہِ لول ورتوو مُرت تہٕ وطنکہ سوچ تہٕ فکرِ سیتی مُتاثر سپدِتھ نوٗزک جذباتن تہٕ احساسات مَنٛز وہرارک گُلالہ پھولہ رووٗمُت - ضرورتھ چھے یِمہ کتھہ ہنٛز کہِ اَزی کِس یتھ کھری لد بندوٗقی ورتاوس مَنٛز سپدِ غزل ٹھوس زِندگی ہنٛدِس تونٛتل کنٛوی نِتھرس پیٹھ قدم ٹھہراونس یوٗگ تہٕ ہوٕہس گیژہ گنٛڈ تہٕ بدلہ کرِ زِندگی ہنٛد بھارتھ یانے پرزٕ زِندگی ہنٛد شرنگار - لوٗکھ وٲتی زوٗرٕ پیٹھ - تکنیکہ کہِ تجرباتی دورِ مَنٛز نیبرِتھ چھُ اَز اِنسانی سوچ پرمپرا وادی وِشواسن دل گوٗتُن دِوان - یتھ روزن گو موت نالہ مَتہٕ رٹُن -

بہٕ وَنہٕ یہ کتھ وثوقہٕ سان کہ سۄن اَزک کاشُر غزل گو شاعر چھُ وقتچ نزاکت سمجھ غزلہِ ہنٛد پرتھ شار وہرار کہِ یارِبلہ ناٚپہ ناوان - ضرورتھ چھے کہِ زِندگی ہنٛد شِٹھنیار تہٕ وُشنیر ، کرتجھر تہٕ ژھیپھر ، کامیابی تہٕ ناکامی ، ساوِل تہٕ ٹھکِل ، زِلوٗن تہٕ مرُن

پھلیہٕ یاوٕن تہٕ گٕنڈلیو زال، نظر کرم تہٕ واد سوٗخن دِن اَسہِ زِندگی زوٗنٛچ پٔزریٖتھ۔ تکیازِ سارِوٕے کھوٗتہٕ حسین چھِ زِندگی زوٗنکہِ کیٖنٛہہ موٗللی ترٕیہہ۔

وُنیکتام کرِ سنیتا جی ترٛےٚ شارٕ مجموعہ چھاپ، "چنار کے آنسو" ۱۹۹۸ عیسوی "رٕنٛج یاد" ۲۰۰۱ عیسوی تہٕ "سونٛزل" ۲۰۰۳ عیسوی۔ "لوٗت زوٗنہِ ڈٕھتھ" چھُ یہنٛدٕ ژورِم مجموعہ۔ غزلن ہنٛز سوٗمبرن۔ سُنیتا جی چھےٚ ۱۹۶۷ عیسوی اننت ناگہٕ زامٕژ۔ یانےٚ مالنٕ چھس اننت ناگکی تہٕ یاگنٕ چھےٚ آمٕژ کمرازس مَنٛز تہٕ دُلی کیٚنس چھےٚ شالامارہٕ گارڈن صاحب آباد اُتر پردیشس مَنٛز سکونت پزیر۔ اننت ناگ ڈِگری کالجہ پیٹھ چھُن ۸۷-۱۹۸۶ عیسوی مَنٛز بی۔اے پاس کوٗرمُت۔ خانٛدرٕ کوٗرُکھ ۱۹۹۲ عیسوی مَنٛز تہٕ بالہٕ کٔرِتھ چھُس دیٖن دِتیمُت کھوٗنہِ للہٕ وٕن۔ سو چھےٚ اکھ گرہستی زنانہٕ شروٗ دکٕ تشریف گرِک ساری لوٗازمات پالان تہٕ زِندگی یامانےٚ بناونہٕ خاطر اَدیٖچ سادھنا کران۔ سنٛزرا، پزرا تہٕ شوٗزرا چھُس باگہِ آمُت تہٕ ادبی محفلن مَنٛز چھےٚ اَزکل سرگرمی سان حِصہ نِوان۔ اُچھن چھس اڈٕ پھٕلی خاب رواں دَوان۔ بریتھا چھُس لولہٕ وول، قدردان تہٕ مایہٕ بوٗرُت۔ یوہے چھُ وجہ پھولہٕ وُنہِ لالہٕ زارٕچ ہُمبر زول بنیتھ چھےٚ شبدٕ سادھنایہٕ سیٖتۍ ماحول مُشکاوان۔ یہِ چھُ دراصل تَس دَیہٕ سُند دِیُت۔ اُنٛدرٕ وُزلی۔ گاہے چھےٚ محبوبس سیٖتۍ ہم کلام سپدان۔ گاہے تَس سٕالہٕ مَتی شبدی گوٗن تہٕ صِفت گنٛزران۔ گاہے خط و خاکی تارلیف کران۔ گاہے تہنٛدِ اَمارٕ پوشن مالہٕ کران۔ گاہے گژھ کُٹھس فرشِہ مخمل کٔرِتھ بٕرنزی گنٛزران۔ گاہے لرِپان سٕاوِتھ رازِ دِل پاوان۔ گاہے منہٕ ناوان پرٕانہٕ کیٖنٛتھ یاد پاوان تہٕ گاہے

زمانکہ ستم وٕتِھ اَچھو موٚخت ہاران تہٕ حسین خابن پیٚنہٕ نوٚو اَتھو موٚچھ موٚرن کرنس پیٚٹھ مجبوٗر سپدان ..... لیکن سُنٛتاجی ہنٛز غزل چھےٚ نہٕ عشقہٕ وِلوٗ ہارس تامٲ محدوٗد ۔ تمی شُنٛد سوٗچ فکرِ چھُ اکوٗہمہِ صدی ہنٛدِس گٮ۪ٹھ زوٗلس تہٕ لِو سامراج وآدی نظامہٕ کِس زلرِ زالس منٛز ہیتہٕ پیٚٹھ تہٕ برونٛہہ پکنچ کل گنٛے راوان ۔ تسنٛد ذِہن چھُ بالغ آسنس ہتی ستی بیدار ۔ سُہ چھےٚ زِندگی ہنٛدٕ پرتھ موٗل ترِیٚٹھ زوٗن یترِھان تہٕ زُونہٕ خاطرٕ چھ آزار ، وہرار تہٕ لول ترشوے نہایت ضروٗری ۔ تسنٛز لولہٕ بادتھ چھےٚ نوٗزُک ، جذباتی پُر کشش تہٕ پُراثر اَکھ چھُنہٕ کانہہ شکھ ۔ نہایت سادگی سان بے جِھجک چھےٚ سُہ پنٛن رازِ دِل تہٕ حالِ دِل بیان کرِتھ حسین احساسات کتھ کرناوان ۔ زلو دِتھ لولہٕ ناوان ، لول ورتاوِتھ جانانس لولِ للہٕ ناوان ۔ تسنٛز اکھ خوبصوٗرت یاد ، وصلکی رنگین ترِ ہر ، کیٚتھ ژاکھ نظرن ہنٛز تلہٕ تراو ۔ گاہے ژھویہٕ تہٕ گاہے وُتھ تُجار چھُ ہردیہِ کِس سمنٛدرس موٗجرن بناوان ۔ یہِ گیہِ اکھ کتھ ۔ زِندگی ہنٛد اَکھ پہلوٗ ۔ لیکن وُہمہِ صدی ہنٛدِس دوٚیمس ہٕمس منٛز آیہِ غزل گُنٛڈ رِ زِندگی سیٚہٹاہ نکھہٕ ۔ ذہن گوٚو آوُر کیٚتھ مانہٕ ژاران تہٕ کھرِ لدوتن ہنٛدی ٹھرِ نہہ ناوان ۔ زِندگی ہنٛدیو گوناگوٗن مسایلو ، ذاتی تجربو تہٕ مُشاہدن اوٚن غزلہٕ ہنٛدِس مزاجس منٛز بدلاو ۔ غزلہِ پرآو واکھ نوٚوِ ہیئتہٕ زِندگی ۔ سُنٛتاجی ہنٛدِس کلامس منٛز تہٕ چھُ یہِ صحت منٛد بدلاو نظرِ گژھان ۔ سُہ چھےٚ زمانس ہتی ستی لرِ لوٗر برونٛہہ پکان ۔ ذاتی تجربن ، سوچ فکرِس تہٕ ٹیٚٹھس پرزِس غزلو ہنٛدیو شارو دِسی آکار بخشان ۔ سُہ چھےٚ روایت تہٕ پالان ۔ لول ورتاوان ۔ حساس تجربن ہنٛز باوتھ تہٕ کران تہٕ ستی ذِہنکو دریچہ یلہٕ تراوِتھ تہٕ کیٚتھ ماتے ژاآرِتھ غزلہِ ہنٛدِن

شارن ویژارکہِ گوبرِ نہٕ سُنز سیٹھہِ موٗل کھارٕن ۔ مثلن یِم کینٛہہ شار چھہِ غور طلب

لفظن مَنٛز از قادٕ بہٕ کرٕ سپھ
انہارٕک وٕون آسُن لاَزِم
جذباتن ہٕنٛد سیر رٕچھوٕ اسے
احساسٕک نکھہٕ آسُن لاَزِم
یتھ اُزٕ ہراوِنی کرٕ ھِٹ کتھا چھےَ
ذہنس وونہٕ ڈکھ آسُن لاَزِم

بیٚیہِ اَکہِ غزلہِ ہٕنٛدی یِم شار وُچھو توٚکھ :۔

ژھیٚچھ زِندگی ہُنٛد چھُ ہرِ والنس کیٚتھ
بوٚچھ گوژھیٚہٕ حاوی گرٕھن گالنس کیٚتھ

چھہِ لاچارٕگی آورِتھ بھاوٕ رٕہتِ اَسہِ
نفس اُس ڈٕہرِتھ چھُ دلوٕ پالنس کیٚتھ

نہٕ لیٚشتہِ نے نہ ماتم نہ کرٕیشن نہ روٗشن
جِگرٕ یاتہٕ گوژھہ تیوٚت بوٚڈ ژالنس کیٚتھ

سُنیتا جی ہٕنٛدِس لولہٕ وولوٕ نارس چھہِ ینٛہٕز تیتھہٕ ، یُنٛن آسُن ، یُنٛن آگرٕشن ، ینٛہٕز نزاکت ، یُنٛن وچھِ وُشینر ۔ بافے چھےٚ اُچھن ہٕنٛز تلہٕ ژٕراوے وچھن زٕلوٕ بخشان تہٕ عمارت چھےٚ ہرٕدیہ کرس آنہٕ ٹٕیس بیہٕھ عیان سیدان ۔ بوٗمبرٕ گنگرٕاے یا پلوٗ نیری گتھ ، ہُلیہ یاوٕن

یا بُلبُل مٕژر، نیٖچہِ سبزار یا آرٕ گرزُن، کٔنجہ بول بوش یا وِگنہٕ وَلوٗن لےٚ وُنہٕ ناوان اَتھ گرٛلٕٹ پیٚہن یا ٲنشدرٕ کتھ، غرض پرٛتھ مأری موٚنٛڈہ ژیشہٕ چھُ ہمتھٕ والین مأتہٕ پھِروان داوس چھُ لگان عاشق تہٕ داوس اتھِ چھُ سوزان شیٚنچھ۔ قرار چھہ ہیوان ژھیپہ تہٕ لیقرار چھُ بنان خاب۔ اَکھ اکھ گرٕ چھےٚ بنان قہرِ عذاب تہٕ عاشق چھہ سیدان ہلوآے۔ غزل چھےٚ یِمن اتھوٗل ژِیہن بران لول۔ سُنتاجی ہٕشدین عشقہٕ غزلن مَنز چھہ سہٹاہ خوٗبصوٗرت زہلو دِنہٕ آمژ۔ یِمن غزلن ہُند مجازی پہلو چھُ سہٹاہ جاندار۔ پرٛیِ وُن، پٔژھ یوٗن، زہرل۔ یہ چھُ زہر دِتھ زن ہٕنشدرِ وُنہ ناوان۔ لَیہِ امان تہٕ کوٚتری ہٕشدِ تجربُک تہٕ باوژ ہٕشدِ تھزرُک اِحساس کرٕناوتھ زن تہٕ مالشرِ شران کرٕناوان۔ وُچھتو یِم کیٚہہ شار کیٚتھ چھہ پرن والِس مٕنٛد حِس زن تہٕ ہٕتھ لِوان۔

یأری زانےٚ ڈُج تہٕ چیٚشمن آب ہوٚکھ
یاں پینہٕ نےٚ اَز مےٚ اَزماوُن پییم۔

دَگ مےٚ جأنی ٹاٹھ چھُم یِکہٕ ونہٕ زرد
سوکھ ژےٚ کیٚت پینہٕ نے جِھکُ تھاوُن ہیٚیم

ترٛٹھ تہٕ ژاجم مندِنیٚن گٹہٕ کار وُچھ
گرٹہٕ تہٕ ڈالیس کوٚت وسیتراوُن پییم

باگہِ چھا میے پٔرمٕژ یوگس مَنٛز زِنٛدٕ دٔزِن
ووٚنی میٚ تٔنٛدوٗرک ترٛٲے چھاوُن پێیم

پنٕنہٕ دَرٕ سۭے چھوکھ گٔڈٕ ہتھ ووٚنی بوچھہٕ زلیا
کٔنہٕ بَھرزٕ للہٕ ہُنٛد میٚ پلہٕ پاوُن پێیم

حقیقت بیانی یا وێنہٕ تلہٕ وٕنی طنزِیہٕ باوتھ چھےٚ شُپتا جی ہٕنٛدِین غزلن پٔٹھ یِہ وُن نوو اَنہار بخشان ۔ یہٕ طنز چھُ کُنہٕ عشقہٕ وِہلو بارس سٟتۍ وابستہٕ تہٕ کُنہٕ کھٔنٛڈرِ پھُٹ اِنسٲنی جذبس سٟتۍ ۔ کیتھ ہُنٛد خالِص احساس چھُ دَگہِ ہٕنٛدِ تیوٗنگل وُہہ ناوان ۔ شہرن ہُنٛد ہوٗل بالے ، تیز پھہلاو ، مشینی دورٕچ دَو دو ، نقلی زِنٛدگی زٕوٕچ مجبوٗری تہٕ پراجیہِ ہُنٛد احساس ۔ یہاٚے چھےٚ اَزی ہٕنٛدِ دورٕچ پہچان ۔ مشینہِ ژٕوپ اِنسان کلہٕ کاپہٕ سان ۔ حدٕ پھٹو غولامی ویتراوٕنۍ مجبوٗری تہٕ پامال گٔمژ اِنسانیت ۔ اَما اَزیُک غزل گو شاعر کیتہٕ روزِ یمو اثراتو نِشہٕ بدوٗن ۔ سوچ فِکرٕک کیتہٕ پیچ دار پہلو بنیاے موضوعِ غزل ۔ وجوٗدی مسٲیِل آے وۄتلِتھ تہٕ عصری آگہی بنیہِ اہم گامن روو وجوٗد ، گامن روو حُسن گامن روو سبزار تہٕ بیزر ، گامن راو سادگی تہٕ شرافت اِنسانی قدرن آیہِ لتہٕ مونٛڈ کرنہٕ ۔ گامن ہٕنٛدی شرٛوٗدی گرِ آے چھکرنہٕ ۔ پاٹھلی وَتہٕ پدرِن بنیاے تیلہٕ سڑکہٕ ۔ رام لیلا ژٕج مندِ چھت ، نانہٕ بُڈرِ بب گیہ بے بُنگہٕ ۔ گام آیہِ شروکان تہٕ ٹم ٹمن لوگ چلے جاو ۔ یِہ چھُ زِنٛدگی ہُنٛد اکھ حقیقی انجٲس یتھ زبو دِوان شُپتا جی چھےٚ لیکھان ۔

شہرن زَر پیو شوٗرے شوٗر
راوے کُلکلن ہُنٛز پہچان
دَم پھُٹ تشکلن ہُنٛز لُستی
یاسان کُنہِ چھُنہٕ خوش اِنسان
لسنَس لسنَس کرٕ ترسان
لُستی گاٹُھ ییتہِ واران

جدید دورس مَنٛز یم معاشرتی تبدیلی رونُما چھ گژھان ۔ یا گژھ چھ تِہنٛد سیٹھاہ اَثر کیتھ چھُ غزلہِ ہِنٛدِس روایتی زاوِی عاریس حقیقژ نکھہ اَنِتھ بُترآژ ہِنٛد کرٕچھر تہٕ میچھر بخشان ۔ اَمیُک اِحساس چھُ سُپنتاجی ہِنٛدین کیٛنژن غزلن ہِنٛدی شار پٔرِتھ پانے سپدان ۔ کُنہِ چھ وجوٗدی مسأیل وِہرارکہِ اعتبارٕ غزلہِ نوٚو بخشان تہٕ اکھ ہیندی زبأنی ہُنٛز وِہرار پرٕدھان کِوتایہ نکھہ امان ۔ اکھ گہن وِہرار چھُ یوان ژھوٚٹِتھ دون مِصرن ہُنٛزِ بندِشہِ مَنٛز پیش کرنہٕ ۔ مضموٗن تازٕ آسنس ستی ستی اگر گرٕتہٕ ہُنٛز نزاکت تہٕ لفظن ہُنٛد ورتاو تہٕ مِلاوٹہٕ روٗس شوٗد تہٕ وِہرارٕ موافِق آسہ ، شار چھ کھان ٹارِ تہٕ بادتھ چھے یوان موٗلہ ونہٕ ۔ دُچھتو سُپنتاجی ہُنٛزِ اکِہ غزلہِ ہِنٛدی یم شار ۔

سُدرٕچ ژھوپہٕ گٔیہِ سُنہٕ رٕچ آن
بوزُن تگہِ یا چُھکھ ناداں

دارِہ ناآشنۆل کیاہ تھاوکھ
واوٕچ ژھوپہٕ گٔیہِ بوڈ طوفان

ژھوپہٕ گٔیہِ روپہٕ ہِشنر وتلس پیٹھ
قلمچ ژھوپہٕ گٔیہِ زمن تان

زٕلوِ رٕوس نرگو دوٕلہِ شندکھ
للہِ ہِشنر ژھوپہٕ گٔیہِ زمن زان

سُپنتا جی ہِندِ غزلن ہِندی کیٚنہہ شار چھ یقیٖنن موٚللی فن پارٕ ۔ نٔیہٕ نٔیہٕ کرِدِ ہِم چھ سیٚٹھاہ خوٗبصورت تہٕ پُر اثر ۔ لفظ ولوٗ بار چھُ موضوع مُطابق کرنہٕ آمُت ۔ مانے ، بیچ وُسعت تہٕ گہرآئی تہِ چھ تہٕ رِوآیتی تصورُ چھُ وقتچہِ نزاکژ مُطابق مُنفرد اَسلوٗبہٕ ہیٚتھ قِصا مُشکاوان ۔ شار پٔرِتھ چھےٚ دُبارٕ پرنٕچ کٔل گنان ۔ مَن چھُ گژھان ہرشِس تہٕ ظُوٗن چھُ زٕژ تُراوان ۔ سُپنتا جی چھےٚ اکثر ژھوپہٕ بحرِ مَنز غزل لیکھان ۔ سو چھےٚ شوٗد کأشُر

لفظ ورتاوس اُنہٕ کُنہٕ نِہایت سادگی سان نہٕ کُنہٕ سنجیدہ طور پٲٹھۍ نین انو بھوٗن یا ذہنس مَنٛز دوٚتلیمپرٛن اِیجن آکار بخشان ۔ وُچھویم شار کیتھٕ چھِ سانہِ ذہنک گٹہٕ زوٗل گاشس راوان ۔

ٹارِ کھوٚت ماتس وُچھو یونے بھرز
یا چھُ نظرن تل تَس اسمان وُچھ

کُملاوِتھ موٚمکۍ پاٹھۍ جِگر
مَس پیالہٕ بریتھ چھُم چاوُن از

سہل کتھ چھےٚ پھیر بھر کرُن اُنہٕ پٹۍ سے
مگر کوٚت مُشکل چھُ انہار مُشرُن

تقدیرس ہتھ گرۍ چھےٚ بیوٚھ
اتھ چھین رکھٕ نے کھاٚجن تان

شہ ہرگاہ میانہِ گرکےُ پےٚ پنٕزٕ مِی زاہنٕہ
زُوٗنی زلیس رات گیہٕ شہرے سوترادِتھ

یِنہٕ کٲنسہِ خوٗددار دِل کُنہٕ تھٲوِتس
پنُن پنُن وِزِ تس آبہٕ رٕوستے کرٕز گو

آدم زاتس ہُنٛز حیوانی حرکژ اوٚت سانہِ زندگی مَنٛز مندِنَن اَنہِ گوٚٹ۔ گرٕ بالہٕ ژرٲوِتھ پیو ژٲلُن تہٕ ژلان ژلان لگی چھین تہٕ پھارَن۔ نۆو سامراج وٲدی سازِشی نِظامُک زہر پیو اَسہِ بے گۆناہ لُکن ژالُن تہٕ ہٹہٕ والُن۔ اِنسانیت گٲیہِ رُسوا تہٕ سورگہٕ دارَن لگو باہ مُنز کلُف۔ ٹاسہٕ راے وُژھ ژرہ پٲرِ۔ دِسھاپنٕچ دَگ للہٕ وان وٲتہٕ اننت ناگہٕ کِہ اکِہ زٲلیٚنی گرٕچ کوٚر تہٕ ہندوارِ کِہ اکِہ بارسوٚخ بٹہٕ گرٕچ ژرانٛدہٕ کُنہٕ شالہٕ مار گمارڈن اُتر پردیش۔ تقریباً ژون پٔھن لُکن ہُنٛز دَگ چھِے سُنیتا جی ہندین کیٚژن غزلن ہٕندین شارن مَنٛز اوٚش ہران دریٛنہٕ گژھان۔ غزلہٕ ہٕندِس سانچِس مَنٛز وِسھاپنٕچہِ دگہِ ہُنٛد اِظہار اوس پٔریوگ کِہ اعتبارہٕ اکھ نوٚو اِضافہٕ۔ اکھ نوٚو تجربہٕ یُس ہٕ اَز کٲشُر شاعری ہُنٛز اکھ جاندار تہٕ بامانے ٹرینٛڈ بَنتھ دُسچار پرٲوان چھُے۔ سُنیتا جی ہندین کیٚژن غزلن ہٕندین شارن مَنٛز چھُے وِسھاپنٕچ دَگ زَن تہٕ دُبان باسان۔

یتھ مِیٚترِ تل کیٚتیاہ لال شونگتھ

کانہہ چِھتہٕ کرُو وُنہٕ ناوِد کانہہ
گرٕچ دِتھ اَس ہناوِتھ
پنیہ لیس پرژھاے کیاہ کرہو
راتہٕ کِس رازَس وُچھم چندِ خالی از
وِٹھ گۆمُت جِگرس اُچھن مَنٛز اُرزر۔

دوٗر تامتھ نظرٕ گژھہٕ ہے کاہنہ پکان
زاگِی کارا میانہ وٕلنگُ ہم سفر

وانگج وآرِس مَنٛز چھےٚ نزاکت
گرٕ نیے مَنٛز وآران منٛےٚ دوٗن مَس

وٕتیج کیتھ کرنس چھےٚ مناہی
قلمس کیاہ کھٔنٛز بان منٛےٚ دوٗنمَس

بلہٕ نکی چھنہٕ اِمکان منٛےٚ دوٗنمَس
گلنکی ہتھ سامان منٛےٚ دوٗنمَس

سُنیتا جی چھےٚ کانٛہ غزل شاعری مَنٛز برار تھنا برکھ غزلہٕ مُسلسل لیکھِتھ اکھ
پٔژر رِوایت سگہٕ وان۔ یہٕ چھُ دراصل لتشدٕ اِخلاقی تعزز تہٕ بجر۔ تمہٕ تہذیبُک سوٗن اثر
لیُٔ نٔس مالِنیٚ گرِ چھُ باگہٕ آمُت۔ یہٕ سانٛی میٚژ چھےٚ سبھٕاہ زرخیز۔ یمن گولابن چھُ پھولنُک
شرف تخشمُت تہٕ اَمی میٚژِ ہنٛز خوشبو یہٕ بہتی عُطر پیدِتھ چھےٚ شاعِرہ بنٛنہٕ یژھِ تہٕ یژھِ
ہنٛز یژھِ بادِتھ کران۔

مے سینزرچ دھ ژُم پتہ دَکھ
سلامت شے سفر ھُتوی زیم

ھرز سوچس دِزیم تیوٗتاہ
ندامتکے اثر ھُتوی زیم

مٔنے چھے یھ اپنہ سے اندر
جذب کوزُمت یہ بدلتے رُت

سنر شُدرک عطا کُری زیم
شرافتکے بجر ھُتوی زیم

دوہس ولیتارنگ پہرا تہ رالتس ترہبھ دِنگ طاقت
تہ شامس کل صُبح بھوپنچ عبادتکے سحر ھُتوی زیم
اُزچہ کماشر شاٸیری منزچھ سُپنتاجی ینہ خاص مُقام حاصِل۔ یتھنہ خاطر
چھے شاٸیری پانی پانس منز عبادت۔ سو چھے گرہست تہِ پالان تہ شار تہِ ونان۔ واریاہ
ھُری چھ بُتھ یوان مگر تس چھ دین حوصلہ دِیمت سو چھے پننہ ولو ہارکہ میچھ ستہ

پنُن اوند پوٚک میٹھ آدِتھ کِتھن مانہِ ژاران تہٕ وتن ہُٹری نہٕ ناوان ۔

کاشُر غزل وَنتِکہِ مزاجہٕ مُطابق نوٚین موضوعاتن سیٚتی والبتہ کرنس چھُ لگنہٕ دیُت اہم ۔ زبانی ہِنٛد ورتاو چھُ ٹیس بیٚہِتھ ۔ کم کھوتہٕ کم لفظ ورتاوس اَنِتھ چھےٚ سو اُکس سکیچ بناوَن والِس چترکارس ہنٛز بومِکا ادا کران ۔ واریاہ کیٚنہہ چھُ پرَن والی ہِنٛدِس بالغ سوچس بیٚہِتھ مُنحصر روزان ۔ مےٚ چھےٚ وۄمید کہِ یہِ شارہٕ سومبرن کھسِہ پرَن والین ہٕندِ تہٕ ہُنتاجی پرٛاوِ محنتُک پھل تہٕ سہٕ گوٚم سنتوش ۔

"میں تو جانوں کہ میرے بعد بھی میری یاد کرے کوئی" یہِ احساس چھُ تس کرِتھ سادھنایہِ ہِنٛد ورت دارِ ناٛوِتھ تہٕ سنتوش بیول وۄناٛوِتھ اَنند پھل پرٛاوِنچ کل کڈان ۔

مےٚ چھُ دۄہ ژلُن ژھین دِتھ رِشتن
کیٚنہہ پرٛاوِتھ بتھ کُن ژراوُن از

۲۵ فروری ۲۰۰۴ عیسوی ۔

# کٲشُر مہابھارت - ترجمہٕ کار - شری کٲشی ناتھ باغوان

## تواریخکِس اَکِس مَنز تحقیقھ ۔

پنڈت کٲشی ناتھ باغوان صاب چھ کشیرِ ہِنٛدۍ اکھ پایہِ بٔڑ عالِم، مُفکِر، شاعِر، تواریخ دان تہٕ بھگوت بٔکھتی نیک مَنوش۔ یِمن چھےٚ ہندوستانکِس قدیم تواریخس تہٕ اَدبس پیٹھ گٔنٛز نظر۔ یِمو شاعِرو بھاگوت پُران کٲشرِس مَنز تہٕ کرِشنہٕ لولس بَرکھ ماے۔ پُشٹی مارگی فلسفچہ بُنیاز پیٹھ کٔرکھ پٔریما بکھتی وکھنے۔ بھاگوت پُرانُک کٲشُر ترجمہ سُہ تہِ نظمہِ مَنز کرُن چھِنہٕ کانٛہہ مومولی کٲم۔ یِمو کوٚر اکہِ طرفہٕ کٲشرِس ادبس منز ہیکُن لایق اِضافہٕ یُس چھ تواریخی اہمیتھ چھےٚ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ اَوٚنکھُ وٲٚشنو بکھتی ہُنٛد فلسفہٕ یِتھ فلسفس نکھہٕ تہٕ کھوٚنہِ للہٕ وُکھ لول۔

سوٗرُے مہابھارت کٲشرِس مَنز پھِرُن سُہ تہِ نظمہِ ہِنٛدِس رٛپس مَنز چھُ دِوان یہِ ثابوتھ کہ ادَب چھُ باغوان صابنہِ خاطرٕ اکھ تپسیا۔ مُسودٕ وُچھتھ تہٕ پٔرِتھ

ووٚلِس بہٕ یتھ نتیجس پیٹھ زِ یِمَن چھےٚ نہٕ کورَوَن تہٕ پانڈوَن ہٕنٛز لڑایہ منٛز تیٚژ دِلچسپی ییٚژ یِمن تتھ سوچ فِکرِس، فلسفس تہٕ وِچارَس سیٚتۍ چھےٚ یُس مہابھارتچہِ طویل دلیلہِ تہٕ لوکچن لوکچن کتھن منٛز وٕرٛتاونہٕ چھُ آمُت بھیشم پتاماہُنْد دھرمہٕ وۄپدیش۔ دھرم کرتویہ تہٕ اخلاق کیا گو۔ پاپ پونٛی، جے پراجے۔ ستہ اَہنسا، دیہ مایہ، لول نفرت علاوٕ آزار تہٕ وِچارس سیٚتۍ وابستہ کتھ چھِ اِنسانی سوچس حیاتی ہٕنٛد بل بخشان۔ باوتھ چھِ فلسفانہٕ۔ اکھ ماہرِ قلم تہٕ کوہنہٕ مشق شاعر تہٕ قلم کار چھُ کتھن مانچہ زلہِ منٛز پھران، گران تہٕ شیٚریتھ سمعالیتھ آکار بخشان۔ یہِ چھُنہٕ مخولہٕ۔ لگ بھگ اکھ لچھ شلوک سنسکرت زبانی پیٹھ کاشرس منٛز پھیرنی۔ بانگوان ماہیٚز یہِ کام چھِ کاشرِ ادبُک اکھ موٗلُل سرمایہِ۔ ووٚنی گو اسہِ چھےٚ ڈکس مائیگرنٹ موہر چسپان۔ شاہ مار گو ٹوپھ دِتھ تہٕ زہر چھُ ہنہٕ ہنہٕ زُوۍ سکت زن تہٕ تھپہ لوان۔

'مہابھارت' شبدس چھِ وارِیاہ مانے۔ مثالہِ پاٹھۍ

۱۔ بھارتکین لوٗکن ہٕنٛدِ یُدھک [جنٛگُک] بامقصد دلیلہِ ہٕنٛدس رٕپس منٛز تفصیلی بیان۔

۲۔ سُہ تواریخی گرنتھ یتھ منٛز بھرت ونشک زٕریتھ ولیتارٕ سان وٕرتاونہٕ چھُ آمُت۔

۳۔ مہابھارت گو مہان گرنتھ یتھ منٛز کورَون تہٕ پانڈون ہٕنٛدِ خوفناک جنٛگُک

تفصیلی تذکرہ چھُ درج کرنہٕ آمُت ۔

۴ ۔ مہابھارت چھُ تواریخ ۔ پُران تہٕ کاوِیہٕ سنگم ۔ مہابھارت گرنتھُک لیکھن وول چھُ کرشن دُوے پاین ؤیاس تہٕ ترٛین ؤریین مُسلسل لیکھان چھُ پوٗر کوٗرمُت ۔
رشی پراشر تہٕ ستیہ وتی ہنٛدِ سہہ واسہٕ سپدٕ زاو جمنائے ہنٛدِس اکِس زوٗس منٛز کرشن دُوے پاین [دُویپ میں پیدا ہوا اسلئے دُوے پاین] ۔ گویہ چھُ پراشر تہٕ ستہِ وتی ہُنٛد نیٚچو ۔

اَمہِ پتہٕ سپدٕ ستیہِ وتی نیٚتھر شانتنو راجس سیتی تہٕ اَمِس زاے زٕ نیٚچوٕ ۔
چِترانگد تہٕ وِچِتر ویریہ ۔ چِترانگد موٗد لوکچارے تہٕ وِچِتر ویریہِ موٗد لاولد ۔
ستہِ وتی انہٕ نوو کرشنہٕ دُوے پاین بلاوِتھ تہٕ کٔرنوٗن سہہ واس وِچِتر ویریہ سٕندٕن دوٗن زنانن امبِکایہ تہٕ امبالکائے سیتی ۔ وقتیچ ضروٗرژ ہُنٛد احساس کٔرِتھ چھُ باسان کہ اَمہِ قسمکِس رِشتس آسہٕ سماجی منظوٗری ۔ امبِکایہِ زاو نیٚچوٗ یُس زٕنہٕ اوٚن اوس تہٕ ناو بیوس دھرت راشٹر ۔ اَمِس سپدٕ کھانٛدر گانٛدھاری [گانٛدھار پردیش چہِ راج کُماری] سیتی تہٕ زاس ہتھ نیٚچو یِمن منٛز زیٛٹھ نیٚچو اوس دُریودھن ۔ بھرت ونشکہ کُروٗ راجہٕ سٕندِس ناوس پیٹھ پیو دھرت راشٹر سٕندِس ونشس کوروٕ ناو ۔

وِچِتر ویریہِ سٕنٛزِ دوٚیمہِ زنانہِ امبالکایہِ زاو نیٚچوٗ یُس ناو اوس پانڈو ۔
اَمِس آسہٕ زٕ زنانہٕ کُنتی تہٕ مادری ۔ کُنتی زایہِ ترٛے نیٚچوٕ ۔ یُدھشٹر ۔ ارجن ۔
بھیم تہٕ مادری زایہِ زٕ نیٚچوٕ ۔ نکُل تہٕ سہدیو ۔ یِمنے چھِ ونان پانٛژھ پانڈو ۔

کرٛشن دۄیے پاین تہٕ اَکِس نوکرانہِ ہِنٛدِ سہہ واسہ سیتی زاو اَکھ بالُک یٚمِس ناو پیو وِدُر۔

پانچال راجہِ شُنٛز کوٗر دروپدی زٕہِنٛز سۄیم ورس منٛز ارزنن تہٕ پانٛڈو بھایو بناو سُہ پنٛنہٕ زأنۍ۔ یہ پرتھا (رِواج) چھُ تمہِ وقتُک پہچان۔ یہِ چھےنہٕ کانٛہہ حأرتُک کتھا کینٛہہ۔

چندر ونشی مہاراجہِ شانتنو اوس بھیشم پتاماہ سُنٛد تہٕ مول یہ اوس گنگا یہ ہِنٛدِ گربہِ زامُت۔ اَمی اَسِس ونان گانگیہ یا دیوورت۔ اَکھ میٛٹھاہ خوفناک پرن کرنہٕ کنہِ چھُ اَمِس بھیشم پیومُت ناو۔ یوہے بھیشم پتاماہ چھُ مہابھارت جنگس منٛز گوڈنکین دہن دوہن کورو سینایہ ہنٛز کمان سمبھالان۔ مہابھارتکین کِردارن ہُنٛد شجرہ نسب چھُ یتھہ کنہِ

رِشی پراشر + ستیہ وتی = کرشن دۄیے پاین ویاس

مہاراجا شانتنو + گنگا = بھیشم پتاما

مہاراجا شانتنو + ستیہ وتی = وِچترویریہ + چترانگد

امبکا + کرشن دۄیے پاین = پانٛڈُ

امبالکا + کرشن دۄیے پاین = دھرتراشٹر

امبکا نوکرانی + کرشن دۄیے پاین = وِدُر

شجرہ نسب۔

مہاراجہ شانتنو + ستیہ وتی

چترانگد
لوکٹے گو جانہ مرگ

وچتر ویریہ
[موُد لاولد]

نرِ زنانہ

امبیکا

امبالِکا



کورو ونش
امبکا + کرشن دُوے پاین
ایک بیٹا
جنم سے ہی اندھا
کُن پُوتر
دھرت راشٹر
پتنی گاندھاری
ایک سو بیٹے
سب سے بڑا
دریودھن




پانڈو ونش
امبالکا + کرشن دُوے پاین
ایک بیٹا
کُن پُوتر
پانڈو
کُنتی
ماڈری
بھیم
اَرجُن
یُدھِشٹر
سہدیو
نکُل
۳ + ۲
[پانچ پانڈو]




یُدھشٹر
اَرجُن
بھیم
نکُل
سہدیو
پتنی ایک
دروپدی
کرشن دُوے پاین
وِدُھر

کرشن دۄیے پاہن زلیشی پیے چھ ویاس مُنی تہٕ وَنان ۔ یمو چھُ مہابھارت علاوہ ژوٕن ویدن مُختلف حِصن منز تقسیم کٔرِتھ وکھنے کٔرمٕتۍ ۔ اَرداہن پرانن ہُنز رچنا کٔرمٕژ تہٕ ترێن ورێن مُسلسل سادھنا کٔرِتھ مہابھارت لیوٗکھمُت ۔

ویدن ہُنٛد تفصیلی جایزٕ پیش کٔرِتھ تِمن مُختلف کھنڈن منز تقسیم کرنہٕ کِنۍ چھ یمن ویاس وَنان ۔ ویاس گوٚ حِصہٕ کرن وول ۔ مہابھارتس منز چھ امہِ کتھِ ہٕنز وضاحت آمٕژ یِتھ کرنہٕ ۔

"विव्यास वेदान यस्मात् स तस्माद् व्यास
इति स्मृत:"

کرشن اوس پانڈون ماما تُر بوے تہٕ کیازِ کرشن سُنٛد پِتا واسدیو اوس پانڈون ہٕنز گوڈنچ زنانہٕ کُنتی ہُنٛد بوے ۔

کاشُرِ زبانِ منز پھِران چھ باغوان صابن یِمہٕ کتھِ ہُنٛد خاص خیال تھوٚومُت زِ توارێخ کانہہٕ حقیقت گژھِ نہٕ لرِتھ گژھِنہٕ واقعات گژھن ہی پس منظرس منز بیان سپدٕنۍ تہٕ مہابھارچ خوبصورتی گژھ یِرتھ انٛدہٕ برقرار روزٕنۍ ۔

کتھ چھ شورو وندنایہِ سمتہِ یتھ سپدان
ناولیٚج شاٹھس تہٕ کتہِ واتہٕ کاٹھس ۔ مُشکل کرُم آسان
ہے دیا ساگر داسَس دیا کر ۔ نشہِ بود چھُس باغوان

مسودٕ ۔ صحفہ ۱

تہٕ مہابھارتُک مہاتم دٕہرتھان چھ کنتھ اَنٛدواتان۔

شاٮ۪یرِ چھُ ساٮ۪رے دلیل شاٮ۪یرٲدِتھ کتھن سُنتھ وَتن ہٕنٛدِ مُٹھری نہناوِتھ مہابھارتکس مُدعاو مقصدَس پیٹھ زٕلو بخشان:۔

دھرم اَرتھ موکھش تہٕ بٮ۪نیہ کام

مہابھارتَس مَنٛز وَننہٕ آمُت چھُ تمام

کام، لوٗبھ، بھَییہ کِنہٕ گرٛدِہ نہٕ دھرم ترٛاوُن

سہایک دھرم گرٛدِ سیٚتہ سیٚتہ تھاوُن

سوکھ دُکھ چھُے ناشوان آسان

شترٕپر ناشی مگر زٕلو نیٚبتہٕ چھُ آسان

ستسو - صفحہ ۸۵۱

مہابھارت چھُ اَز برٛونہہ ساپہ بُڈٕ وٕری ہندوستانکہ پیٹھ کالکِہ تواریخُک اَکھ اہم باب یُس حیواٲنی شکلہِ ہنٛز اِنسانٲنی پرکرِتہٕ ہٕنٛدِ مُختلِف رٔنگ تہٕ رُوپ پرکٹاوان چھُ۔ دَراصل چھُنہٕ یتھ زِنٛدگی مَنٛز کینٛہہ تہٕ نامُمکن۔ واوُچھِتھ چھُ پیٚیوان ناوِنَم رٔژنَ۔ راج نیتی تہٕ کوٗٹ نیتی آس تتھ دورس مَنٛز تہٕ طیس پیٹھ فنٛد تہٕ فریب آسی اَتھ دھرم یوٗدس (؟) ڈٲکِھس تہٕ میاہٕ نِن نظرِن مَنٛز چھُ امہِ تباہ کُن جنٛگُک اصل مُجرِم بھیشم پِتاماہ یَمہِ دروٗپدی ہُنٛدِ مَنٛز دربارس چیٖر ہرن اُچھو وُچھِتھ تہٕ زٕہر کھیوٚو نہٕ۔ اُکس نامردٕ ہٕنٛدِ پاٲٹھی بیوٚٹھ وُٹھ سُوٚتھ تہٕ پیٚنَن زِچھ ژھنَن پانے جُہَس۔

مہابھارت مہا کاوِس منز چھِ بے شُمار کتھہٕ ، دلیلہٕ ، واقعہٕ ، الَوٚ بھو حادثہٕ تہٕ عشقہٕ داستان درج ۔ یہ چھُ وِیہر کاویہ اَتھ منز چھُنہٕ کانٛہہ شک ۔ مگر پانڈون ہُند ماحتُر بوے کرشن یُس رول اَتھ منز ادا چھُ کران سُہ چھُ کوروَن ہنٛدِ وِناشُک کارن بنان تہٕ تِمے حیا پانڈون صیاتی ہُند جام چاوٕ ناوان ۔ اَماپُز اُسیا اَتھ یُوٚگیہ ۔ ہنا سوٚنچِو ۔

اوتار روٗپ کرشن سٕندِ بجرُک احساس چھُ مہابھارتکِس شیٛمِس پروس منز سپدان ییٚلہِ ونہٕ ریٛاوی میتس ارژنس بھگوت گیتایہ ہُند وِپدیش کرتھ چھِ تِم تَس اَکِس کرمہٕ وان زٕلوٚ ہٕنز زندگی زوٚنہِ پیٚریٚرتھ دِوان ۔ نیاے ، دھرم ، درشن ، وِچار ، ترک ، سَت اَستھ ، وِیوہار ، بوٗدھ ، زٕلوٚن مرُن تہٕ زٕلوٚ پٔزرکرتھ چھِ تِم اہم پہلو یِمن پیٹھ بھگوت گیتایہِ ہٕندیٚن ارژاہن ادھیاین منز شری کرشنہٕ سٕندی ڈسی وکھنے کرِتھ نا سمجھی ہٕندی گنڈ مُترڑاونہٕ چھِ آمتیۍ ۔

گو مہابھارتس منز چھُ شری کرشنہٕ سُند کِردار دوٚن رنگن منز نظرِ گژھان ۔ اَکھ گو پرم برہم سروپ شری کرشن یُس وِشنو اوتارس بجر چھُ بخشان تہٕ بیاکھ گو ارژنُن آشناو تہٕ سارتھی کرشن یُس کورو وِیناشُک کارن چھُ بنان ۔

یِلہِ وٕے توہی مےٚ پرژھو کہ مہابھارتُک کُس کھنڈ چھُ سارِوے کھوتہٕ زِیادہ اہم ، میٛون جواب آسہِ شیٛنہٕ یم ۔ ییٚہم تہٕ ترٛوُاہِم پرو ۔ شیٛنیہِمس پروس منز چھُ شریمد بھگوت گیتایہ سُند پرکاش ذہنٕک اَنہِ گوٚٹ گاشراوان ییٚہِمس

تہٕ ترٛۄوٲہِمِس پروَس مَنٛز چھُ زخم زد بھیشم پِتاما یُدھِشٹرس گیان، دھرم کرتوِیہ
نیٖتی وِہوٗہار، نیاے، دَنڈ، تیاگ، سمرپن، ناری دھرم، راج دھرم۔ شاسن
نیٖتی، ڈنڈ نیٖتی تہٕ سروٕ کلیانک (دۄہ پرٛیش کران) بھیشم پِتاما شُنٛز زنمہٕ کتھا، کرِیا چارِیہ تہٕ دٲرونا چارِیہٕ شُنٛز
کتھا دروپدی ہُنٛد سویم ور، دروپدی چیٖر ہرن۔ آگست تہٕ پرشورام سٕنٛز کتھا۔ نل تہٕ
دَم یَنتی ہٕنٛز دلیل، ستی ساوِتری ہٕنٛز کتھا، شرنگ رِشی سٕنٛز کتھا، وِشوامتر
سٕنٛز کتھا، چیٖون رِشی سٕنٛز کتھا، اگیات واسیہ کتھا، کورو سبھا تہٕ دوٗت شری کرشن
اَرزن سُنٛد موہ تہٕ شری کرشنٕنہٕ سُنٛد گیتا اُپدیش۔ ابھیمنیو تہٕ چکر ویوٗہ، کرن اَرزن
یوٗد۔ دھرت راشٹر وِلاپ۔ بھیشم پِتاما ڈسی یُدھِشٹرس راج دھرمُک وۄپدیش۔
گرہست دھرم ورنن۔ گومتی براہمنی ہٕنٛز کتھا۔ اشومیدھ یگیہ۔ دھرت راشٹر۔
گاندھاری وَن گژھن یدووَنش ناش تہٕ دوارِکایہ ہُنٛد جل مگن سپدن چھِ کتھہٕ یِمہٕ
مہا کاوِیَس ولِستار بخشان تہٕ وِسترارُک گَہنہٕ گَرَت کران۔ جانورن ہٕنٛدِ والبتہ کتھہٕ تہٕ
چھِ مہابھارتَس منٛز درج کرنہٕ آمٕژ۔ یِم چھِ یخلاقی قدرن تہٕ بجر ورتاوَنہٕ خاطرٕ بدکردارس
سزا دِنہٕ خاطرٕ تہٕ دُشمن پیٚس پا کرنہٕ خاطرٕ وَننہٕ آمٕژ۔

یا غوان مأنِن چھُ کاشُرِس منٛز مہابھارت پھِران یِمہٕ کتھہٕ ہُنٛد خاص خیال
تھوٚوٗمُت زِ تواریخ گوٚژھ ممی پیَس منظرس منٛز پیش یِن کرنہٕ کُنہٕ گوٚژھ نہٕ اتہاس
لَژھِ گرژھن یا رُسوا سپدٕنۍ۔ کتھہٕ منٛز چھ کتھہٕ نیران۔ پیٚتری حد چھُ رتہٕ کوٚلِن پرٛواہ
دِوان تہٕ کورو کھیٚشترُک میدانِ جنگ چھُ زِٹھن ہُنٛد زِچھر راوِنہٕ کِنہٕ رتہٕ شری

پیدِتھ بھیہ کھیاوناوان تہٕ شمشاٗدٕ ماجوٗرِ لیچ ریہہ وُزناوان۔ بادشاہی دورکہ
پتہری حسدن آورٕ سوُرے بھارت تہٕ لیچھ بدن لیے قصوٗر۔ لکن ہشدی زوٗ داوس
لاگیھ تہٕ رتہٕ ہوٗلی گندِتھ وانہٕ لوُوک تواریخُک اکھ ہول ناک حادِثہ اند۔
اَما بھیشم پِتاماہس کوٗت اوس پوٗر شاریتھ گوٗمت یوٗت تام بوٗے گوٗ بائس
بروہشہ کینہٕ شسیترٕ ہیتھ کھڑا۔ تسنزِ موجوٗدگی منز بہنز منز دربارس ماثر شکھتی رُسوا
دریودھن گیہ یتھا دروپدی ہنہٕ لس لنگس پیٹھ بہناوِچ، نہٕ بھیشم پتاما
رُوٗد ژھوہ یہ ہشد دامن ژٹیتھ اندری اندری اپمانکی زہر گٹی چوان۔ سہ ہے اوس
پتاما۔ دوٗلوٗدٕ ونشن ہند زٕنیٹھ۔ تواریخ ہیکہِ نہٕ لسَ زانہٕ معاف کرِتھ۔
کرشن مہاراجن کوٗر ژھل بل کرِتھ پانڈون مدد تہٕ۔ دھرم یودھچ پرتشٹھا
کرن کھنڈ نیتھ۔ دیان جنگس منز ہیکہِ کینہٕ تہٕ کرنہٕ ییتھ سوُرے چھُ جائیز۔ ژٕلی
تنَ کاہنہٕ ارزن سُبدر ایہ ہیتھ تہٕ تہٕ چھُ جائیز۔ اَما تیٚلہِ کیاژِ ووہنوس دَھرم یودھ۔
دھرم لفظُک اِستمال کرِتھ ماچھ اُسی دھرمس تہٕ کھنڈتھ کران۔

باعنوان مائن چھُ تواریخُک اکھ باب کاشُر وُمت۔ حقیقتھ بیاٗنی
کام ہیتزمژ۔ تہند ورتاو چھُ بالکل صحی۔ تکیازِ تم چھُ اکھ ترجمہ کار۔

ییتھ کرِ بہ اکِس کتھِ کُن اِشارہ سہ گوٗ باعنوان مائنی کاشُر زبان۔
تمن چھُ زبانٕ پیٹھ غضبُک عبوٗر حاصل۔ نہٕ صرف اردو، فارسی بلکہ سنسکرت
تہٕ ہندی زبانٕ ہنز تہٕ چھکھ زبرزان کاری۔

ٹمی تہٕ چھُن ہیُوکمُت ترجمہٕ کرِتھ ۔ باغوان صآب چھ کاشرِ زبانۍ ہنٛدِس علاقہٕ
وارِ ہپھرِس تہٕ پوٚرِ پوٚر واقف ۔ مہابھارتک اَتھ لیکھِمت مُسودہ چھُ ۸۵۲ صفن
پیٹھ ڈٔہرِتھ ۔ انداز کرِو یہِ کاتیاہن وٕرین ہنٛز سادھنا آسہِ ۔ ترجمہٕ کران
چھ باقے اَکہِ شارس پیٹھ کُنہِ اَکِس شبدس پیٹھ دوہ واد راوان ۔
مےٚ چھُ امیُک ذاتی تجربہٕ ۔ مےٚ چھُ ڈٔی ۔ لِٹ خاطرٕ تحقیقی مضموٗن لیکھان
تقریبن پانٛژن ہتن باَتہٕ بنٛدن ہنٛدی زبانۍ منٛز کوتایہٕ ہنٛدِس رِپیس
منٛز ترجمہٕ کوٚرمُت ۔ اَتھ لٔگی مےٚ ڈھاےٚ وری تہٕ یمن ڈاین وری ین زن اوس مےٚ
دِلُک قرار روومُت ۔ یہِ چھ سیٹھاہ مُشکل کام ۔ باقے چھِنے بیٚہوان شیشٕز وِ کرِ
ژاپُن ۔ بُتھِ بُتھِ دِلس پیٹھ چھُ واتان ۔ ترجمہٕ کار بیٚیلہٕ کُنہِ باَتہٕ بنٛدس پیٹھ
یا شبدہٕ سروٚلیس پیٹھ روزِتہٕ چھُ گژھان ۔ اَمہِ لحاظہٕ چھ باغوان صآب مُبارکبادی
مُستحق ۔

باغوان صآب چھ ساٰنۍ زِٹھی بُزرگ عالم، لکھاری، شاعر تہٕ اسہِ سارِنے
ہنٛد رُت کانٛچھن واکر ۔ یم چھِ ہزری یاٹھی گاشہِ مُنار، سمندر ہیو چھُکھ
وُسیع دِل، اَن گِنت تہٕ بے حساب یِنمہِ کھُرِ لد زِندگی ہنٛد تجربہٕ ۔ مختلف
زبانین ہنٛدِس ادبس سیتھ چھُکھ دِل چسپی تہٕ مُسلسل چھِ مُطالعہ کران روزان ۔
زِندگی ہنٛدِس یتھ پڑاوس پیٹھ باغوان صآب قدما قدما بروٚنہہ پکان چھ ۔ اَتھ
پڑاوس پیٹھ واتِتھ چھ پانے دِیہِ شٕنز یِزٕھ تہٕ بزٕھ گنان ۔

زیوٕ چھُ الہٰشر گژھ نکھ یِتھ پِنُن تہٕ پرٛدُ مُشرِتھ شُہُل شہجار چھاوُن یژھان یَس چھُ پرم برٛہم سُند اَدوے (अनहद) رٟپ اُچھن برٛوہتہٕ کِنہٕ نظرِ گژھان۔ بوٗل چھُس ہراں تہٕ نظر چھُس شرٛوژان۔

تسنٛد ورتاوتہٕ ولہٕ نارٕ چھُ قداور۔بوزنہٕ ہنٛدِ شہجارُک احساس کرناوان۔ موکھ چھُس میٹھان کھتوٕ چھُ نِواں مَن ھُیت تہٕ اتھو چھُ باگراں لال۔ دُچھوے تہٕ ییہے چھِ باغوان مأبرٕ سادھنا۔ ادلی سادھنا یہٕ سادھت [ اَرزت۔پرٛاوت] چھُس کوٗشرٕ بہا بجارت۔

توجہ طلب کتھ مدِنظر تھاوِتھ ہیکن یِتھ گرنتھس پیٹھ تفصیلی طور وارِیاہ تحقیقی مقالہٕ لیکھنہٕ یِتھ۔ مےٚ چھُ باسان سارِوے کھوتہٕ اہم کام چھِ تہٕ کأشرِ زبأنی ہنٛدِ تحقیقی مُطالعہ کرُن یوٚسہٕ باغوان مأبن ییمِہ ترجمہ خأطرٕ ورتاوس اٰنی، یہٕ زبان چھِ عام کأشرٕ زبان یتھ منز تہٕ دوریچہ کلچرچ، دھارمک دِشوا ہیچ۔ لوٗکہٕ سوچیچ تہٕ ژھل گرٕ ولہٕ نارٕچ زبر عکأسی چھِ اَمیٛز کرنہٕ۔ یہٕ بہا بجارت مقبولِ عام سپدنُک اَکھ وجہ آسہٕ ییمِچ کأشرٕ زبان۔ شرٛونی مشرٛونی کروٗنہٕ آرکٕ یأڑھی رواں دواں ــ تشبیہہ اِستعارہ، کنایہٕ، کہاوژ تہٕ محاورٕ چھِ زن امہِ زبأنی ہنٛز تلہٕ چھاوے۔ لفظوٗسی گرمیٛز تصویر تہٕ مُرژٕ چھِ یرن دألی شُد من ھُیت نِواں بہٕ کرٕ یِتھ کینٛہہ مِثالہٕ پیش۔

۱ - یُدِھشٹِرٕ بینیہِ پرٕزھنس ہے دھرم وان
دھرمکی سادٕن تہٕ پھل کیاہ چھِ آسان
دان رٹن واٰلِس کم گون چھِ آسان
برٕہمچرِیہِ کھوتہٕ تھوٚد کیاہ چھُ آسان
بھیشم جیِن ووٚنہٕ لنس اَہِنسا
ستیہٕ، کرٕودھ نہ گژھن تہٕ دیا
قوبلوٚ پینٛنی ئینٛدرِے تہٕ آسَن
یمے دھرٕمکی لکھشَن چھِ آسَن    مسوٚد صفحہ-۶۵
۲ - مُنش پانَے میٚترٕ پنٕنۍ چھُ آسان
مُنش پانَے شٕتھرٕ پنٕنۍ چھُ آسان
یٕنٛدرِن یِس وِجے چھُ پراوان    مسوٚد صفحہ ۳۸۰-۳۷۹
مُنش سُے پنٕنۍ میٚتھرٕ چھُ آسان
یٕنٛدرِین نِش یُس وش چھُ سپدان
چھُ پانۍ پنٕن شٕتھرٕ سُہ آسان
چھُ من ژٕنٛچل اَتھس منٛز چھُنہٕ روزان
اِبھیاسہٕ کِنۍ گاٹلین وش چھُ سپدان
یِہنہٕ لوٚکس تہٕ پرٕ لوٚکس اُنٛدرٕ لتس
گرٕزھان چھُنہٕ ناش کُنہِ لوٚکس اُنٛدرٕ لتس    مسوٚد صفحہ-۳۸۵

ترجمہ کران چھُ باعنوان مائن یتمہِ کیتھ ہُند خاص خیال تھوٕوُرت کہِ یمہٕ کٲنٛ موٗل مہابھارتس منٛز سمواد ہنٛز لوِجا چھِ آمٕژ کرنہٕ یتھے کٲنٛ چھِ ہووتہٕ اہم مسٔلن ہنٛز وضاحت سموادو ڈسی کرٕمٕژ ۔ یمن منٛز چھِ کیٚنہہ اہم سمواد [ بات چیت گفتگو ] یتھ کٲنٛہ۔

۱۔ ویاس مُنی تہٕ جنمے جے سُنٛد سمواد ۔

۲۔ بھیم ہنومان سمواد ۔

۳۔ یدھِشٹرتہٕ یکش سمواد ۔

۴۔ دریودھن دٔرونا چاریہ سمواد ۔

۵۔ یدِھشٹر دریودھن سمواد ۔

۶۔ شری کرشن ارجُن سمواد ۔

۷۔ یدھشٹر بھیشم پِتاما [ وِوِپدیش سمواد ]

۸۔ یدھشٹر بھیشم پِتاما سوالہ جواب ۔

مہابھارتس چھ کُل ۱۸ پَرو - پَرو گوٚ کِتابِہ ہُنٛد اَکھ حِصہ یتھ کھنٛڈ تہٕ ہیٚنکوٚ ونٛہہ۔ پرتھ پَرو چھُ کیٚنٛژن اَدھیایَن [chapters] پیٹھ مُشتمِل آسان ۔ شٔیمِس پَروس مَنٛز یوٚد شوٚرو سپدنہٕ برٛونٛہہ یُس کمزوٗری اَرزنس نال چھےٚ وَلان تہٕ سُہ چھُ شسترا اَکھ مَنٛز ترٛاوِتھ بیٚتھ ہیٚوان ۔یوٚہے چھُ سٔری کرشنٕنہٕ ڈسی اَرزنس طویل فلسفیانہٕ وپدیش کرنُک کارن بنان۔ سُہ چھُ صاف لفظن مَنٛز اَرزنَس دلیوٚس وَنان۔

हतोवा प्राप्स्यसि स्वर्गं
जित्वा वा भोक्ष्यसे महीम्।
तस्मादुत्तिष्ठ कौन्तेय
युद्धाय कृत निश्चयः। 2/37

یوٚد وے گژھکھ جنٛگ برٛزی تہٕ سوٚرگس مَنٛز پیٚون واس
یوٚد وے زیٚنکھ یہِ جنٛگ بوٚمہِ پیٹھ پیٚون اُلاس
تھوٚد ووٚتھ کُنتی ہٕنٛدِ سنتانہٕ
یوٚ نتہٕ یرادٕ تہٕ نیٚنٛشچےٚ سان لڑٕ یوٚد

(کوٚشُر ترجمہ)

مہابھارتس مَنٛز یِمہِ دلیلہِ ژیشِہ پن مُنی پن تہٕ دیوی دیوتاہن سیٚتی وابستہٕ چھےٚ تِمو تلہٕ چھُ یہِ واضح سپدان کہ ڈیدِک یوٚگس سیٚتی چھُ اَتھ ژزیرہٕ کاوِیس فوٚرور

واتھ اوسُمت - کینژہ عالِم چھِ ونان کہ دُواپر یوگ یێلہِ اندٕ ہیوتُن واتُن تہٕ کلہِ یوگ آو نکھہٕ، کوروَن تہٕ پانڈوَن ہُنٛد جنگ سپُد - یہِ گوٚ لگ بھگ ژرے ساس وُری عیسوی برونٛہہ - لیکن اَکِس تواریخی ہنا کاوِ یہِ کِس صوٗرتس مَنٛز چھُ ہنا بھارت عیسوی سنہ برونٛہہ لگ بھگ ژور ہتھ وُری بارسَس آمُت - وَق گُزرنَس سٟتی سٟتی سپُد اَمہِ کِس آکارس مَنٛز بَرٛنٛزر تہٕ عیسوی سنہ شوٚرُوٚ سپدنہٕ سٟتی ژوٚری مہِ صدی مَنٛز اوس یہِ تہتھ رٕلِس مَنٛز اَسہِ برونٛہہ کنہِ آمُت یتھ رٕلِس مَنٛز یہِ ازاسہِ دُسیاب چھُ

ہنا بھارتک یُدھ کرآو لڑنہٕ یہِ چھُ پاٗنٛژ پانسَن مَنٛز اَکھ بحث طلب موضوع تہٕ مُختلِف عالمَن چھُ پانہٕ واٗنۍ اِختِلاف راے -

یہِ جنگ آو ۱۸ ہِن دوہن کوٚروکھیشتر کِس مَیدانَس مَنٛز لڑنہٕ - گوڈٕ نَکہِن ڈہِن دوہن کٕر بھیشمَ پِتا ماہن کوٚروَن ہنٛدِ فوٗجِچ رہنماٗیی - ۱۱ ہمہِ دوہ بیٹھ پنداہمِس[15] دوہس تام کٕر درونا چارِیَن کوٚروَن ہنٛدِ فوٗجِچ رہنماٗیی - شُراہمہِ[16] تہٕ سداہمہِ[17] دوہ کٕر کرنَن یِہنٛز رہنماٗیی تہٕ آخری دوہ سنبھاجِ شلیہ راجن یِہنٛدِ طرفہٕ فوٗجِچ کمان - یُدھِشٹر چھُ اَمی دوہہ اَمِس دوہ ناد یُدھس مَنٛز مارِتھ ژھنان - بیمہ سٟنٛدۍ دُسی سپُد دریودھن یُدھس مَنٛز مارہٕ تہٕ کوٚروَن آمیچ شِکست تہٕ جنگ ووت انٛدٕ - کوٚروَن ہٕنٛز بُڑ ماج گانٛدھاری چھِ دِل شِکست تہٕ دِل سوٗختہ انٛدازس مَنٛز ویلاپ کران یُس کمن کمن سَنگ دِلن تہٕ ویگلاوان چھُ -

[۱۲]یٲہِمِس پروسَ مُنٛزٕ چھہ راج دھرم تہٕ آپدٕ دھرمٕچ وکھنے سپدیمٕژ ۔ دھرم کیاہ گوو؟ دھرم تہٕ فرض کیتھہٕ چھہ رازَس نظم وضبطس کٲم ہیتھ خاطرٕ پابند کران ۔ بدٕ ھشٹرٕ چھُہ رازٕ دربارس منٛز اژان تہٕ بھیشم پتاماہس نِش راج دھرمُک وٕپدیش پرٲوان ۔ اتھ پروسَ منٛز چھُہ ورنٕ آشرم دھرم ولستارٕ سان وٕژھناونہٕ آمُت ۔ ڈنڈٕ نیتی پیٹھ وِچار کران چھہ رازٕ ہندین ۳۶ گوٕنن ہُند ورنَن سپدان ۔ راج پروہت ہنٛدی لکھن ، رازٕ ہندِس صلاح کار تہٕ منتری ہنٛدی گوٕن ، رازٕ منٛزٕ ولوہار نیتی ، دوٕت ہنٛدی گوٕن ، ایشور بکھتی ہُند مہتو وٕژھنان چھُہ بھیشم پتامارازٕ ہندِس آپدٕ دھرمَس پیٹھٕ تہِ مُفصل طور رُوشنی ترٲوان ۔ کیاہ پزِ کرُن تہٕ کیاہ پزِ نہٕ کرُن یا نے کرتوِ تہٕ اکرتوِ کیاہ گوو ۔ اتھ پیٹھٕ تہِ چھُہ بھیشم پتاما پننہٕ عالمانہٕ راے ظاہر کران ۔

اَمِہ پتہٕ چھُہ بھیشم پتاما گرٕہست دھرمہٕ کین بُنیادی اصوٗلَن پیٹھٕ روشنی ترٲوان تہٕ یُدھشٹرس آژار تہٕ وِچار کرٕ یار بلہٕ شراٗن کرناوان ۔

رِتوٗش پروہت آچاریہٕ اتیتھی
گوٗرو ، بُڈٕ ، بالکُ ، شرناگت تہٕ روٗگی
ماج موٗل پوٗترٕ یا آسہٕ پوٗتری
آشناو بنٛدھ باندھو تہٕ پتنی

ژُدا اَہِس پرُس چھُ ناو اِلوُشاسن پرو یتھ منز کرمہ پھل۔ دان دِنک پھل وِرتک ھِتسو تہ گرہست دھرم، اَکِس سدوا زنانہِ ہِندۍ لکھن۔ سادھو تہ اساد ھو ہِندۍ لکھن۔ لوُرشارتھ تہ کرمہ پھل، شوبھ کرم، باگیہ تہ جیوُن کِتھ بنہِ سُکھی مقلن بیشہ بھیشم پِتاما پننہِ راے ظاہر چھُ کران۔ یُدھشٹر چھُ پِتاماہس کینہہ سوال کران تہ پِتاما چھُ سوالن جواب دِتھ یُدھشٹر ہِندِ منک شک وشکوہ دوٗر کران۔ امہِ پتہٕ چھُ بھیشم پِتاماسُند شریر تیاگ سپدان تہ وُچھان گامہِ کورو تہ پانڈو چھُ دوٗ بارٕ ماتم سری سپدان۔ سوال چھُ یہِ پاٗدٕ سپدان کہ مہابھارتکہِ جنگہٕ منز کیاہ پیرو پانڈوَو تہ کیاہ رود کوروَن۔

مےٚ چھُ باسان کوروَن تہ پانڈوَن ہِنز سیمایہ ژٕٹھتھ تہ سمارۍ دِلوٗ ہار کہِ قید خانہٕ منز نیبر نیرتھ بزاسہِ وُچھن کہ جنگ تباہ کُن اثر کیاہ چھُ بیوان بنی نواح اِنسان ہِنزِ کُل ہم زِندگی پیٹھ۔

جنگ چھُ اٰخرس وُجار کران۔ میتٕر مِلوان۔ اوٚش تہ بتہٕ کُن کران۔ ادِ یہِ مہابھارتک جنگ اٰسہِ تَن یا وُہمہِ صدی ہِندۍ کہ زٕ جنگِ عظیم۔ از تہِ چھُ یتھُے تواریخ یُریتھ اِنساٗنی ذہن کاٗنپہٕ ناوان۔ مگر یہِ زاٗنِتھ تہ ماٗنِتھ تہ چھُ جنگ مُسلسل چلان روزان۔ چاہے سہ اندرون جنگ چھُ یا بیروٗن

یِتھ پاٹھۍ چھُ یہِ کتھ واضح سپدان کہ کاشرِ زبانہِ منز ترجمہٕ سپدے متِس

گوڈٕ پھیٖرِ یِمو مہاگوٗت پرٛان کاشرِس مَنٛز تہٕ پتہٕ کاشرٕ وٕکھ مُکمل مہابھارت تہٕ کاشرِس اَدبس کوٚرکھ مقٲبلس لایق بُرٛزر۔ یہِ چھِ وِرِیہِ وادن ہُنٛز اَرزٕ۔ وٲسہِ مُنی لیس چھ مہابھارت لیکھنہٕ خاطرٕ ترٛے وٕری لٔگمِتی۔ وٲلنہِ ہِنٛدِس یِتھ پٕراوَس پیٹھ شٔہل شہپار مُتہِ سادھنایہِ ہِنٛز وَتہٕ رٔٹنی چھِ اکھ بُڈ کتھا۔ کمازاہ ہیمتھ آسہِ یمو کٔرمٕژ۔ یِہِنٛز یہ اَدبی سادھنا چھ سانہِ خاطرٕ مِثلِ راہ۔ اَسی چھ انگریز وِلوٚ یارس چھیپہ لگی مِتہ تہٕ یارے۔ وارے کلچرکی زرخرید غُلام بنِتھ پینن مقٲبلن لایق آسُن مُتراوِتھ جرمنی تہٕ جاپٲنی، روٗسی، تہٕ چیٖنی، امریکہ تہٕ برطانوی سکالرن ہُنٛز مِثالہٕ دِتہٕ پننہِ ناتوانی ہُنٛد مُظاہرہ کران حالانکہِ سون اَدبی سرمایہٕ چھُ یِمن زبانین ہِنٛدِ اَدبہٕ نِش تواریخی تہٕ فنی اعتبارٕ سوچ فِکرٕ تہٕ وِژارکہِ اعتبارٕ زیادہ موٗلُک تہٕ قٲبلِ توجہ۔ پننی ثقافتی ورثہ نِش محروٗم کرنچ یوسہٕ سازِش انگریز حاکمو نوٗلامی ہِنٛدِس دورس مَنٛز ورتاوس اٲنی تمیُک زہریلہٕ اَثر چھُ اَز اَسہِ وِہترِ پیوان تہٕ حالات بدلنَس لگہِ وُنہِ واراہ وَق۔

مہابھارت چھُنہٕ خٲلص اکھ جنگ نامہٕ یا بودِھ ناش گامتین کھتری رازن ہُنٛزِ سمہارٕ لیلایہِ ہُنٛد اُچھوٗ دٕچھمت حالے یوت۔ مہابھارت چھُ وِژار مہابھارت چھُ گیان، سوچ تہٕ ترک، مہابھارت چھُ درشن، تواریخ، راج نیٖتی ہُنٛد سَرچشمہٕ مہابھارت چھُ اِنسانی قدرن تہٕ مذہبی عقیدن ہُنٛز تفصیلی باوتھ۔

دانہٕ نٕژ پرزناوی لوٗ پننٕ پتہٕ بجر۔ یہِ ڈٕدٕوٕن لَد اَز کالٕ پتیٖمہِ گاشراوہٕ تہٕ پگہکہِ پھولوٕنہِ سیری یہِ کہِ ترٛزٕرٕ سیتی وُشنہِ یہِ سوٗن ترٛشیوٕمُت وجوٗد۔

باعنوان مأبن چھُ مہابھارتکس قلمی نوٗسخس پٔیتہٕ کنہِ لوٗت پأٹھی یہِ شاہ لیکھِتھ تھوٗوُمُت تہٕ اَمی سیتی واتہٕ ناوِ بہ تہٕ پننہِ کتھ اَنڈ۔

شبنمَ سنگ دِتھ پولُم مےٚ دِیہہ کیاہ
اُپزٕ پوٗز کرِتھ تھہکَ بوٗزُم چاہ
پتہٕ انجام وُچھتو کیاہ مےٚ سپدیو
زِنٛدٕ بنہِ پیٹھ لُدِتھ پنہٕ نوٗ دِتُم داہ

اول دِسمبر ۲۰۰۰ عیسوی

# سوزِ جگر میثون

[برجہٕ ھاکی]

## اَکھ تنقیدی جائزٕ

'سوزِ جگر میثون' شاعر سۄبرنہٕ ہُنر گو نمانتھ چھُ پنڈت برج ناتھ ھاکی یِمن اُسی لولہٕ تہٕ مایہِ سان برٛجہِ ہاکی وَنان چھِ۔ یِم زایہِ پلوامہِ تہٕ شُپینس منٛز باگ بُتھ ھوالہِ نمامس منٛز ۲ اگست ۱۹۳۹ عیسوی پنڈِت شرٛیدر جو بٹ ماٰبنہِ گرِ یِم پیتہِ کنٛی زمیندار آسنس ہتی ہتی پٹواری آسی۔ مایہِ اوسکھ ناوسائپنہٕ کنٛج بابہٕ ماٰب ییٚلہِ سورگہٕ واس سپدکھ تمہِ وِزِ آسی یِم حرف نوٕ وٕہری۔ پریشانیو وۄلکھ ژو پاٚری نال۔ یِتھہٕ تِتھہٕ کوٚرکھ پلوامہِ ہائی سکول پیٹھہٕ میٹرِک پاس تہٕ آیہِ دُلی یائی لوہ لنگرس منٛز ہینہٕ۔ زِندٕ روزنہٕ خاطرٕ کشمکش کران پیوٚ یِمن سیٹھاہ کیٛشہٕ ژالُن تہٕ پاٚنی پانس منٛز وِیپرُن۔ نتہٕ وورتہٕ پیوٚکھ وَقتس تالیم پرٛاوُنہٕ خاطرٕ ژاڑٕ نال گزرُن۔ یِتھی نے حالاتَن منٛز آیہِ یِم خودا دوست

[illegible]

گنگادھر بٹ دیہاتی [ ۱۹۷۸ - ۱۹۱٦ عیسوی ] یِمو پاٹھ لاہور یونیورسٹی پیٹھ میٹرِک
اوٚس کوٚرمُت ۔ یِم تہِ آسی شارٕ وَنان ۔ گنگادھر دیہاتی اوس دٔیہ ناوس تہٕ لول بران
۔ یوٚہے چھُ وجہ کہ لوکہ چارٕ پاتے ہیوٚت بٔرجہٕ ناکی حق پٔرزناوٕنچ کوٚشش کرٕنۍ ۔ لیکھنچ تحریک
میٖنجکھ گوٚرس نِش ۔ یوٚدوے کِتابہِ منٛز چھُ یتھ کتھِ کُن اِشارٕ کہ یِمٕنٛزِ ماجہِ ساٚنٛیہ کُنٛجہ چھُ
یِمن لوکہ چارٕ پانے گوٚرٕ ووہٕ بدلیش دِیتھمُت تہِ کیاژِ برہاہ گُذرٕنہٕ پتہٕ آس تِمہٕ سادھنایہ
ہٕنٛزٕ وَتھ رٕٹمٕژ تہٕ نٔتھہٕ پربات آس الشرٛس یوٚز کران ۔

ئمی پاسہِ آخر دِیت مےٚ حِس ووٚتھہٕ روز پٔراران درشنس
صفحہ ۳۱ ۔ گوٚرٕ ماجہِ آلو دِیت نمے شاہ ڈلہِ نِشہٕ مے اَز جُنجہ دَمے

یا

صفحہ ۴۴ ۔ گوٚرٕ ماجہِ ہٕنٛدِ ڈٲیہ پان گوم بےحِس ناکی روزٕم کھس وس
لس گوم مس پٔیوم یام اکِہِ کھیتے پہٕ تاپہٕ پنے گوس

گوڈنچ بأتہٕ کِتاب گرکھ چھاپ کرٕشن بھکتی دوٚیِم مثأنۍ آلو تہٕ تریِٚم سوزِ جِگر میٖون
نیٖمیک اَز وِموجن یا رسم افتِتاح چھُ سیلان ۔ کینٛہہ کالاہ کٔرِکھ ٹیلیفون محکمس منٛز تہِ
نوکری لیکن راس آیکھ نہٕ اِستفاح دِتھ وأتی گرٕ بنُن ۔ تجارت کوٚرکھ شوٚروٗ تہٕ باپأری آیہِ
وٕرایہِ گرایہِ ماران یارٕ بٕنٛدِ آمادٕ عشقنس بازرٕس منٛز خمارٕ چشمو کٕمارٕ وُچھنے ۔ اَز کل چھہ بٔرجہِ
ناکی باپأری چالہِ دُرگانگر جینٛمِس منٛز روزان تہٕ ہرؠنٛزاَسہ ژُنہِ ہیوٚ نچہ عاشقانہٕ انداٖزس منٛز
بٔری بٔری مَس پیالن راچھ راوٕٹ کران ۔ ہے نہ چھُ پانہٕ جوان تہٕ نہٕ چھُ چاوٕ ناوان ۔

کاشرِ زبانۍ ہٕنز اَکھ پایہٕ بوڈ عالم جنابِ محمد یوسف ٹینگ صاب چھُ لیکھان ۔ "برجہ ناگی چھُ نال کہِ دیگجل گامک روزن وول سیٚود تہٕ شوٚد آدم ۔ سانہِ امل کٲشرِ ہُنز رُتھ ہٕ یرتھ تہٕ برتتھ ہیوٚ"۔

"سوزِ جگر میتوٚن" پیٚیہ چھاپ ۲۰۰۱ عیسوی منٛز ۔ اتھ منٛز چھُ کُلس پیٹھ ۴۲ ورٲن باتھ تہٕ کینٛہہ نظمہ ۔ کاشہٕ پھیوٚت عنوانہٕ چھُس ٹینگ صابن سرنامہٕ لیوٚکھمت ۔ سہٕ تھاہ جان تہٕ زبر ۔ یا مانے تہٕ پراثر ۔ یس موضوعس تہٕ سنہٕ وٲن ۔ کتاب پٔرتھ یا سیٚود مٔے کہ برجہ ناگی چھُ کٲشرِ صوٗفی شاعری ہیٚتھ متاثر سیدیتھ صوٗفیانہٕ اَنداز منٛزی عشقِ حقیقی ہُنٛزِ وتہٕ پیٹھ مستانہٕ آیہ قدما قدما بروٚنہہ پکان ۔ برجہ ناگی تہٕ چھُ پرہیزگار ۔ علمہِ عرفان یاتے عشقِ حقیقی ہیٚتھ زان بڑھاونہٕ خاطرٕ گورس موٚنہٕ پیٹھ کرتھ تہٕ نبرٕ پیٹھہٕ اَندر اَژتھ اَندری اَندری شٕہ وُہن کھن ستان تہٕ مانے تاران ۔

شہٕ مقام بیٚتھ پرٕتھ کانٛہہ وجوٗد الشرس ہیٚتھ مدغم مانہٕ چھُ یِوان گو صوٗفی ین ہنٛدِ مطابق وحدت الوجوٗد یوہے وحدت الوجوٗد چھُ ہندوستانکیو شیو فلسفو منٛزاکس فلسفس ییتھ اٗسی ویدانت وَنان چھُ سہٕ تھاہ نزدیکھ ۔ اَتہٕ چھُ اٗسی مانان کہ برم برہم چھُ یار مار تھک یاتے پرزٕ ۔ یہٕ بدلوٗن تہٕ ستاتن یتھارتھ تتو Absolute Truth علمہِ عرفان یاتے تصوف چھُ عشقِ حقیقی پراوُنٕچ وتھ ۔ مجازی گو دُنی یاوی ۔ دیہ شند لول یا محبتھ گو صوٗفی ین ہنٛدِ مطابق عشقِ حقیقی تہٕ دُنی یاوی عشق یا کُنہِ مجازی چیزس ہیٚتھ عشق گو عشقِ مجازی ۔ گو دنیا ناتھس ہیٚتھ عشق چھُ عشقِ حقیقی تہٕ وُدوٗنہٕ

زوٗل مالہِ سیتی زھالہٕ مارٕوٕن عشق گوٚ عشقہِ مجازی ۔ حقیقتس سیتی میٖل گژھنچ کیفیتھ گیہِ وجد یا وجدآنی کیفیتھ ۔ برٕجہٕ ناکٕین عشق چھُ سیٚدِ سیوٚد دنیا ناکھس سیتی وابستہٕ ۔ تصوٗفہٕ سیتی مُتاثر سپدِتھ چھُ بایَرُ برَجہِ ناکی عشقکہِ کتھاہ منٛز واریاہ ووٗزمُ تِلُتھ تہٕ لے وایہِ ورتاوس اوٚنمُت ۔ یوٚدوے گوٗپس تہٕ چھِن شیٖرپوٗش لگمتی تہٕ قناعت نفسس بہتھ تہٕ چھِن نظر دوٗرِ ناوٕمٕژ ۔ لیکن بیشتر چھُ ناکہٕ ماب عشقس تام محدوٗد روٗدمُت تہٕ سپُداہ پُر اثر تہٕ شوٗبہِ دار بادتھ چھَن کرمٕژ ۔

مۓ باسان کہ صوٗفی خیالاتن ہُنٛد اظہار کرنہٕ خاطرٕ گژھِتھ آسہٕ منقل وُنان ۔ مَن اَسمانی وُڈان تہٕ جانانہٕ سپدِتھ کل گنان تہٕ اَدٕ وُچھتوٚ شاعر کِتھ کرِ لوٗس للہٕ کھوٗل تہٕ برٕجہِ ناکی کِتھ باگرادِ بُری بُری مس پیالہٕ ۔

یتیٖتھ چھُ بیٚیِس اَکِس کتھِ تہٕ واش کڈُن ضروٗری، ہِنٛدوستانس منٛز چھُ کرشن بھکتی منٛزتہٕ لول آمُت ورتاونہٕ ۔ وُچھِو گوٗپی کِتھ چھِ کرٕ بار ترٛاوِتھ راس منڈلس منٛز راس گِنٛدِتھ راس بہاری سُنٛد رَس چوان یا میرا وُچھوٗن کِتھ چھِ لوٗکہٕ لزٕ ایٚہ لیتھ دِتھ سرِ عام کرشنہٕ لوٗلس للہٕ کھوٗل کران تہٕ زہر پیالہٕ لولہٕ اَمرِتھ زانِتھ نوش کران ۔ گوٚ نِرگُن بھکتی ہِنٛدِ پاٹھٕ چھُ سوگُن بھکتی منٛزتہٕ لول ورتاوس آمُت ۔ نرگُن منٛز چھِ صوٗفی شاعر مجازی پٹھٕ حقیقی تام سفرس نیرِتھ تہٕ مُختلف منٛزِل یا پڑاو [شریعت تری کت ۔ معارفت ۔ تہٕ حقیقتھ] طے کرِتھ مُختلف اوستھایہِ [ناسوٗت ۔ ملکوٗت جبروٗت تہٕ لاہوٗت] براوان ۔ حقیقتک منٛزِل گوٚ انل حق یانے اہم برہموسمی تہٕ

اَکھ مُنزلس پیٹھ سادھک یوسہٕ اوستھا پراوان چھُ تتھی چھِ وَنان لاہوت یانے لَے اوستھا۔

بہٕ زھوٹ راوِ وونی یہِ کتھ ۔ مےٚ چھُ یہِ وَنُن زِ بَرجہِ ناکی چھُ عشقچہِ مایہِ ضوٗرٕ وٚ دولت ۔ مگر پننہِ ثقافتی وراثچ گُن بجر ۔ اَدویت وادی درشنک اَثر، سوٗہم سوٗہگ وِشواس گۆ ییٚتہٕ پیٚٹھ میترِ ہنٛز میترِ ملون سۆن پانٛژن ساسن وٕرین ہُنٛد پیٚٹھ کمال تہٕ اَرمکی سونٛہری باب چھِ نہٕ ہیکھی مُشرِتھ ۔ سُہ چھُنہٕ مول پڑاٹھ درامُت لولہٕ بازرس مَنٛز مَس چیٚنہٕ یا چاونہٕ کیٚنہہ ۔ سُہ چھُ پننہِ زمیننہِ سیٚتی سیٹھاہ مُستعدی سان وابستہٕ روٗزِتھ یارِ جانانہٕ ہنٛز کتھ کران ۔ بھکتی شاعری ہنٛدی مختلف اِظہار چھِ یتھ شارہ سوٗمبرنہٕ تلہٕ چھاوے کران ۔ اسلئے چھُ مےٚ ییٚوان بار بار سوچُن زِ بَرجہِ ناکی چھا خالِص اَکھ صوٗفی شاعر کنہٕ بییہ تہٕ کیٚنہہ ۔

حقیقتس سیٚتی میٚل گژھنچ کیفیت گیہِ وجد یتھ اَسی اَدویتس مَنٛز آتم وِسمرتی وَنان چھِ تہٕ وجدٕ آلۍ کیفیت چھِ سو اوستھا یتیتھ عاشق عاشوقس مَنٛز لے پیدِتھ عاشوقِ حقیقی ہُنٛدِ نوٗرٕ سیٚتی مُنوٗر ([illegible]) چھُ سپدان ۔ شُبھ شکل چھِ تصوفس مَنٛز اَکہِ مقامچ نِشاندہی کران تہٕ شُبھ شکل وٕزنی گو نظر موکلنہِ یا زان کاربنہٕ ۔ نوٗرِ حق پَرزناونچ سکت پراوِتھ بنن تہٕ پرد مُشرُن ۔ ییہے گیہِ آنند اوستھا تہٕ سالک چھُ ییہے آنند اوستھا پراونہٕ خاطرٕ یارِ جانانس جانہٕ عزیز بچھاونٕ کرِتھ مالہ پھیرِتھ کوشش مُسلسل کران روزان یتھ اَسی سادھنا وَنان چھِ ۔ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ وِزِ چھُ ضوٗرٕ سر تلہٕ سۆن سپدان تہٕ عارفتُک

مۆے چھیتھ چھُ سائِک اَدبَس کِہ [अलौकिक Super Natural] نوُ یہ سپد
گاہ ٹراوان تہٕ یہوے گوٚ ہِندوستٲنؠ فلسفہٕ مُطابِق برہم گیان پراوُن ۔ سادھنایہ
ہِندی مُختلِف پڑاو طے کرِتھ چھُ صوُفی حالچہ اوستھایہ پیٹھ واتان ۔ صوُفی تہٕ چھُ اکثر
وادی یانے اَکِس تھو دالیس پابند ۔ تس چھُ سہ مانان پرم سیتہ (Absolute Truth)
لیُس حُسنُک اَگر چھُ تہٕ یوٚہے حُسن چھُ صوُفس کل کڑان ۔ کل گٔژ راوان گاہے ودِ
ناوان ۔ گاہے داوس لاگان گاہے گِلہٕ شِکوہ کرناوان تہٕ گاہے اُشہ وانہٕ یارِ جانانس
یاد چھلہٕ ناوان ۔ کٲشِرِ ہُنر چھِ اَکھ پرٲنؠ رلوایتھ یِیلہِ میہمان اوس گرِیوان کالچِنس
اُسہِ تمِس گرم پانہِ کھوٚرِ یوان چھلنہٕ تہٕ تمہِ پتہٕ اُسس بتہٕ کھیاوناوان ۔ ہے اُسہِ ہے
پرٲنؠ عاشق چھِ ۔ برِجہ بالیُن شاعِر چھُ عِشقہٕ بیمار ۔ دود چھُس گومُت سُنیتھ سہ چھُ
طبیبہٕ ہِندِس تلاشس مَنز وانہٕ وانہٕ پھیران یا در انتِظار روٚزِتھ کھینہٕ کھینہٕ وٕلوُن
ویہہٕ ویتران ۔

یہ رِکیتھ دود زاٚوِیُل سیٖشومُت بیمارس ۔ طبیبا بُنتھ یِم چھُسے اِنتِظارس
دوا تیٖتھ مے کرِتم بلیم دود پانے ۔ نِگیمَ ریہہ خُمارس گژھیم اَکھ بہانے
مے ہتھوو مُت بِنَن دِل اَتھن کیتھ چھُ کترِتھ ۔ جِگر پارہٕ گومُت یوہے چھُے ترے دفترِ شعر ۱۵
غزل ما چھیٹیم یتھ نہٕ راویم بیانے ۔ نِگیمَ ریہہ خُمارس گژھیم اَکھ بہانے
برج بالینِ یِیمہ شاعِرہٕ سومبرنہٕ ہُند مرکزی موضوع چھُ عشق ۔ یِیتہِ چھُ عشقُک مطلب
اتھ ھیون دیہِ لول ۔ شاعِر چھُ وُلس گوناں یانے اَمیُک گون گیوان تہٕ کیازِ تس چھُ نارِ

ذراو سون بنیپح کل گینمتر۔ سہ چھُ بنہٕ لس جانانس عشقچہٕ سۄنہری نالکلہِ گنڈنس منز گنڈنہٕ خاطرٕ بے قرار۔ اَتھ وَتہِ پیٹھ چھ گاہے عشقنہٕ کرٕلے تتان تہٕ اَندری چھ وُہنہِ لگان تہٕ گاہے چھس یار ژھانڈان ژھانڈان بنُن تہٕ پرُدمنان تہٕ نبرٕ پیٹھٕ اَندرٕ اَژِتھ اَندرٕ کر گاران تہٕ روحانی فاٗص لبان۔ بنُن یان سرٕ کرُن تہِ چھِ ہُدکھا۔

پوشہِ وُن چھُپنہٕ کینہہ کیاہ چھُ پوشان    سرٕ کر پالو پنہٕ نے ُ پان
کم اَڈٕ پھلی گل برٕ چھ    گرژھان    سرٕ کر پالو پنہٕ نےُ پان
اَبرٕ چہٕ پھلیے مو برٕ    چاو    ہوش دار گوش تھاو غفلتھ تراو
مل تراو ڈل وُچھ گتھ ماران    سرٕ کر پالو پنہٕ نےُ پان    صفحہ نمبر-23
پالو سرٕ کر پنہٕ نےٕ    پانےٕ    اَمہِ استانےٕ کرُو دیدار    صفحہ- 83
اَندری اَندری کیاہ شوبانےٕ    اَمہِ استانےٕ کرُو دیدار
کمہِ تانی سازک سۄز وُزانےٕ    سرٕ کر پانےٕ بوزان روز
پیرس ڈٔلی زیم چیپرٕ دامانےٕ    اَمہِ استانےٕ کرُو دیدار

اِنسان ییٚلہِ دُنیاوی لوہ لنگرس منز ہینہٕ یتھ مادی فطرتک شکار پیدان چھُ سہٕ چھُ حق سُبحانس نش پانے دوران تہٕ چھِلہِ چھِلہِ پیدٕ یتھ چھکرٕنہٕ پوان۔ اِسلئے بقولِ شمس فقیر پانٔ ٹرزٕ ناوُن چھُ نہایت ضۄرۄری۔

(کاشُر صوفی شاعری)
چھکھے بہنا ڈُنی دلیوٕ پانس۔ تس نادانس کر ژلہِ ژھاے    صفحہ -359
بڑچہٕ ناٹی چھُ یارِ جانانس ژنگہٕ ژنگہٕ لول بران تہٕ لولہِ منز للہٕ وان۔ کُنہِ چھُس گلہٕ غۄصہٕ

تہِ کران تہٕ کُنہِ لولہٕ مَتہٕ لاے ۔ سُہ چھُ ییٚنہِنِس دِلکِس اُنہٕ خانَس مَنٛز جانانَس سالہٕ اُنِتھ پیالہٕ برداٗری کران تہٕ وَتَن چشمہٕ وِتھراں ۔ بقولِ شمس فقیر تَس چھ اَکُے ارمان ۔

صفحہٕ ۳٦۰ ۔ ناوِ نا دیدار ہیٚنیم نا مُلی یے
شمس فقیرن چھُ وعدٕ کوٚرمُت ییٚنہِنِس پالَنَس سیتی کہ

صفحہٕ ۳٦۰ ۔ نالہٕ مَتہٕ رٹہٕ ہن ییٚنہِ نا ژھُلی یے
برٛچہِ ناگی چھُ یارس پروانہٕ لاگِتھ گِتھ کران ۔ تَس چھِ جاوی گرن اماریکی جاوی گرِتھ ۔
سُہ چھُ اَمہِ امارُک نار لَلہٕ وان یار ژھاران تہٕ بار ویتران ۔

یارٕ سے پروانہٕ لوگُم جان گوٚ      مَتہٕ ییٚنہٕ نوٗرانہٕ ہوٗوُم جان گوٚ
یار ژھارن بار ویتراوُن چھُ کرٛوٗٹھ      ییوم ییتراوُن مےٚ پالَس جان گوٚ
صفحہٕ ۷۱م ۔ چھُس وتن تہٕنٛزن وُچھان یہٕ راتھ دوہ      بس غوطن اَندرٕ دِوان گِتھ جان گوٚ
روزی نن مےٚ پوشہِ وَن تہٕنٛدٕ امار      نار لَلہٕ وُن چھُم امارُک جان گوٚ

وَنُن گَیہِ اَکھ کتھ تہٕ احساسہِ حقیقتھ چھِ بدٕلے کتھا ۔ باخبر سیدٕن گوٚلے خبری ہشدِ ژُھپہٕ مَنٛزٕ نمبر نمبرٕ تہٕ پکھن واش گُڈِتھ وُڈو کرُن ۔ خام آسِتھ پُختہٕ سیدن گوٚ محرمِ راز سیدُن ۔ بقولِ احد زرگر

صوفی شاعر جیچہ ۳ صفحہٕ 216 - 217
یام زاٗو جار آم ڈیشنہٕ لولو      تام پوٚچھر گوم ییٚنہٕ ییٚنہٕ لولو
خام سیدُس پوٚختہ جام چینہٕ لولو      تام پوٚچھر گوم ییٚنہٕ ییٚنہٕ لولو
یہِ چھِ ممی کتھ زِ لولہٕ ہتی آو تہٕ لولہٕ ہتی وِیداکھ چھِ یہِ ڈیلہِ زِ تہِ سنگدِلن تہِ شیشہٕ مانٛز

ہؠندِ پانٛٹھۍ ولیگلاوان ۔ یہِ چھُنہٕ کاکدٕ لیکھِتھ کیتھٕ وتان یا ویٚرھناوان بٔلکہ ذٲتی تجرُبن ہؠندِس بِناہس پیٹھٕ اوٚش ہاران تہٕ پننُی دوہ رٕتُھ سپنہٕ مُشرِتھ بالہٕ یارس دُھٹُن ہؠنٛز شیٚہچھ اُچھوُدسی بیان کران ۔ یمن شارن مَنٛز چھِ زبردس ترٛپ ۔ دِلچہ بے قرٲری ہؠنٛز غمناک یادہٕ تہٕ دُدِمہتہِ ہرٛدیچہ لولہٕ دگہِ ہؠنٛز ویٚہہ تلٕوٕنۍ بے قرٲری یتھ مُدعا چھُ جانانہٕ ہؠنٛزِ لولہٕ منقلہِ [نارِ کونٛڈل] مَنٛز نارہٕ یان زٲلُن یتھ زن تیٚشنٛدِ تہٕ میانہ آسنکٕ ہؠنٛز مستقل طور اندٕ واتہٕ تہٕ دوٚن سپدِ کُن ۔ یمن چھُ یقین کہ یارس سٟتۍ میٖلُن سپدُن گوٚیا پانس سٟتۍ زان سپدٕنۍ ۔ یہِ چھِ سو اوٚسھتا یتھ ہؠنٛز اندٕ واتِتھ کینٛس سٟتۍ میٖلُن چھُ سپدان ۔ یتھ اُسی لۓ اوسھتاونان چھِ ۔ برج نٲلی چھُ لۓ سپدنہٕ خاطرٕ یا یارِ جانانہٕ سُندٕ دیدار ہؠراونہٕ خاطرٕ لولہٕ سازِچہ تارِ زیرٕ دِتھ یتھ پننُی سپرباوان ۔

ییتہٕ ساتھا کٲلی ماژلہٕ یو — بہٕ نابلہٕ یو دیدارے

ییتہٕ چانے بیمار بلہٕ یو — بہٕ نابلہٕ یو دیدارے — [illegible] 65-

ڈٕنی منے دِلٕ مے تہٕرن تہٕ گامن — یالہٕ یامن ٹھوکھم جاے

سادِ زٲنی تھس وعدٕ ماڈلہٕ یو — بہ نابلہٕ یو دیدارے

دٲنی دٲنی وٕج منے چانی اَمارن — لولہٕ نارن کھارٕنم گرٕکھ

شیشنہٕ مانٲنی زن دٲنی دٲنی گلیو — بہ نابلہٕ یو دیدارے

سادھنایہِ مَنٛز چھُ کام ۔ کرٛودھ، لوٗب، موہ، مَد یا اہنکار دراصل نفسِ شیطان ہؠندِ موکل در ۔ یم چھِ سالکہٕ ہؠندِ وتہِ پیٹھٕ بم ٹھٕری یم تمِس گاشلِس مَنٛزتہِ گٹہٕ زٕوٕل تلان چھِ ۔

پننٕ پانٕ کاتژِ اَنُن گو زِندٕ مرُن۔ تس چھُ یقین کہ شیطان پژکرِتھ تہٕ نکھرِ مأل چھ لرِ لۄر پکان۔ کاوس کرِ نۄکھ ستہٕ مابنہٕ شران کرٕہنبر ژ وٕ تس نہٕ زانٕہ۔ بژ رِچہٕ ثابس چھُ یقین کہ طمع ژراوِتھ تہٕ سنتوش برأوِتھ نفسہٕ شیطان کاتژِ اَنُن چھُ نہایت ضۄرۄری لل چھ وَنان۔

نفسے میون چھُے ہۄستے
اَمی ہستی مونگنم گرِ گرِ بَل
لچھِ منز ساسہٕ منز اکھ لوستے
نتہٕ ہیتی ہم ساری تل

تہٕ نُندٕ ریوش سہزانند چھُ وَنان۔

نفسی مورس تہٕ وارے۔ اُژِتھ رۄدُم گٹے
اَکھِ وسن بینہٕ ہم تہٕ بارے۔ کرتل ژھنس ہٹے

احد زرگرِ تہٕ چھُ اَتھ کتھِ بیتھ واش کڈان

موہ لۄب کام ژٕلِتھ ژھٹھ اہنکار
کرژ دیناش پیدِتھ سۄہم گار

کلیاتِ احد زرگر
صفحہ - ۹

تہٕ برچہٕ ثأکی چھُ کاینات ژ ہشدین یمن ٹشترن نِش لۄب روزِتھ تہٕ بہنہٕ آسنکُ مرژد لتہٕ موشنجہٕ کرِتھ یانے مدِ وسِتھ تہٕ یان حدژٕلِتھ مو رکھ بودھ ہشدیم ریشم زال ژٕلِتھ ژراوان۔ سہ چھُ عشقکُ چمن سگہٕ وان تہٕ بو مبرژٕلِتھ بہنہٕ گینگہٕ لاے سہتی ماحول

پُرا ثر تہٕ دِلکش بناوان یتہٕ سیٖتی سائکس وتہٕ کھٹھرن لِنشہٕ جردار روزنچ ییھہٕ زیٖنہٕ
وُن دِوان۔

سُل چھے میٖل کرِ پرانس تہٕ ژیانس    نفسہٕ شیطانس کر زوالان
معرفت دامہٕ چیٖنہٕ بَن دُبالی    عشقہٕنی جامہٕ گُییم نالیے    صفحہ-13

یا

اہنکارچ کار بانہٕ ٹمراو    پھل بارِ سیٖتی یان پُرناو    صفحہ-24
سَم روز دمہٕ دمہٕ بَنہٕ اَدزان    سرکر پانو پنہٕ نُے یان

یا

کام کرۄدھ لۄب مۄہ اہنکارے    دزوِنہٕ نارے موکلاوتم    صفحہ-29
دیا درشٹی گژھیم بہاتے    لاگے دانے دانے پوش

یا

یٲنتھ ژور گاٹِلن    کمہٕ مدِ واٹلن    صفحہ-66
دۄن ادِ کُن گوم    دۄن گوم بالے

یا۔ کیازِ چھکھ دۄلت نفسہٕ اَمارن    شاہ مُنتری کونہٕ چھکھ گارن شاہ    صفحہ-38
زیرِ سیٖتی پھیری روز ویتارن    چھس بہٕ پزارن وُنہٕ نےٚ آم

یہ کتھ دُنیہِ منٛز بڑونٹھے کہ برژہٕ ناگی چھُ بنہٕ میٹرِ سیٖتی گہرائی طور والبتہٕ۔ تہنزر باوژ
ہُشدر فکری یوت منظر چھُ سُتھاہ سون۔ تس چھُ وِشواس کہ اَدویت چھُ اصل

حقیقتھ یوسہٕ کاینات ہنٛدِس ذرَس ذرَس منٛز نظرِ چھُہ گژھان ۔ باقی چھُہ سورُے بے مانے ۔ اَہم بڑہمو سمہِ یانے سوٚہمک تصوُر چھُ تَس عشقچہ گژکہٕ وُنہِ کرٛایہِ مَنٛز شہجہ بورہِ ہُنٛد شہجار دِوان پننہِ میٹرِ ہنٛزِ خوش بوے ہنٛد ایحساس چھُ سہ پتھ کرناوان ۔

صفحہ - ۶۷ - منہٕ وان منہٕ وان یارس ونہٕ وان سَر کر پننےٚ پان
تی بہٕ تہِ تی ہُہ تہِ تی سہ تہِ لی زان سر کر پننےٚ پان

یا

سوٚہم سوٚ ژان اگیانہ وانس وات ژھکانس سوے چھےٚ زان
پھیر گژھہِ نیران تول پرمانس تَس لامکانس سہتی تھو زان
پزرک پوٚنی تھو تیرتھہ بانس توکل وانہِ ناو تھانس پیٹھ
اوم ہے کوم کر شینکن بانَس لَس لامکانَس سہتی تھو زان

یا

از دوت وُچھِتھ آنٛد اَم آنٛد گنہٕ ہے کر پرنام
صفحہ - ۳۱ اوم اوم بران اوم بوٗزمے شاہ ڈیوٗنٹھےٚ اَز صبحہِ دمےٚ
پرکاشہ تہنٛدے بژان چھل زالتھ تھوی اُنٛدرِم سہ مل
برچہِ تالی تہٕ بینی تہٕ بینی ژیو نیےٚ شاہ ڈیوٗنٹھےٚ اَز صبحہِ دمے

نہٕ حرف تصوفچہ شاعری منٛز بلکہ ساری ہے ہندوستانی بھکتی شاعری ۔ سوگن زِرگن

دوٚشوٗنٛ منٛز چھِ گوٗرس سٮ۪ٹھاہ اہمیت دِنہٕ آمٕژ۔ کبیر داس چھُ ونان الٚشرٕ تہٕ گوٗد آیہ دوشوٕے مےٚ برونٛہہ کنہِ۔ مےٚ ترٚوو الٚشرٕ تہٕ گوٗرس ژیٚم یاد تہٕ کیازِ اَمی گوٗرن ہاوٕ مےٚ الٚشر منٛز وتھ۔ اَمی کھوٗر میٚون زنم رتھِ۔ یہ رٕلوایتھ یانٛے گوٗرو وندنا چھےٚ اَسہِ کاشرِ بھکتی شاعری منٛز تہِ ترٚو یارِ لنظرِ گژھان۔ صوٗفی تہٕ ہیٚکہ یہٕ تصوٗف چہٕ وتہِ بیٚہہ پیٖر ہنٛزِ زیرِ ورآے قدم تہِ تٕلیتھ۔ پیٖر چھُ اَمِس رازس محرم کرناوان تہٕ گلہِ گلہِ مَس پیالہٕ چٮ۪نہِم کل کڈان۔ کاشرس سنت کاوِس منٛز تہِ چھِ گوٗرس وِزوِز شیٖرِ پوش آمت لاگنہٕ تہٕ بٔرتھ سنتس چھُ پنُن کانہہ نتہٕ کانہہ گوٗر اوسمُت۔ یہ گوٗر شنٛدش پرمیسرا چھےٚ رٕلوایسی طور پتہٕ وتہٕ بیٚہہ چلان رٕوزمٕژ۔ بٔرجب ناگلی تہٕ چھُ پیٖر شِنٛز پیٖرِ نکھہ بہتھ تہٕ لسشٕہ دامن ژٔلتھ ترٕن بھوٗنن سائل کرنک اَمار لولہٕ للہٕ وان تہٕ ژٔالی وٕاَلِس نکھہ بہتھ پانَس اَنٛدرٕ تہٕ ذہنَس وُہٕنہ ناوٕچ کوٗشش کران تہٕ عمل ورتاوِتھ دِمل سپدان۔

پان جان وندہٕ ہاپنٛنس پیٖرس — سیٖرن چھُم سَرپوش

67 - دیٖت مُت کیٚنژہا لولہِ چھُس للہٕ وان — سٔر کرِ یہٕ نےٚ پان

پیٖر کیتھے چھےٚ لقینن سیٖرس محرم کران تہٕ محرم سپدتھ چھُ سائلِ حقِ سُبحانس نکھہ پِوان۔

74 - پیٖر کیتھ چھےٚ سیٖر گژھ لوزان — کھل چھِ بٔرِ بٔرِ بھل گژھ سوٗمبران

دانہٕ دانٮ۪ پانہٕ شیٖرُن یِے — پان بیٚون یِے یارُن چھُم

شہ چھُ سائلِس یہِ ترینہٕ ون تہِ دِوان کہ۔

پیپرس سپاے ہتھو سپر ملون — سأل کرناوی ترین بونَ

شلوک-36

پیپر کیتھ سپر چھپے مو موٚلہ ناو — غأفلو چیسہ پھپیر غفلتھ ژراو

برٚچیہ ہأو چھُ شاسترن ہُند شیشتر و قرب تہٕ زوپ مُت۔ تس چھُ بگوانس سپدن زان کرنچ کل بے قرار کران ۔ بھگوان چھُ دراصل روحأنی ستر تک آگر۔ حقیقتچ علامتھ۔ نورِ الہٰی۔ شوزر۔ پزر، سُندرتہٕ آنندُک بے مثال میٖل۔ سُہ چھُ برٚتھ شایہ پرٚتھ وزِ تہٕ برٚتھ انٛد۔ شأیر چھُ بھگوانس پرٚتھ تہٕ پرٚتھ لول بران۔ ویدانت، شومت تہٕ بھکتی تحریک چھِ تس ڈٕکھس یوہے گو ہیٚبتہٕ چہ میتر ہُند رل اَمیچ پزریہ ؤتیہ سو گنٛدھ ہیمہ تسُند ذہن مُعطر چھُ کورمُت ۔ ویدانت تہٕ اسلأمی تصوفُک میٖل چھُ تہندِس کلامس موزون رنٛگہ کھزر بخشان تہٕ اہم بناوان ۔ اوم یانے ست ۔ شوتر سُندر [The Truth, the good and the beautiful] یمَن ترٛن چیزن ہُند لوٚبہٕ وُن میٖل لُس مرف پرم برٚہمس منٛز پرم جیوٚت بنِتھ تصوفُک نوقطۂ نظر کِنہ ماشوقس منٛز عاشقس درشن چھُ لبان ۔ بھگوت گیتایہ منٛز چھُ اوم ایک اکھشر برٚہم سُند موٚدر احساس ۔ اوم چھُ انل حقُک نادیس بوٚزِتھ زلیوٚن تہٕ مرُن ۔ ین تہٕ گژھُن، جوأنی تہٕ بجر بیتھ کال از کال تہٕ بروٚنٛہہ کال بے مانے چھِ سپدان ۔ برٚچیہ ہأو چھُ اومس لول بران لیکھان ۔

اکار پتے وکار بوٚدُم — مکارہ سپتی لج کنہ رس وچھ

شلوک-17

ترے کارنہ پتہ سوٚہم بوٚدُم — بالہ یارس دوہ کھوٚروٚم پان

یا- از دوت ژُچھتھ آنند آم     آنند گیتہ سے کرِ پرنام

صفحہ-31     اوم اوم پران اوم لوزمے     شاہ ڈلوشہٹ مے از صبحہ دمے

ادوٖیژ زان پرآوُنہ خاطرِ تہٖ الفہ کہِ کُنرُک مانے زانُنہ با پتھ ژُھو شاعر کیتھ ژُھ دلیس ونہاتھ کران ۔

دوم چھس ادوٖیژ زان کرناوتم     پسپر از باوتم سپر پنہا

صفحہ-63     الفہ کہ کُنرُک مانہِ پرناوتم     پسپر از باوتم سپر پنہا

حالس یتھی بے حال پراران     رازِ ہوشنز گاران یارِ حالس

زِ یتہِ تی بہ یتہِ تی ہو۔ لوزناوتم     پسپر از باوتم سپر پنہا

شرعیہ تأنی ژھُ ادویتہ وأدی فلسفس سیٹھاہ متاثر کورمُت ۔ سوہم پرکاش گیان یا علمِ لدنی ژھُ تیہندِ ذہنک پرتھ گوشہ گاشہ راوان ۔ وحدت گو ادویت یتھ منزہ بشیر روزِ۔ اسی ہیکو ادویتہ وأدی فلسفس وحدت الوجودک فلسفہ یتہ ونہاتھ ۔ تس ژھُ یقین کہ ادویت وادی احساس ژھُ پرزہ گارِتچ وتھ گاشہ راوان ۔ لقولِ شمس فقیر ۔

ہم سو، سوہم پران زان تھاوِتھ     شئے وَن گوم شش گالِے

روشن مینہاتھ امرہ یتھ زینہاتھ     پرگاش ژھِم گاشالِے

صفحہ 422-423     اوم شمر اویتھ شمس فقیر ژھُ پراوِتھ     زلوے کرِم کیھوالے     کأشُر صوفی شاعری جلد-۱ ترتیب نکار ساقی

است زانیتھ ست سنگ پالیتھ     رازِ ہوشنز ہشری تارِ موخیتہ مالِے

ادویت زانہِ نے گو دوگنیار مُشرِتھ اگنیار ورتاوس انُن ۔ سوہم گارِتچ کل ژھ

اَحدزرگرس تہِ سہٕٹھاہ شُنز تہٕ گُنی ۔ رتم چھ ونان ۔

بےٚ چھُس موٚے خانہٕ پیمانے     بےٚ چھُس ساقی ہیتھ سَرشار
بےٚ چھُس باگران معرفت موٚے     اکہِ لوٚ کتےَ گژھ بیدار
بےٚ چھُس شمع تہٕ پروانےَ     بےٚ چھُس گاشک بانی کار
بےٚ شمس و قمر پرٛزلانےَ     اکہِ لوٚ کتےَ گژھ بیدار

'سنگلاب' راہی ۔ شفیع شوق صفحہ نمبر 204

برٛچہٕ ہالپن اَدویت واَدی باوتھ تہٕ چھےٚ وُچھنہٕ لایق ۔ لیہ یتھ چھُ سہٕ اُندری اُندری مان سرس منز راز ہوٚنز ہنز وُڈو وُچھان ۔

ژٕرِ تی بے ہتی ہو لوزِ ناوِ تم

یا پیمبر از بادِ تم ہمبر پینہا صفحہ - 63

اُلفہٕ کہِ کُنرے اُچھ لچہ درےَ     اُلفہٕ کہِ سٕنرے اچھُر اَو
کُنہٕ سےٚ کنہٕ باٹھو ونہِ راہ کرے     ذَرے ذرےَ چھےٚ دیدار

صفحہ - 21

نفسہِ شیطان چھُ سالکہٕ سٕنزِ وتہِ سیٹھاہ سہٕ ٹھوٚرلیُس یُمِس گاشلِس مَنز تہٕ گٹہٕ زوٗل تلان چھُ ۔ پنُن پان کاتِہ انُن گوٚ زِندےِ مرُن تہٕ یوٚہے گوٚ ئیشرےَ نگرہ ۔ دُنی یاوی طماہ چھُ دراصل سادھنایہِ ہنزِ وتہِ ہنٛدی ٹھرٛ تہٕ یمہِ دَزِ وُلس نارس دوٚہ دِتھ پنُن کھوچر زول سُے چھُ بنان پاسہٕ سوٗن ۔ اسلئے کینٛہہ پرٛاوُنہٕ خاطرٕ سوٗرے راوِ راوُن چھُ نہایت ضروٗری ۔ میٚون اِشارٕ چھُ قناعتِ نفسَس کُن ۔ برٛچہ ہالی چھُ دُنی یاوی طمعَس لتہٕ دِتھ نفس کاتِہ اُنتھ پنُن پان تہٕ اَسُن کھوٚچہ کھارِتھ جِسمہِ لوان تہٕ پان سَہر کران ۔ دوٚلی چھُ یمِس دوٚد تہٕ آب بیوٚن بیوٚن باسان تہٕ لامکان مُشِہ مَس موٚدرٕ ساز چھُس کُنَن گٕنگہٕ راے تلان ۔ وُچھ لَو تہِ تہٕ شِدِ وُننہٕ مُطابق پرہیزگار گُس گوٚ ۔

صفحہ-۶۶ - پاَنژھ ژۄر گاٗہِن کمہِ ملہِ والہِن
دوٗن اَدِ کُن گوم دۄن گوم یالے
سہ چھُ ساٗنِکس حقیقتہٕ باوِتھ یِتھ جیسہِ اَنان -

مایایہِ ممتایہِ کُنہِ لو چھےُ اَنٛد
صفحہ - 58 نفسہِ نَردَے مو گژھ بنٛد
اکہِ الو گرٛیہِ سیتی آشنٛد گن گوم
نوٗن گوم لنفرے نوٗرانےٗ

گاشہِ پھٹتین ہنٛد نیب دِوان چھُ جناب محمد یوٗسف ٹینگ صاَب لیکھان -
"برٛجہِ ناٗلی ہنٛدِ بیہہِ جھومکُ زبر پہلو چھُ یہِ زِ یہِ چھُ کاٗشرِ زبٕلوِ ہنٛدِس تتھ رٕوٗلِس منٛز لیکھنہٕ آمُت یُس صاف تہِ چھُ شوٗد تہِ چھُ تہٕ ساد تہِ - کِتابہِ منٛز چھُ کاٗشرِ زباٗنی ہنٛد مرآزی لہجہِ ٹیس بیہھٕ تہٕ اَتھ منٛز چھُ نہٕ کُنہِ یارِ کنٛڈِیکُ یا کاٹھٕ کانہِ ہنٛد کانہہ ترس موٗجوٗد"۔ یہِ چھےٚ ممی کتھ کہ زباٗنی ہنٛد ورتاو چھُ یتھ وژن سوٗمبرنہِ منٛز لوکہٕ مٕتس تہِ ہمت لِوان تہٕ عشقہٕ والین تہِ اَنٛدرٕ نار وُہہٕ ناوِتھ بے قرار کران ووٗتی گو اِصطلاحی شبدن ہنٛد اِستعمال چھُ لولہٕ والین کُنہِ بے چینی یا نے اِظطراب یادٕ کران تہٕ کُنہِ مُشکہِ بدٕجہِ ہنٛدِس بتہٕ میٹھٕڈِس منٛز دندس تَل آمٕتِ بچہِ کنہِ ہنٛد کرٕچ کرٕتھ اُف اُف کرناوان - یِم اِستلائی شبد چھِ بھارتیہِ درشن تہٕ صوٗفی سادھنایہِ دوٗ شوٗدی سیتی والبستہٕ - لیکن یتھ کتھِ منٛز چھُنہٕ کانہہ شک زِ برٛجہِ ناٗلی ہنٛز بیشتر شبد ژآر اِمیجنہٕ

تہٕ سمبالنہٕ ۔ لوکہٕ باوَتھ ہیوٚ ہیوٚ تہٕ لولو چھ تِہنٛز تخلیقی قووٕژ ہنٛز زبر پاٹھۍ ترجمانی کران ۔ ڈیٛنۍ کھوٚوٚری کیٛنہہ تہٕ وۄزُم تِلہِتھ چھُ بٔرِچہ ناکۍ پننہِ ہٕنچہ باہہ ترچہِ زانٛہہ تھ شار سوٚ راں ۔ گران تہٕ گیوان ۔ لوکہٕ سنگیت ، لوکہٕ ساز تہٕ لوکہٕ لۓ چھ بٔرِچہِ ہالنٛین وژنن لوکہٕ مِتس نکھہ اُنٛتھ لوکہٕ لوکُ حق دار بناوان ۔ دراصل چھُ سنگیت شارس اَمر بناوان بالہٕ ٹھنگین ۔ ہنٛجہِ مرگن تہٕ آرہ ہٹھین ہِٹھٕ ہِٹھٕ لولہٕ والین ہنٛدِ ہٹہٕ گیوناوِتھ اِلسانس تہٕ پٔزکرتھ اَکیسے رزِ گنٛڈِتھ چھُ سنگیت وُزناوان ۔ یہ ہنٛدرہٕ ہیٚکہٕ غفلتٕچ ہنٛدر تہٕ آسِتھ ۔ بقولِ ٹیٚنگ صاب "ییمن باتن زن چھ کوٚشُر سنگیت قطرٕ قطرٕ پیٚرِڈان تہٕ مےٚ چھُ واریاہتھ زِ ہر گاہ یے ییم سازس کھارنہٕ ین ییم انن لوزن والین مزر" ۔ زبان لولہٕ والین ییٚلہِ کنہٕ میٖل سیٚدان چھُ سوٚ وِزِ چھ دراصل تِہنٛدِ آرزو ہنٛد میوٚٹھ پھل آسان ۔ دوٚن چھُ سیدان میٖل تہٕ کُنۍ قطرٕ چھُ رلان دسہٕ ڈلِس تہٕ گرزٕ ڈلِس اَرس منٛز تہٕ پھیٚنٛرِیک وجوٗد چھُ لبان سمندرٕچ وُسعتھ ۔ زِندگی چھ کھسان رکھہِ تہٕ زنن چھُ برٛاوان وکوٚنٛہہ گتھ ۔ شاید چھُ اَتھ سانٛتس ییٚتھہِ لول بران ۔

اَز ہے آم جانانہٕ یار  بوشن کرسے مالہٕ تے
یٚژ کالی دِلکۓ دل قرار  بوشن کرسے مالہٕ تے  صفحہ ۹۵
لوٚت ہے گوم دِلکۓ بار  بے عارس عار آم تے
لوٚت ہے چھُم عشقُن نار  بوشن کرسے مالہٕ تے

با

توحید زوٗنم تقوا بوٗدُم    توکل بروٗدم پانس مَنز  
لوبُک تاشیر کوٗتاہ سوٚن گوم    نوٚن گوم نظر نوٗرانے

کدیچہ - ۵۹

یِتھ سوٚمبرنہِ منزٕ چھِ عشقہٕ دَگ ظیس یِہِنٛدٕ ۔ ڈرامائی اَنٛدازس منزٕ چھُ سہٕ کیتھ وَنان یارس شیاچھِ سوزان تہٕ عشقہٕ تِیبہ ہُشہ اکھ اکھ مالہِ پھوٚل اَنٛدری پھران ۔ لولہِ للہٕ وُن لولہٕ نار چھُ وُہہ وُن تہٕ جانانہٕ ہنٛز کل چھِ دوہ کھوتہٕ دوہہ گتان ۔ گتان تہٕ گتان ۔ یِرِتھ وُزن چھُ مزرِ تلوٚلہ کیفیت پیٲدٕ کران ۔ عشقہٕ والین ہنٛز آہ زاری ۔ بے قراری ۔ خمار چشمن ہنٛز تلہٕ تراو لوٚت لوٚت باوتھ تہٕ وُتھ کُمجار دُسی لیقرار ۔ لوٚبک وِچھِ نار تہٕ گچھِ کُھڑِ بالہٕ یار کیاہ کیاہ چھینہٕ نظرِ گژھان ۔ چینٛنچ تہٕ جاوِچ چھینہٕ کیتھے کانٛہہ ۔ سُہ چھُ بالہٕ یارس سالہٕ اَنِتھ پیالہٕ بردٲری کران ۔ ژھاین تہٕ گراین پان چھینبہِ دِوان ۔ لِبس خمٲری چشمے چھِ اَنٛدرِم حال بیان کران ۔ زانن ووٚلے زانہِ یہِ دَگ تہٕ دود ۔ عشقن سِتم ۔ گاہے برمندہ نِن اَنہِ گوٚٹہٕ تہٕ گاہے گژھِ ژلس منزٕ جانانہٕ شُہِنٛد نوٗرٲنی بُتھ ۔ یِرزلہ وُن موکھ ۔ نوٗرِ ظہوٗر ۔

یِتھ پاٹھی چھِ سوزِ جگر میوٗن بَرجِ ناٹی ہنٛز اکھ زلوٗ یِہِنٛد ناوہِنٛز لایق تخلیق ۔ یِتھ منزٕ صوٗفی فلسفک سِرٕ تہٕ ویدانتک گاٹہٕ جار دوہ شوٚے یِکوٹہٕ درٲنٛٹھی چھِ گژھان ۔ روٗحانیت تہٕ عشقِ حقیقی دوہ شوٚے چھِ اَمہِ سوٚمبرنہ ہِنٛدِ ین وُزن باٲتن موضوع، زنگی اَہم بناوِتھ کھنزِ نختان ۔ برجِ ناٹی چھُ شوٚرو یِہِنٛد آخرس تام آشندہ سُدرس مشدان روٗدمُت ۔ یہِ اَتھِ آس تہٕ چھُن وُزن باٲتن منزٕ ویژھنووُمت ۔

شُدرِ مشداں پڑوو دِو تاہو آمرہ ہتھ - وہ لشنوہن لکھشمی تہ شوس آو باگیہ ہلاہل - زہرِ قاتِل - یون تہ شُپد نیلہ کنٹھ - بڑجہ ناگی تہ چھُ مشداں لولہ شُدرِ تہ شُدرہ مُنڈِہ نشٹو تہ نارہو بِچاں آما آمرہتھ کینہ ہلاہل سہ زا نہ تسُشد یان مئے یاسان دو شوے -

۱۲ فروری ۲۰۰۳ عیسوی -

# شُہُل نار

[موہنی کول]

## اَکھ جایزٕ

شرٛدھایہٕ تہٕ لولس ییٚلہِ مِیُل چھُ گژھان بھکتی چھِ وجوٗد لبان۔ شرٛدھایہٕ منٛز شرٛدھے ہٕندین گوٗنن ہُنٛد احترام تہٕ لولس منٛز مایہ ہٕنٛدٕ شٔنیر دوشوٕے چھِ یکوٹہٕ زٕلِتھ بکھتی یاوس ییوان جَران۔ لولکُ وِچھ وُشنیر تہٕ شرٛدھایہِ ہُنٛد آنٛدالو بھو بکھتی منٛز ینٛدرہ دٕز ناوِتھ تہٕ شُدرٕ بُھٹھی بُھٹھی ساٗرِ کرناوِتھ فرشتہِ بِیِھ عرشس کھاران۔

بکھتی چھُ اکھ سماجک بادیتھ منٛز بکھتی الیٛٹ تہٕ بھکتی ترشوے زٕلِتھ پرم آنندچ رژنا کران چھِ۔ بکھتی چھُ دیہِ ناوس ہر وِزِ لول بَران، ارپن سپدان، شِیر لوٗش نِچھاوٕر کران تہٕ الٰہشر ہُنٛز جبر یٔراونہٕ خاطرٕ دراِنتظار روزان۔

آلی ناش گژھینہٕ پتہٕ چھ گرِہ نیبر کاشرِ شاعری مَنز نٕہ اہم نِہجہ پرن والین ہُند ذیان آکرشت کران۔ اکھ گیہِ ولسھا پنِہ شاعری یتھ مَنز سون راون پتول دِلہِ جگرس ویہہٕ چھُ تلان تہٕ جلود بھوی ویناش لیلا اِنسانٕکی قدرن کھوٹ زد کران نظرِ چھِ گژھان۔ دویم چھُ بکھتی شاعری ہنٛز نِہج یُس سہ وار یاہ کال پیدِ یتھ ڈیار۔ شُدو مید جدید کاشرِ شاعری رُوحانی تجربن ہنٛزِ باوُژ تہٕ دیِہ یوٗزِ ہُند وزٕون اَگر بناوان چھِ۔ یہِ چھِ اکھ نیک فال رُت شوگون۔ اِنسان ییٚلِہ پنہٕ نِس کھوٗٹھ زد وجودس پیٹھ سوچ چھُ ہیوان کرُن تس چھُ پینٛن آسُن گرزٕ وُنس آرس منٛز پیر وسہ ڈیتہِ نادِ ہُندی پاٹھو تباہی ہیٚندِس بُتھی پھِری آیہ بلیس کُن دوان باسان۔ سُہ چھُ خوف زد پیدِ دلیس ناد لایان تہٕ عالہِ ہزو جٹمو دیِہ ہُندِ الوگرٛیہہ خاطرٕ مُنتظر روزان۔ للِہ سہزا ننٛدس (ننٛدرٕشیس) پرماشندس۔ رو پہِ۔ کرشن راز دانس تہٕ لکھمن بُلبُن یاد کران تہٕ اپشر مایہِ ولینہِ یوان۔ وُچھوَے تہٕ پرٛتھ کانٛہہ چھُنہٕ ہیکان تنیٚشرٕ وِ قربہٕ ڈاٗیتھ۔ للِہ زوپ تہٕ اَمریتھ پرٛوُن۔ روپہِ ژوپ تہٕ سون ٹیپر۔ سہزا نندن۔ ننٛدرٕ ژلیشی زوپ تہٕ اپشر لوبُن۔ ننٛدرامن ژوپ تہٕ پرماشند بُند۔ پرکاش رام کرُی گامی زوپ تہٕ رام سپُد۔ پرٛتھ کانٛہہ چھُنہٕ لال پرزٕ ناوِ نہٕ سکت آسان (सामवेद शा...)۔ جوہری چھُ کھلے کانٛہہ بنان۔ دیان دیِہ ہنٛز دیِہ گیتھ چھِ ضوٗرٕ دیِنہٕ والِہ پگہچ ژینہٕ وَن دِوان۔

یتہٕ مین ژواہن وُری ین مَنز چھےٚ جدید کاشرِ شاعری مَنز بکھتی کاوِچ اکھ زور دار لہر ساہن وُاراگی ذہہنن شہجار بخشان۔ باسان چھُ سورگہِ دھارِ پیٹھ

چھ سوامی پرمانند۔ کرشن جو رازدان تہٕ ماسٹر جی نہو لولہٕ ہتھ آو وہاوتھ سائنس
اَزکل کس بھکتی شاعرس مائہ پھران۔ ۱۹۹۰ عیسوی پتہٕ کشیرِ ہندین بھکتی شاعرن
مَنز چھِ کینہہ ناو زیوِ پیٹھ ہینہٕ لایق۔ شری پرتھوی ناتھ کول
سائل۔ ڈاکٹر امرناتھ در [درشن ۱۹۹۳ عیسوی] سورگیہ نرنجن ناتھ سُمن [ستشکل
۱۹۹۸ عیسوی] شری پران ناتھ بٹ غریب [شُنجی ونی ۲۰۰۰ عیسوی] شری کاشی ناتھ
باغوان [اَچھر گوٚندٕ وہتھ تہٕ لیلا یہ ۲۰۰۱ عیسوی] شری پریم ناتھ پریم [مہالٕ سمرن
۲۰۰۱ عیسوی] سوٚرگہٕ واس سپدنہٕ پتہٕ شری مدسودھن رازدان [مادر یہ گرا ۲۰۰۲ عیسوی]
سوٚرگہٕ واس سپدنہٕ پتہٕ بوٚگوم کولہٕ گامیک پنڈت ولیشنہٕ رازدانن لیلا ساگر ۱۹۹۹
عیسوی* وغیرٕ وغیرٕ۔ امہِ علاوہ چھُ پریم ناتھ شاد مائہنہٕ لیلا سنگرہ وندنا تہٕ
بدری ناتھ ابھلاش مائن لیلا سنگرہ کھیمالوش چھِ وُنہِ کینہہ چھاپ سپدان
تہٕ جلدے واتن اَسہِ تام۔ یتھے کنٕ چھِ زنانہٕ شاعرن منز تہِ کینہہ ناو زیوِ پیٹھ ہینہٕ
لایق۔ سوٚرگہٕ واس سپدنہٕ پتہٕ بھوانی باگیہ وان پنڈت ہُنٛد منہ ہمپوش ۱۹۹۸ عیسوی
شریمتی ہملا رینہٕ ہُنٛد رلیشی مالین میون ۱۹۹۸ عیسوی تہٕ شریمتی گرجا کولہِ ہنٛز
گورو دکھشنا ۲۰۰۲ عیسوی۔ شریمتی جیا سبھو رینہٕ ہنٛز ماترِک بجھن دیپکا ۱۹۹۵
عیسوی کشیر شکھتی واد پرکاش اجمیر تہٕ ووٚنی شریمتی موہنی کول ہُنٛد بھکتی کاویہ سنگرہ
ستہل نار ۲۰۰۲ عیسوی منز چھاپ سپُد تہٕ از چھُ امیک وِموچن یا لوکارپن یا
رسمِ افتتاح लोकार्पण سپدان۔

* شری جواہر لال سرور سُنٛد "ستھو اسے نمہ اوم"

شریمتی موہنی کول چھےٚ سوٚرگیہ پنڈت دیا کرشن درصاٲبنی کوٗرٕ ماجہِ اوسُس ناو
راج رٲنی۔ زاسنہٕ چھُس ۱۹۳۸ عیسوی۔ بیہ ہُند بجرٕ تہٕ ماجہِ راج رینی درا بدرٕ دیلہٕ ہُند
وچھ وُتھیٖر اوسُس ڈٲکھس۔ اٲٹھم جماعت پاس کرنس پتہٕ پتہٕ کوٚرُن رتن تہٕ بھوشن تہٕ پاس
مٲنی کوٚرُس کھانٛدر پنڈت امر ناتھ کول صاحبس سیتۍ یم پیشہِ کِنۍ اکھ نامور انجینیر چھِ۔
کشیٖرِ اَسی شتہٕ یارحبل کدلہِ روزان تہٕ وِستھاپت سپدِتھ چھِ از نیو پلاٹ جموں روزان۔
زِندگی مَنٛز چھِ از بروٚنہہ ۳۰ وری اَتھ پرِوارس اکھ حادثہ پیش آمت پیٚلہ یِہنٛد ۱۳ ؤرُر
ترہیم سنتان لیُس تمہِ وِزِ اٹھمہِ جماژ اوس پران سپُد ڈیلس لوٚتھ۔ موہنی روٚٹ اَلتیر شُد
دامن تہٕ ادھیاتم سوٚرُن۔ سادھنایہِ مَنٛز ژٕٹُن وَتھ تہٕ سفرس مَنٛزِتھ اَنٛدری اَنٛدری روز
پرژنہٕ ناوان ادھیاتمہ پرکاش۔ نوٗرِ الٰہی۔ سویم پرکاش۔ سوہم سوٚ۔ دیان اَتھ وتہٕ پیٹھ
روٗدُس وتہٕ ناوٗک زِیٹھ بوۓ۔

ڈاکٹر امرناتھ درصاحب یِمِس موہنی جی بنٛن روٗحانی گوٗرو ونان چھےٚ۔
شِہل نار بھکتی کاویہِ سوٚمبرن چھےٚ جیوتی پرنٹرس بٹوٚلی جمہِ پیٹھ چھاپ پینٛمٕژ۔ شری
تیج کرشن شِشو صاحبن چھُنس نفیس تہٕ بامانے سرورق تیار کوٚرمُت۔ لوسہٕ ؤنہٕ میری یہ
مَنٛز پروٚ ژواپاری شیٖہلتہ تہٕ شِہجار۔ کمپیوٹرس پیٹھ کھارِ کِتاب رِنکو کول صاحبن۔
صفحہِ چھِس ۲۰۴ تہٕ موٗل پنٛژاہ روپیہ۔ "لیس کل گنہٕ" عنوانہٕ چھس گوڈٕ کتھ کوہنہ مشق شاعر
تہٕ لِکھاری تہٕ شاعرٕ شری پرتھوی ناتھ کول سائل صاحبن لیچھمٕژ۔ سوٚمبرنہٕ مَنٛز چھِ کُلس پیٹھِ
۱۱۵ بجن۔ بَیتھ۔ لیلایہِ۔ وژن۔ نظمہ تہٕ ژُبدٕ۔ کوِتری چھِ پانہٕ یہِ سوٚمبرن ژوٚن

حِصَن مَنٛز تقسیم کرٕمٕژ ۔ گوڈنِکِس حِصَس مَنٛز چھِ بھکتی گیت ۔ دوٛیمِس حِصَس مَنٛز موٗقیانہٕ آہنگہٕ لولہٕ بٲتھ ترٛیِمِس حِصَس مَنٛز شکھتی پوٗزا یِہ ہیٚنٛز وَکھنے تہٕ ژوٗرِمِس حِصَس مَنٛز کیٚنٛہہ نوٗی اظہار ۔ کیٚنٛہہ موٗلِک پریوگ تہٕ وِستھا پیٚنٛہہ شٲیِری ۔ کیٚنٛہہ بٲتھ چھِ یِم موٗشری مایہٕ ولنہٕ یِتھ تہٕ ہٕنٛدی لولہٕ وُشنیر سیٚتی لیکھمِتی ۔

موہنی جی ہٕنٛدی بھکتی کاوِچ اکھ خصوصیت چھےٚ یہِ کہِ یِہ چھےٚ ایٚشرس سوٗمنہٕ شرن سپدِتھ آنند شُدرس بُکھ واتنہٕ مُسلسل کوشش کران ۔ سو چھ رِتوش تہٕ پوٗزان تہٕ راج رہِتھ تہٕ پاد چھلان ۔ ژھالہٕ مارُوتس بالہٕ کرشنس موٗہِ میٹھی کران تہٕ عشقہٕ نارٕ ڈٕزِتھ لولہٕ ہٕنٛتی آلوہٕ دِوان یِہ چھُ عشقِہ حقیقی یُس عاشقس لولہٕ لول للہٕ ڈوٗنہٕ خاطرٕ بے قرار کران چھُ یِہے گیِہ سمنوے وآدی بکھتی یِتھ مَنٛز نِرگُن تہٕ سوگُن رِتوٗ تہٕ تکھتی گیان تہٕ کرم ۔ پرکاش تہٕ لول ۔ رام تہٕ کرشن بکھتی شِندِ بھکتی ہٕنٛد موٗل آدھار بنان چھُ ۔ بکھتی چھِنہٕ تُلسی داس یا سوٗرداس یا والمیکی یا پرکاش رام کُرٛی گامی یا شمس فقیر ہٕنٛدی پٲٹھی کُنہِ خاص ناٹکہِ گُنٛڈس گنٛڈٕنہٕ یِوان ۔ بے نہٕ چھُ ہیٚنِس مَنٛزلس تام واتنہٕ خاطرٕ پرٛتھ اَنٛدٕ دونٛدٕ منٛزِ نادلاوان ۔ باوتھ کران ۔ پان ارپن کران ۔ لول باگران ۔ شیر پوش لاگان ۔ جیٚنٛہٕ دھران ۔ اَستہٕ وانہٕ وَتہٕ چھلان تہٕ جانہٕ تُرزِ نِچھاور کران ۔ یوہے گو بھکتی مَنٛز آتم سمرپن یانے پوٗرٕ پوٗرٕ پنُن پان چھیمہٕ دِیُن ۔ پنُن وجود نِچھاور کرُن ۔

بھکتی مَنٛز چھِ بیاکھ کتھ سیٹھاہ اہمیت تھاوان یَمیُک پتیتھ ذکرِ چھُس پتھان

کرِنہٕ تہٕ سہ گوٗ گوٗرِیانے وتہٕ ناوٕک ۔ گوٗرس ورائے ہیکہٕ نہٕ ٹھکھتھ سادھنایہٕ ہُنز وتہٕ اکھ قدم تہٕ ہیکِتھ ۔ گوٗرچھُ سرتلہِ سوٚن کران ۔ اَنہِس اُچھن گاش انان ۔ گنتن فُٹہٕ کڈان تہٕ وتھ کھُرکاسان ۔ گوٗرچھُ ٹھکھتس دیہ وتہٕ لاگِتھ بینٔ پان پرزناوِچ کل کڈان ۔ وجوٗدُک احساس بخشان ۔ اَتھہٕ رٹِتھ شاٹھن تہٕ ہٹھبن اپوٗر تاران ۔ فرشتہِ پیٹھہٕ عرشس کھاران ۔ کرٛوٗر کھٕنہٕ ناوان تہٕ لوٗر بریزناونک حوصلہِ دِوان ۔ سہ چھُ ترِن بھوونن ہُنٛد واقف کار آسان ترکال ڈرِشٹا ۔ غرض گوٗرکرِ پایہٕ چھُنے ہیٚدی مالِ سیدان ۔ ڈِچھ تو موہنی جی کِتھہٕ چھے گوٗرس وندنا کران ۔ ترِن سپدِتھ پرِنٕ پیوان تہٕ گٕلی گنڈِتھ وینتھ کران ۔

اَسمانٕ دِیُھون حاناوارا گوٗرہ مولا چھُم وتھ ناوان
<br>صفحہ - 8 سارِنی کرُون سُے ہیت کارا گوٗرہ مولا چھُم وتھ ناوان
<br>ترِن بھوون سُے واقف کارا ساتہٕ ساتہٕ چھُم سُے وزناوان
<br>گیانہٕ گنگا چھس چلہٕ ٹِی دھارا گوٗرہ مولا چھُم وتھ ناوان ۔

کٔشیرِ ہندی ہیتہٕ وتہٕ بیٹھہٕ آمتی شو فلسفہ سیتی متاثر سپدِتھ تہٕ شوس بینٔ آدِ دیوتا نیتھ چھِ سوٗ شنکرس بینٔ زوٗ وندان ۔ آرہٕ ہرُو خشمو وہنتھ براَت تہٕ منہٕ ناوان تہٕ گیانہٕ سہ چھُنا ساتہٕ خاطرہٕ اَنتہٕ لوٗش اَتی توٚت تہٕ اُتی نتھل ۔ اَتی گوٗسوٗنی تہٕ اُتی شوبہ ہُن مہارازٕ اَتی کائناتٕ وسعتھ دِوان تہٕ اَتی ترِنیتر کھولِتھ تانڈو کرِتھ سمہار کران تیشنز لیلا چھ اَپرم پاریانے اَنتھہٕ روٚس ۔ ٹھکھتی چھُ ہزِ منہٕ بینٔ سوٗرے آسن تس پیٹھہٕ نچھاور

کراں تہٕ داسہٕ یاوس منٛتر یادٕ کوٚسم تس شیٖرِ لاگان ۔ داسہٕ باوچہٕ بکھتی ہنٛد اکھ لوٚبہٕ
وُن رٕپ چھہٕ وُچھن لایق ۔

شنکر آیہٕ سے لو یوٚتنے گر — بر منٛترا وتم منٛشہٕ راوُھس

صفحہٕ 17-16 — کوٚت کال پراے گرٕ ھنے نذر — بر منٛترا وتم منٛشہٕ راوُھس

زاہٕ پاہٕ بوزتم ناھ گنگادر — بھکتی ہنٛد موٚل زانہٕ ناوُھس

موہنسو لوگرشیہہ کراں روزہری ہر — بر منٛترا وتم منٛشہٕ راوُھس

سوٚہم زانن گوٚ پین تہٕ پرد منٛتر پتھ نبر بیپھٕ اندرٕ اُتھ یان پرزناوُن اہم گایتھ
سوٚہم وُزن ۔ شدرٕ منٛتر ہو لل لدرٕ پھوٚل ڈوٚنگہٕ دِتھ کھارُن ۔ یہٕ چھنہٕ دوہن ہنٛد
کتھ ۔ یہ چھُ گوٚر ماٲ سندِ اَلو گرشیہہ سہتی ہَنہٕ ہنہٕ کامن وُزان تہٕ وُزنی چھہٕ ایحساسہٕ
شق کرناوان تہٕ دلس تہٕ دیہس چھنہٕ کانہہ تہٕ فرق باسان ۔ دُوٚیت یاد
چھُ اندٕ واتان تہٕ اَدوٚیت چہٕ پتہٕ وسہتی چھہٕ منہٕ منٛدرکی ستوے پورناپہٕ وتہٕ لیوان
یوٚہے گوٚ لوٚنٕ حقیقہٕ یوٚ زرٕ وسہتی متور سیدُن ۔ سوٚہم زپٕ گوٚ یان پین مارُن تہٕ جانانہٕ
زھارُن ۔ موہنی جی چھے وَنان ۔

سوٚہم زوٚپ مے منہٕ پیٚے کھوٚٹ میے ۔ اَدٕ شو شنکر پرزٕ لوٚو میے
سیٚدھہ ییلہٕ واکھ گوم تیلی بوٚد میے ۔ اَدٕ شو شنکر پرزٕ لوٚو میے

صفحہٕ-22

منہٕ سرسے منٛتر شراں کرٕ لوٚو میے ۔ بھکتی بادٕ پوٚشوٚ شوٚبہٕ رووٚ میے
تُلہٕ تلہٕ لاگیتھ گاہ تراد لوٚو میے اَدٕ شو شنکر پرزٕ لوٚو میے

